یونیورسٹی تحقیقی رسالہ

# انہار

۲۰۰۱



نگرانِ اعلیٰ : شفیع شوق

مجلسِ مشاورت :

- شاد رمضان
- محمد شفیع سمبلی
- رتن تلاشی

ایڈیٹر :

- قاضی ظہور

معاون :

- معراج ترکوی

کاشُر ڈپارٹمنٹ، یونیورسٹی آف کشمیر، حضرت بل سرینگر

# ترتیب

# سَرنامہٕ

تقابلی ادب چھُ وۄنی عالمی ادبس منز اکھ مُستند تہٕ خود کفیل علمی شعبہٕ بنیومُت تہٕ وارِہِن یونیورسٹین منز چھِ اَمِیُک اہمیت پرزناونہٕ یِتھ اَمہِ شعبکی الگ ڈیپارٹمنٹ قایِم آمتی کرنہٕ۔ یِتنہٕ یِتھ یونیورسٹی منز کوٚر کاشُر ڈیپارٹمنٹن یرُس اَتھ موضوعس پیٹھ گوڈنکہِ پھِر اکھ سےٚ روزٕ سیمنار یِتھ منز وُہ یَنٛٹھی مقالہٕ پرٕنہٕ آے۔ سیمنارس منز کرٕ لوٚہ وادی ہندٕ لوٚ وارِہو ادیبو تہٕ دانشورو شرکت تہٕ مقالن پیٹھ کوٚرُکھ بحث۔ اَمہِ سیمنارُک اکھ رُت نتیجہٕ دراو یہِ زِ ' اہنار ' کہِ یِیمہِ خصوصی شمارٕ بایِتھ سیٚد مواد جمع لُس سانِہِن طالبِ علمَن ہندِ ضرورت کنہٕ حدس تام پوٚرٕ کرِ۔ بیٚتِن چھُ یہِ تہٕ یاد پاوُن ضروری زِ تقابلی ادب چھُ اَسہِ یرونٛھے ایم اے کس نصابس منز اکِ الگ کورسہٕ رٛنگۍ شامل کوٚرمُت۔ اَتھ سیمنارس منز ہاو سانیو لیکھن والیو رِسرچ سکالرو تہٕ طالبِ علمو تیٚز داہ دلچسپی زِ اُتی آو فاصلہٕ نہٕ زِ اَمہِ موضوعکین بیٚنہٕ کینژن پاسن پیٹھ یِیہِ یہُس تہٕ اکھ سیمنار منعقد کرنہٕ۔

تقابلی ادب چھُ اکھ نوٚو تنقیدی شعبہٕ اَستھ تہٕ سیٹھاہ پرون تصور میتھو آرنلڈن دیُت اتھ ۱۸۴۸ ہس منز یہِ ناو، نہٕ زن چھُ پرزریہِ زِ پرِتھ کانہہ ادب پارٕ چھُ بنہٕ فطرژ کِنی تقابلی نوعیتہٕ ہُند آسان تکیازِ یُس تہٕ لیکھن وول یِتھ تہٕ زبانس منز لیکھِ، سُہ لیکھِ کُنہٕ نہٕ کُنہٕ زبانہٕ منز تہٕ تتھ زبانہٕ آسہٕ پنٕنی ادبی روایت۔ پرِتھ کانٛسہِ

انفرٲدی تخلیقکارٕ سٕتۍ انفرٲدی تخلیق چھےٚ اٲسِتھ کیٛنہِ تخلیقکارٕ سٕندیٚن بیشترٕ وَن تہٕ ہمعصرن ہٕتۍن بے شمار تخلیقن ہٕندِس تقابلس منٛزٕ لیکھنہٕ یِوان تہٕ پرٕن والین ہٕندِ طرفہٕ قبوٗل کرنہٕ یِوان۔ یِتےٚ یوٗت تہٕ پرٛچھ کانہہ تخلیق چھےٚ مقٲمی روایژن ہیٚتھ قٲیِم آسِتھ تہٕ عالمی ادبی معیارن تہٕ ادبی ترایِن ہٕندِس تقابلس منٛز پرٛنہٕ تہٕ پرکھاوُنہٕ یِوان۔ اَتھ منٛز چھےٚ لہٰذا مقٲمی روایژن، عالمی معیارن، زمانہٕ کِس سمٲجی تہٕ معٲشی صوٗرتحالس، صنفن، ادبی تہٕ فکری تحریکن تہٕ زبانہٕ ہٕندِس ورتاوس ہیٚتھ بجیٛچ گنجٲیِش تہٕ یِتھ کیٛنہِ چھُ تقابلی ادب اَتھ بین شعبی علم تہٕ لہٰذا تیوٗت وسیع زٲنتھ ہیٚتھ چھُ مسلسل لیکھنُک ضروٗرت ـــــ توقع چھُ اَہنارُک دردس شمارٕ دِیہ اَتھ مفید بحثس وُتش۔

پروفیسر شفیع شوق

# تقابلی ادب

## معنی، سکوپ تہٕ امکانات

پروفیسر جی۔آر۔ملک

CHAUVINISM HAS CRIED HAVOC IN POLITICS; IT HAS NO PLACE IN LITERATURE. THE CRITIC .... IS NOT A MAN TO STAY IN HIS OWN GARDEN. (GEORGE STEINER, LANGUAGE AND SILENCE.)

علاقائی تعصبن چھےٚ سیاست تباہ کرمٕژ۔ ادبس منز چھنہٕ امہٕ خاطرٕ کانہہ جاے۔ نقاد چھنہٕ پننہٕ باغس منز قاد روزان۔

(جارج اسٹائنر۔ زبان تہٕ خاموشی)

سنہٕ ۱۹۵۸ ہس منز کور الفرڈ گیوراڈن (ALFRED GUERARD) اکس مضمونس منز اعلان کہ تقابلی ادب گژھہ منسوخ کرنہٕ یُن تہٕ کیازِ سورُے ادب چھُ پانٔے پانے تقابلی آسان۔

ABOLISH COMPARATIVE LITERATURE BECAUSE ALL LITERATURE IS COMPARATIVE.

امہٕ اہم تنقیدی بصیرتک مضمرات سمجھنہٕ خاطرٕ چھُ ضروری کہ تقابلی ادب کیا چھُ زانُنہٕ برونہہ

گژھو اُسی یہ زانُن کہ یہ کیا چھُنہٕ ۔ تقابلی ادب چھُنہٕ تتھےٚ پاٹھۍ کنہٕ خاص ادبُک ناو یتھ پاٹھۍ زن مثلاً اُسی چھِ وَنان انگریزی ادب، کاشُر ادب یا فارسی ادب وغیرہ بلکہ چھُ یہ اکھ مخصوص نظریہ (APPROACH, POINT OF VIEW) تہٕ اکھ خاص طرزِ تنقید (METHOD OF CRITICISM)

تقابلی ادب چھُ اکھ کھوتہٕ زیادٕ ادبن ہُند یتھ پاٹھۍ مطالعہ کران کہ تمن ہُند ہشر تہٕ تمن ہُند اختلافات چھِ واضح گژھان تہٕ اَمہِ علمہٕ ہندِس نتیجس منز چھِ تخلیقی ادب پرکھاونچ صحیح نظر تہٕ بصیرت پادٕ سیدان ۔ حق چھُ یہ کہ یہ نظر تہٕ بصیرت ہیکہٕ نہٕ اَمہِ ورائے پوٗرٕ وسعت تہٕ گہرائی سان زٕ ہنِھ تہٕ پادٕ سیدِتھ ۔

اَمہِ برونہہ کہ بہٕ کرٕ تقابلی ادبس متعلق پننہٕ اَمہِ تعریفِچ کینہہ وضاحت یہٕ تھاو توٚ ہہ برونہہ کنہٕ اَمہِ علمہٕ کین کینژن ممتاز ماہرن ہنز کینہہ تعریفہٕ (DEFINITIONS) :

تاکہ میانہٕ کتھِ نیر زرا واش یمو ماہرو یم خیالات تقابلی ادبس متعلق ظاہر چھِ کٔرِی متی تم ہیکن موٹۍ پاٹھۍ دون قسمن منز تقسیم کرنہٕ یتھ ۔ اکھ گوو تقابلی ادبُک اکھ وسیع تصور یتھ بہترین نمایندگی ہنری ریمک چھُ کران ۔ سُہ چھُ وَنان :

COMPARATIVE LITERATURE IS THE STUDY OF LITERATURE BEYOND THE CONFINES OF ONE PARTICULAR COUNTRY, AND THE STUDY OF THE RELATIONSHIPS BETWEEN LITERATURE ON THE ONE HAND AND OTHER AREAS OF KNOWLEDGE AND BELIEF, SUCH AS THE ARTS ... PHILOSOPHY, HISTORY, THE SOCIAL SCIENCES ..., THE SCIENCES, RELIGION ETC., ON THE OTHER. IN BRIEF IT IS THE COMPARISON OF ONE LITERATURE WITH ANOTHER OR OTHERS, AND THE COMPARISON OF LITERATURE WITH OTHER SPHERES OF HUMAN EXPRESSION.

تقابلی ادب گوو کُنہٕ اکھ ملکچ حد بندیو نِشہٕ نیبر نیرتھ ادبُک مطالعہ کرُن تہٕ یہ ڈھُنڈن کہ علمہٕ کین

تہٕ، عتقادکین باقی مٲدانن مثلاً فنونِ لطیفہ، فلسفہ، تأریخ، سماجی علوم سائنس تہٕ مذہب وغیرہ بیٚنٛن ستی کیاہ چھُ ادبُک رشتہٕ ۔ ژھوٚٹ پاٹھۍ وَنوٚ یہِ کہِ یہِ گوٚو اکِس ادبس بیٚیس ادبس یا بیٚین ادبن ستی مقابلہ کرُن تہٕ اَمہِ علاوٕ اَمیُک تقابل انسٲنی اظہارچین باقی شکلن ستی تہٕ کرُن ۔

دوٚیم گوو تقابلی ادبُک اکھ نِسبتاً محدوٗد تصورٕیس اَتھ ادبی داٮ۪رس منٛزٕ تھاوِتھ چھُ وُچھان ۔ اَکھ جامع تعریف چھِ کلاڈ پیشوی ( CLAUD PICHOIS ) تہٕ آندری روسو ( ANDRE M ROUSSEAU ) یتھ پاٹھۍ پیش کران :

COMPARATIVE LITERATURE: ANALYTICAL DESCRIPTION, METHODICAL AND DIFFERENTIAL COMPARISON, SYNTHETIC INTERPRETATION OF INTERLINGUISTIC AND INTERCULTURAL LITERARY PHENOMENA, THROUGH HISTORY, CRITICISM AND PHILOSOPHY, IN ORDER THE BETTER TO UNDERSTAND LITERATURE AS A SPECIFIC FUNCTION OF HUMAN MIND.

تقابلی ادب : تجزیاتی وضاحت، طریقِ عمل، ہشر س تہٕ اختلافس منٛز مقابلہ کرُن، بین اللسانی تہٕ بین التہذیبی ادبی مظاہرن ہنٛز تأریخ، تنقید تہٕ فلسفہ کہ مدتہٕ جامع تشریح کرٕنی تاکہ ادب یِیہِ انسٲنی قلب وذہنچہِ اکہِ عملہ ہندِ زٕنگی بہتر پاٹھۍ سمجھس منٛز یتھ ۔

سانہِ زمانُک ممتاز تقابلی ماہر ( COMPARATIST ) رینی وِلک چھُ وَنان کہ تقابلی ادب چھُ تمام حدبندیو نِشہِ آزاد گژھِتھ ادبُک مُطالعہ کران تہٕ اَمی خٲطرٕ ساری اہم طریقہٕ مثلاً وضاحت، موٗلون وغیرہ استعمال کران ۔ یہِ چھُنہٕ ضروٗری کہِ یمن دوٚن یا دوٚیہِ کھوتہٕ زیادٕ ادبن ہُند مطالعہ کرو تِمن گژھِ کانہہ ٹاکارٕ ہشر تہٕ نوٚن تعلق آسُن ۔ یمن ادبی روایتن بظاہر کانہہ تہٕ تأریخی واٹھ آسِنہٕ تِمن ہُند تقابل تہٕ چھُ ادبی قدر وقیمت تھاوان تہٕ کیازِ عظیم ادب پارٕ چھِنہٕ فی الاصل تأریخی دستاویزٕ ( DOCUMENTS ) آسان بلکہ چھِ یِم ادبی تأریخی یادگار ( MONUMENTS ) آسان ۔ یۄہے وجہ چھُ کہ بینھو آرنلڈ چھُ وَنان کہ قانون فطرتکی پاٹھۍ چھُ اکھ قانونِ تنقید تہٕ ۔ تہٕ سُہ گوٚو یہِ زِ

EVERY GREAT CRITIC SHOULD TRY AND POSSESS ONE GREAT LITERATURE, AT LEAST, BESIDES HIS OWN, AND THE MORE UNLIKE HIS OWN, THE BETTER.

ہر نقادس پزِ کوشش کرٕنی کرٕ سہ کرِ پننہٕ ادبہٕ علاوٕ کم از کم
بٔنیس اکس بڈس ادبس پیٹھ عبوٗر حاصل تہٕ سہٕ یوتاہ تمہٕ سندِ
پننہٕ ادبہٕ نِشہٕ مختلف آسہِ تیوتاہ روزِ بہتر۔

یتھے پاٹھۍ چھُ کروچے (CROCE) یہ اصوٗل اکِہ عالمگیر قدرِ ہندِ حیثیتہٕ پیش کران کہ ادبچ تفہیم تہٕ اَمہ نِشہٕ حظ حاصل کرُن چھُ بالآخر تقابلی آسان۔ مائیکل باختین چھُ
FROM THE PREHISTORY OF NOVELISTIC DISCOURSE عنوانہٕ مضموٗنس منز
(WILLIAMOWITZ MOELLENDROFF) سُندِ یہ قول پننہٕ تائید ساں نقل کران۔

ONLY KNOWLEDGE OF A LANGUAGE THAT POSSESSES ANOTHER MODE OF CONCEIVING THE WORLD CAN LEAD TO THE APPROPRIATE KNOWLEDGE OF ONE'S OWN LANGUAGE.

پننہٕ زبانۍ ہُند صحیح علم ہیکہِ انسان تیلی حاصل کرِتھ ییلہِ سہٕ تژھ بیاکھ
زبان زانہِ یتھ نِشہٕ دنیا فہم کس گرفتس منز اَکھ نٔو طریقہٕ بدوٗن آسہِ۔

آرنلڈ یتھ قانوٗنِ تنقید وَنان چھُ، اگر ذرا سنرس گژھو تیلہِ چھُ سہٕ قانوٗنِ تخلیق تہٕ
گوئٹے، آرنلڈ، پاونڈ، یےٹس، ایلیٹ، پروست، پُشکن ٹیگور اقبال، جوائس تہٕ رِلکے ہوٗن
عظیم فنکارن ہُند ادبی کارنامہٕ چھُ اَمہِ حقیقتچ بہترین توضیح۔ یمن فنکارن ہُند ادبی کنویس چھُ
انتہائی وسیع تہٕ کُشادٕ یمیُک اکھ بوٚڈ وجہ چھُ یہ کہ یہنز نظر آسہٕ اکِہ ہے ادبس تام محدوٗد۔ عالمگیر
تناظرن دِژ یہندِس عالمگیریتس اکھ نوٚشان تہٕ حرارت۔

یہ چیز چھُ اَسہِ قدرتی طور اکس اہم موضوٗعس کُن نِوان سہٕ گوٚو ادبس منز عالمگیر،

ابدی تہٕ آفاقی عنصر تہٕ اَتھ مقابلہٕ تارٟیخی تہٕ وقتی عنصرن ہنز آمیزش ۔ ادبس منز چھ یم دوٚنوٕے عنصر اَکِس نامیاتی رشتس منز منسلک آسان مگر ادب چھُ بنان ادب یمن عالمگیر، اَبدی تہٕ مافوق الزمان (TIMELESS) عنصرن ستی ۔ یوٚہے مافوق الزمان عنصر چھُ تمن ابدی تہٕ عالمگیر علامتن ہُند آگرُ آسان یمن اَسی آرکی ٹایپ چھِ وَنان ۔ مثالہٕ پاٹھۍ یِیلہٕ اَسی سفوکلیز، شکسپیر سعدی، حافظ، غالب تہٕ للہ دید ہندین ادبی کارنامن سام چھِ ہیوان اَسی چھِ وُچھان کہ تم اَسی تتھے پاٹھۍ پننیو زمانو خاطر موزوٗن یتھ پاٹھۍ سانہٕ خاطر چھ اما پوز تہندین زمانن ہندی پرن والی اَسی تمن پننی پاٹھۍ پران تہٕ اَسی چھک پننی پاٹھۍ پران ۔ اَمہٕ تہٕ تمن لیُس ین رلاوان چھُ سُہ چھُ تہندین تخلیقاتن ہُند ابدی عنصر ۔ فرائڈن کوٚر وُہمہٕ صدی منز سفوکلیزس نشہٕ ایڈیپس کمپلیکس تصور حاصل تہٕ قدیم یونانی اَمی یہ ڈراما یمنہٕ جبر تیجہٕ روٗشنی منز پران ۔ ہیملٹس چھ تارٟیخی، اخلاقی نفسیاتی، وجودی (EXISTENTIALIST) تہٕ باقی واریاہ بیٚیہ جہتہٕ تہٕ تہٕ پرتھ زمانکی لوٗکھ چھِ اَتھ پننہٕ پننہٕ رنگہٕ وُچھان ۔ حافظ سُند :

> دریں چمن گُل بے خار کس نہ چید آرے
> چراغ مُصطفوی باشرارِ بولہبی ست

تہٕ لل دیدِ ہُند

> آمہٕ پنہٕ سوٚدرس ناوِ چھس لمان

ہوی شعر چھِ اَمہٕ نشہٕ واتان ، سانین سترن منز وسان اَمہٕ سبیہ کہ یم چھِ عالمگیر تہٕ اَبدی حقیقتو منز ووتلان ۔ اَتھ معاملس بیٚھ لیوٚتاہ غور کرو اَسی تیوٚتاہ چھِ یہ کتھ اَمہٕ فکر تران کہ یمنہٕ تخلیقی فنکار کیازِ چھِ وقتکی، مقامکی تہٕ تہذیبکی فاصلہٕ مسمار کرِتھ اَمہٕ نشہٕ واتان تہٕ ہمیشہ زندہ روزان تہٕ اَتھ برعکس کیازِ چھِ واریاہ فنکار پننہٕ وقتہٕ پانے تارٟیخہ کہ صفہٕ پیٹھ مِٹاونہٕ یوان حالانکہ یمو منز چھِ بیشتر تم یم پننہٕ وقتہٕ برٛ مقبول چھ آسان ۔ اَمچہِ روشنی منز کری تو ارسطو سندِس یتھ سادہ تہٕ عظیم کتھ پیٹھ بیٚیہ اکھ پھِر غور کہ ادب چھُ تارٟیخہ کھوتہٕ زیادٕ اَبدی

تہٕ عالمگیر آسان

POETRY IS MORE UNIVERSAL THAN HISTORY

یاہٕ ٹی ڈیگرسنٛدِس یتھ قولس پیٹھ کہ ادب گیہٕ سو بُنیاد یتھ پیٹھ تاریخ ڈٕرتھ چھِنہٕ ۔ افسوس کہ
اَمہٕ اہم نوقطچ وبرٛھنے چھِ یمہٕ مقالہٕ کہٕ دأیرٕ نٕبر ۔

تقابلی ادب چھُ ادبی فن پارن ہنٛز عالمگیر تہٕ آفاقی معنویت (RELEVANCE)
مشخص کران یوسہٕ زن ادبی تنقیدچ بُنیٲدی کام چھِنہٕ ۔ اَمہٕ خاطرٕ چھُ قدرتی طور تقابلی طریقہٕ
علیہٕ یوت موزوٗن ، حقیقت چھِنہٕ یہ کہ تنقید صحیح ادبی تنقید (واقع نگأری تہٕ سوانح نویسی نہٕ) چھِنہٕ ہمیشہ
تقابلی آسان ۔ مثلاً ییٚمہٕ ساعتہٕ یہ کنہٕ منظوم کلاس وِژن چھِس ناو دِوان یا غزل یا مثنوی چھِس ونان یہ
چھِس تقابل شروع کران ییتھ پأٹھی زِ شعوری یا غیر شعوری طور چھِس بہٕ وُچھنچ یا غزلہٕ ہنٛز
یا مثنوی ہنٛز پوٚرٕ روایت بروٚنہہ کُن انان تہٕ تتھ اندر تھاوِتھ چھِنہٕ سُہ کلام منظوم وُبرٛھناوان
پرکھاوان تہٕ مولہٕ ناوان ۔ بہٕ ہرگاہ یہ کتھ ونہٕ نہٕ کرِ بہٕ ہساء چھِس اَتھ مقابلہٕ کران مگر نوتہٕ چھِس
بہٕ تی کران آسان نارتھرپ فرائی چھُ LITERATURE AS CONTEXT: MILTON'S LYCIDAS'
عنوانہٕ مضمونس منٛز بجا طور لیکھان کہ EVERY POEM IS INHERENTLY CONNECTED
WITH OTHER POEMS OF ITS KIND.

ہر نظمہٕ چھُ پننہٕ قسمہٕ چِن نظمن ستیٚ اندروٗنی رشتہٕ آسان ۔

فرائی سُند پننہٕ سوٗرے تنقیدی کارنامہٕ چھُ اَتھی محورس اَندی اَندی پھیران ۔ موجودہٕ
پس ساختیاتی (POST-STRUCTURALIST) تنقیدکس اصطلاحس منٛز چھِ اَتھ اندروٗنی
متنی ہانکل (INTERTEXTUALITY) ونان ۔ تقابلچ یہ عمل چھُنہٕ ہیتی سطحس تلے
محدوٗد بلکہ چھِ موادکس سطحس پیٹھ تہٕ تیتھے پأٹھی موجوٗد ۔ اَکھ مواد مثلاً داستانِ لیلےٰ مجنوٗن (یس فارسیس
اُردوٗہس تہٕ کأشرس منٛز مختلف شکلن منٛز لبنہٕ چھُ یوان) یا مغربی ادبس منٛز فوسٹ لیجنڈ (ییٚمہٕ چہٕ
زٕ نمایاں ادبی شکلہٕ مارلو سُند ڈاکٹر فاسٹس تہٕ گوئٹے سُند فاوسٹ چھُ) یا پرومیتھیس اسطور (یُس

ہاے اسکلاس سِنٛز PROMETHEUS BOUND ، شیلی سِنٛز (PROMETHEUS UNBOUND)
تہٕ بائرن سِنٛز پرومیتھیس PROMETHEUS نظمہٕ ہُند موضوٗع چھُ) یا تلاشُک تہٕ ژھانڈ
دِنُک موضوٗع (QUEST THEME) چہ نمایاں مثالہٕ ODYSSEY ، شاہنامس منٛز رستم تہٕ
اسفندیارٕ سِنٛز داستانہٕ تہٕ سکندر نامس منٛز آبِ حیاتٕچ تلاش چھِنے ، چھُ مختلف دورن تہٕ
مختلف تخلیقی فنکارن ہِندِ اتھن منٛز مشترک عالمگیر عنصرو باوجوٗد مختلف طریقو ظاہر
سپدان ۔ تقابلی نقّاد چھُ وُچھان کہ کیتھہٕ پاٹھۍ چھُ اکہٕ دورٕ پیٹھہٕ بێیِس دورس تام یا اَکِس شخصس
پیٹھہٕ بێیِس شخصس تام اَکُے مواد ورناونہٕ ورٕز زور ( EMPHASIS ) بدلان روزان ۔

تقابلی ادبُک ماہر چھُ یِتہِ وُچھان کہ روایتہٕ نشہِ اوسہٕ ہیت تہٕ مواد تخلیقی فنکارس میلان
چھُ سُہ کیتھہٕ پاٹھۍ چھُ یِتہِ رنگہٕ ، یِتہِ دورکہِ تقاضہٕ رنگہٕ اَتھ منٛز تصرف کران ۔ دوٚیمین لفظن منٛز چھُ
سُہ روایتس منٛز ندرت تہٕ نوٚو پاد کران تہٕ یہ چھُ تخلیقکیو اہم نشانو منٛز اکھ ۔ یہ کتھ واضح کرنہٕ
خاطرٕ نموٗنہٕ اَسی مثالہٕ پاٹھۍ مثنوی ’شاہنامہ‘ مولانا رومی سِنٛز مثنوی ۔ اقبالہٕ سِنٛز ’اسرار و رموز
تہٕ مقبول شاہ کرالہٕ واری سِنٛز ’گلریز‘ ۔ ژونوے چھِنے مثنوی یہ ۔ ژونونی منٛز چھِ کیہنہ قدٕو حال
مشترک مگر ژونوے چھِ نمایاں طور مختلف تہٕ کیازِ ژونوے چھِ اکھ مخصوص ہیئت یِتہِ
یِتہِ رنگہٕ تہٕ یِتہِ یِتہِ مقصدٕ خاطرٕ استعمال کران ۔ بیاکھ مثال ملٹن سِنٛز نظم LYCIDAS
شیلی سِنٛز ’’ایڈونیس‘‘ تہٕ اقبالہٕ سِنٛز ’والدۂ مرحومہ کی یاد میں‘ ۔ ترٛنوے نظمہٕ چھِنے مرثیہ ۔ گوڈنچہٕ
زٕ چھِنے اعلانیہ طور PASTORAL ELEGY تہٕ اَمہِ مخصوص ELEGY ہِندی ترٛنے اہم عناصر
ترکیبی چھِ دونونی منٛز موجود ۔ تِم گے ’’التجا (INVOCATION) ۔ ماتم ( LAMENT)
تہٕ تردید (RECANTATION) ۔ التجا ( INVOCATION ) گوو نظمہٕ منٛز کامیاب گرٛشھنہٕ
خاطرٕ فوق الفطری طاقتن ہُند مدد طلب کرُن چاہے سہ خدا آسہِ یا روح القدس یا دیوی
دیوتا (مثلاً MUSES یا سرسوتی) ۔ ماتم گوو مرن وألِس پیٹھ ماتم کرُن تہٕ تہِندی وصف
گنٛزراونی ۔ تردید (RECANTATION) گوو آخرس پیٹھ کُنہِ نہٕ کُنہِ طریقہٕ اَمہِ کتھہِ ہُند اعلان

کرُن کہ منز وول چھُ کنہ نتہ کنہ رنگہ زندہ چاہے یہ روُح زندگی آسہ یا آواگمن زندگی آسہ یا حیات بعد الموت آسہ ۔ ملٹنس نِشہِ پھیٚٹ یہ تردید خالص عیسائی رنگس منز ظاہر سپدان تہ شیلی چھُ اتھ پننس مخصوص وحدۃ الوجودی رنگس منز پیش کران ۔

THE ONE REMAINS, THE MANY CHANGE AND PASS:

HEAVEN'S LIGHT FOR EVER SHINES, EARTH'S SHADOWS FLY.

اقبالن ییٚلہ والدۂ مرحومہ کی یاد میں' لیچھ مےٚ چھیٚنہ خبر کہ تمس آسا لسی ڈلیس تہ ایڈونیس ذہنس منز مگر تمی آسہ یمہ پرمژ تہ دوٚیم اکھ یڈ شوقہ سان پننین شاگردن پرناومژ تہ ۔ گورنمنٹ کالج لاہورس منز یتھ زمانس منز تم انگریزی پرناوان آسی تمہ زمانک تہند اکھ شاگرد میاں عطاء الرحمٰن چھُ لیکھان کہ اقبال اوس برٛ شوقہ تہ مزہ سان ایڈونیس پرناوان تہ امہ کس اکس اکس بندس پیٹھ پوٚر اکھ اکھ لیکچر دِوان ۔ ممکن چھُ نظم لیکھنہ وزِ ما آسہ ہن نہ شعوری طورِ یم نظمہ تمس بروٚنہہ کنہ مگر یمن ہُند اثر چھُ واضح پاٹھی تمی سندِ نظمہِ پیٹھ بیوٗمت گرتردید ( RECANTATION ) چھُ سُہ ییٚنہ پاٹھی پیش کران :

مرنے والے مرتے ہیں لیکن فنا ہوتے نہیں

وہ حقیقت میں کبھی ہم سے جُدا ہوتے نہیں

بیاکھ اکھ مثال چھیٚ تم نغماتِ محبت یم مغربی تہ مشرقی ادبی سرمایس منز بڈس تعداد س منز موجود چھِ مثلاً مارلوُ سُند COME LIVE WITH ME AND BE MY LOVE ، یا دالٹر ریلی سُند لوسانگ یا بیٚن جانسن سُند DRINK TO ME WITH THINE EYES یا ماروِل سُنز نظم TO HIS COY MISTRESS یا ایلیٹ سُند THE LOVE SONG OF J. ALFRED PRUFROCK یا رانسی سُند بولہ باتھ ' کتھ میانہ معشوقہ مُتہ دِتہ دِل' ۔ یم پانژ وٚے چھِ لوسانگ ' پانژ وِنی منز چھِ کیہنہ عالمگیر تہ ما فوق الزمان عناصر مشترک مگر پانژوٚے چھِ پننہ پننہ آیہ ORIGINAL

ٱمی منز ہیکو اُسی تمہ اہم اصطلاحچ تعریف تہٕ اخذ کرِتھ ییٚتھ اثر اندازی تہٕ
اثر پذیری ( INFLUENCE ) چھِ ونان تہٕ یُس تقابلی ادبہٕ کین بنیادی تصوراتن منز
شامل چھُ ۔ INFLUENCE چھُنہٕ یُتے کہ اکی شخصس یا دورن یا تحریکن کیتھ پاٹھی چھ کانہہ
شخص یا دور یا تحریک متاثر کرمژ بلکہ تقابلی ادبس منز چھِ امہٕ کھوتہٕ زیادٕ اہمیت تتھ
اثر اندازی تہٕ اثر پذیری یوسہٕ نہٕ ٹاکارہ پاٹھی لبنہٕ چھےٚ یِوان بلکہ چھےٚ ہیٚتس تہٕ مواد منز نامیاتی
عنصر کہ حیثیتہٕ پوشیدٕ آسان ۔ موجودٕ زمانک نظریہٕ مسماریت (DECONSTRUCTION) چھُ
اکہ اعتبارٕ اثر اندازی تہٕ اثر پذیری (INFLUENCE) کُے اکھ انتہائی ( EXTREME ) تہٕ
نامتوازن اظہار ۔

ییٚمہٕ مضمونُک بنیادی نقطہٕ چھُ یہ کہ تقابلی ادب چھُنہٕ اصلاً کانہہ نوٚو چیز بلکہ چھِ
تمام ادبی تنقید بنیادی طور تقابلی آسان مگر اکہ علیحدٕ شعبہٕ زٕنگو آو تقابلی ادب کُنوٚہمہِ
صدی ہندِ اختتامہٕ پیٹھ وُہمہٕ صدی ہندس گوڈنکس نصفس تام بارس ۔ انگریزیس
منز کُر گوڈنچہ پھِرِ یہ اصطلاح میتھو آرنلڈن تمہٕ ساعتہٕ استعمال ییلہٕ تمی AMPÈRE سند
اصطلاح HISTOIRE COMPRATIVE ہُک ترجمہ امہٕ ترکیبہٕ ستی کوٚر ۔ کلچرُک دلداد آرنلڈ اوس
اکہِ تھزِ ادبُک متمنی ییتھ گوئٹے ہن WELTLITERATURE ناو دیُت تہٕ ییتھ روندرناتھ ٹیگور
وشوہ ساہتیہ ونان اوس ۔ کُنوٚہمہٕ تہٕ وُہمہٕ صدی منز سپز کیہہ تژھہ پیش رفتہٕ (DEVELOP-
MENTS) ییٚمہٕ ستی عالمی ادبُک یہ رجحان پھانچھلیو تہٕ مضبوط گوو ۔ ترجمہ کاری لوٚب ۔
اکھ نوٚو فروغ تہٕ ترجمہ کاری چھےٚ تقابلی ادبچ ترقی ہُند اکھ انتہائی اہم زینہٕ تہٕ کیازِ یہ چھےٚ
بیک وقت تنقید تہٕ تہٕ تخلیق تہٕ ۔ تنقید امہٕ کنی کہ ترجمہ کارس اگر تنقیدی شعور آسہٕ تہٕ ویٚنکہ
نہٕ اکھ ادب پارٕ سمجھتھ تہٕ مولہ ناوِتھ تہٕ ییتھ سمجھ تہٕ مولونہٕ بغیر چھُ ترجمہ ناممکن تہٕ تخلیق
امہٕ کنی کہ تخلیقی ادبُک ترجمہ چھُ ناممکن ۔ ییتھ ترجمہ چھُ فی الاصل اکہ قسمُک باز آفرینی (TRAN-
SCREATION) آسان ۔ سلطنتِ برطانیہ ہکہ تقریباً عالمگیر استیلاکُک اکھ روشن پہلو

(بَنہٕ اوس یہِ زیادٕ بہن گژھان زوٗلے ) اوس یہِ کہِ یِژھ ترجمہٕ کارٕی سپز عام تہٕ دُنیاہکی بیشتر ادب آیہِ
اُکس اکھ واریاہ نزدیک ۔ فرانسیسی ادبُک اوسُے انگریزۍ یَس پیٹھ اثر گمژ وسہمہِ صدی منز بیوٚو
چینی، جاپانی، ہندوستانی تہٕ افریقی تہٕ مشرقِ بعید کین ادبن ہُند تہٕ انگریزۍ یس پیٹھ بارٕ اثر ۔
پاؤنڈن کٔر چینی زبانی پیٹھ ترجمہٕ ۔ ہنیکوہک گو وا انگریزۍ یَس منز بحیثیتِ اکھ فارم آغاز یے ٹسن
کوٚر پروہت سوامیس ستی زلیتھ اُپے نشد ہند ترجمہٕ ۔ ایلیٹن ہیوٚچھ ہارورڈہ سنسکرت تہٕ انگریزۍ یس
منز کٔرنی اُمکی لفظ استعمال ۔ توہہ آسہِ فوراً تمہِ سنزِ نظمہِ، ویرانہٕ (THE WASTE LAND) ہُک
اندٕ یاد پیوٚمُت ۔

DATTA, DHAYADVAM, DAMYATTA

SHANTI, SHANTI, SHANTI

یا یہِ کتھ زٕ تس پیمہٕ کہِ DRY SALVAGES ناوٕچہِ نظمہِ منز چھُ سُہ بھگوت گیتاہکی حوالہٕ دِوان ۔
انگریزۍ یَس پیٹھ یوٚت اثر باقی زبانن تہٕ ادبن ہُند پیوٚو تمہِ کھوتہٕ زیادٕ اثر ترٕ وو
انگریزۍ ین باقی زبانن تہٕ ادبن پیٹھ ۔ برطانوی استیلاکِس نتیجس منز بنیہ انگریزی زبان ساروے
کھوتہٕ پرنہٕ بنہٕ واجنیٚنہٕ تہٕ ہیچھنہٕ بنہٕ واجنیٚنہٕ زبان ۔ انگریزی ادب بیاہ گییہ لازمی (COMPUL-
SORY) کورسن ہند حیثیتہٕ شامل نصاب ۔ اَمیُک نتیجہٕ چھُ ظاہر ۔ ٹیگورس آسی اکثر بنگالی صاحب
نظر ونان تہٕ وُنہٕ تہٕ چھس ونان بنگالیس منز یورپی شاعر (A EUROPEAN POET IN
BENGALI) فارسیکو تہٕ اُردوٗہکی موجوٗدٕ شاعر چھِ سارٕی یوٗرپی بالخصوص انگریزی زبانی تہٕ
ادبہٕ ستی متاثر کامتی ۔ ساریٚن شاعرن آہی صابس پیٹھ چھُ حافظس تہٕ غالبس نکھ نکھ انگریزی
روٗمانی شاعری تہٕ ایلیٹ سُند تہٕ بارٕ اثر ۔ مشرقِ وسطاہس خصوصاً ایرانس ،مصرس تہٕ لیباہس
منز چھُ انگریزی کھوتہٕ زیادٕ فرانسیسی زبانی تہٕ ادبن بارٕ اثر ترووُمُت ۔
زبانن تہٕ ادبن ہندی اَمی لین دین دیُت تقابلی ادبس اکھ نوٚو زُو زہٕ ۔ نتیجہٕ چھُ
یہِ کہِ وۄنی چھُ دُنیاہچن اکثر یونیورسٹین منز تقابلی ادب اکھ مضموٗنہٕ زٕنگی پرناونہٕ یِوان ۔ امریکی

PROFESSOR یونیورسٹین ہندین بہلہ پایہ پروفیسرن ہنز DESIGNATION چھنے ووہ نی OF ENGLISH AND COMPARATIVE LITERATURE تہٕ بجن بجن یونیورسٹین منز چھ انگریزی تہٕ تقابلی ادب اکی شعبکو حصہ۔ ہندوستانس تہٕ مشرقہ کین باقی ملکن منز تہٕ چھ تقابلی ادب فروغ لبان۔ یہ رجحان چھ نوس عالمیتس ستیٕ مکمل طور ہم آہنگ۔ یتھ نتیجس یہ یہ کتھ واضح پتھ ہان کرنی کہ بہ چھس نہ ہرگز ہرگز تہٕ تمہٕ سیاسی، اقتصادی تہٕ ٹکنیکی مفاد برآری ہنز وکالت کران یوسہ گلوبلائزیشنکس پردس منز چھ بروہہ بکناونہ یوان مگر اتھ عالمیتس چھ اکھ روشن پاس تہٕ سُہ گوو یہ کہ تہذیب تہٕ ادب چھ پانہ وانی نزدیک یوان تہٕ یہے چھنے سو واحد وتھ یمہ ستیٕ انسانی اتحاد قائم ہیکہ گژھتھ تہٕ کیازِ تخلیقی ادب چھ پتو دلک معاملہ تہٕ یتھ دل چھ رلان صحیح پکٹ چھ دجودس منز یوان یہ پکٹ پاہ دکرنس منز چھ تقابلی ادبک رول سارو سے کھوتہٕ زیادہ اہم تہٕ یوہے چھ اکھ وجہ جواز تہٕ تہٕ امہ کہ روشن مستقبلچ ضمانت تہٕ۔

# کأشُر شاعری تہٕ وزنُک صورتِ حال

(۱)

پروفیسر رحمان راہی

مۆجوٗد وُہمہِ صدی ہِندبن پتِمِن کینژَن دہلین دوران آو کأشرِ شاعری ہُند وزنی صورتِ حال خاصہ پأٹھۍ زیرِ بحث۔ تحریری طور کَے تہٕ زبأنۍ زیادٕ۔ اَتھ سپُد اکھ وجہ یہِ زِ سانِن کینژَن عزیزن سپُد اُردوٗکہِ توٚسلہٕ عربی فارسی عرُوضُک کم یا زیادٕ تعارف حأصِل تہٕ اَمِچ بظاہِر مشینی ضابطہٕ بندی باسیوکھ تِمَن معتبر تہٕ ورتاوِنۍ تِمَن موین زِ تِمو ہیوٚت اَمُک یہِ ڈٔنڈِ تہٕ کٔلمہٕ پٔرن۔ تہٕ اَتھ دوران ییلہِ تِم کأشرِ شاعری ہِندِ وۄن دِنہٕ بیٹھۍ تِمو ہیٚتی بٔرنڈی ہوی گَڈنۍ۔ خاصکر تِھ باسیوکھ پرانین کأشرِین شاعرَن ہُند کأنی کلامہٕ وزنہٕ بلحاظ اۄری نہٕ یۄری۔ چنانچہ تِمَو کینہہ جُملہ بأزِ یہِ تہٕ گیہ نظرِ تہٕ تِمَو کینہہ گنگرایہِ تہٕ گیہ کُنَن یِمَن کأشرِ شاعری نسبتھ یا تہٕ ہَرِ باس پریشان اوس تہٕ نتہٕ قلم فروشیہ زامُت رچھن ہأری زٔوی یہِ۔ نتیجہ یہِ زِ اکِ طرفہٕ آو پرانین شاعرَن ہنرِ بُزرگیہ چارو ناچار زوم رچھان رچھان یہِ وننہٕ زِ چونکہِ تِم بچأری آسی سیدی سادٕ لُکھ تہٕ فنی زأوی جارَو نِشہِ ناواقف تَوکِنۍ گہِ وخطاءِ بُزرگاں گرفتن خطا، تہٕ بییہ طرفہٕ آو تِہندِس بظاہِر اوگرِس تھوگرِس کلامس اَتھ ڈألِتھ موزوٗن بناونُک سنز کرنہٕ، بلکہِ آو یہِ تام

صَلاح دِنہٕ زِیٛنہٕ یور یِزٕ اَسہِ رِوٲیتی "یلہٕ گی" منسوٗبِتھ واکھ وَژُن ہیتھ
ساٲرے کاشُر شاعری ضابطہٕ یاٚٹھی عربی فارسی عروٗضَس پابند بناوٕنۍ !
یہٕ چھُس نہٕ یانہٕ کانٛہہ عروٗضی ۔ ڈُلی گو و مذکوٗرٕ صوٗرتِ حالَس
پیٹھ چھُم اَکِس مشق مصروٗف Practicing شاعِر آسنہٕ کِنۍ تہٕ پنُن کم کاسہ
مُطالہٕ نظرِ تَل تھاوِتھ رَژھاہ پیوٚناہ سونچ کوٚرمُت تہٕ چھُس یِتھ نتیجس
ووٚتمُت زِ زیرِ بحث صوٗرتِ حالَس نِسبتھ نہٕ چھُ کانٛہہ ہَرٕ بابس ناگزیر
تہٕ نہٕ کانٛہہ رٕچھِن ہارۍ رُوِ یہِ یانہٕ ناوُن مناسب بلکہِ چھُ ضروٗرَتھ
گوڈٕ عموٗمی طور شاعرِ یہِ منٛز وزنُک تصوٗر وارٕ وِستارٕ سٕرکھر کرنُک تہٕ
پتہٕ پننہِ کاشرِ شاعرِ یہِ منٛز وَزنُک واقعی صوٗرتِ حال یرٕ زٕناوُنُک ،
پرکھاوُنُک تہٕ مولناوُنُک ۔

مےٚ چھُنہٕ یہِ اعتراف کران کانٛہہ روٚٹ باسان زِ پننہِ لَس
یاوَن کالَس منٛز کریوو میٛتہِ پننِس اَکِس مرحوم دوستہٕ ہندِ وَننہٕ پننہِ
اَکِس ہمکال کاشرِس شاعرٕ ہندِس کلامَس پیٹھ مذکوٗرٕ عروٗضچہِ مشینی
ضابطہٕ بندی ہندی حِسابہٕ تبصرٕ۔ یودوٕے سُہ تبصرٕ مےٚ اَز تہٕ تمہِ حسابہٕ
ڈِنجہ ڈوٚلمُت باسان چھُنہٕ مگر کینٛژھا سوخن گوٚیی ہُنرٕ پننۍ مزیدِ مشق
نظرِ تَل تھاوِتھ تہٕ کینٛژھا پنُن مطالہٕ کُشادٕ یِہن بناوِتھ بدلیوو کاشرِ شاعرٕ
ہندِ تعلقہٕ عربی فارسی عروٗضَس متلق میوٚن سونچ کم کاسہ ۔ توے چھےٚ
گُذارِش زِ یِژانہٕ قبرٕ پٹھنس منٛز وَکھ ضایہ کرنہٕ بجایہِ سپدِ زیرِ نظر مقالس
منٛز پیش کرنہٕ آمتِن معروٗضاتَن پیٹھ بڈُنٛتھم کانٛہہ تہٕ ممکنہٕ کتہٕ ہٹھ
دوٗر کٕرِتھ غورٕ۔ اُنظُرْ مَا قَالَ لَا تنظُر مَنْ قَالَ (وُچھِو وَنمُت کیاہ چھُن،
مہٕ وُچھِو وَنمُت کُس چھُ)۔

شاید چھُنہٕ یتھ اِحساسس زیادٕ وٲے وٲے باوَتھ کرنُک حاجتھ
زِمیوٚن مُطالہٕ ہیٚکہٕ موٚحدُود آسِتھ تہٕ میوٚن سوچ خام، تہٕ تِمہٕ تلہٕ کوٚڈمُت
مذکوٗر نتیجہٕ تہٕ ہیٚکہٕ نوقص زد ٲسِتھ۔ یہِ مقالہٕ لیکھنُک کُن تہٕ کیوٚل مُدا
چھُ زیرِ نظر موضوٗعس نِسبتھ پزرٕ پٲٹھی سنجیدٕ، ذٕرِ حِیہٕ ووٚتھ، حقیقتھ
پسندانہٕ تہٕ مُسلسل غور و فِکر وٕ وسلاوُن، یُتھ کاشُر زبٲنی ہُند مخصوٗص مزاز
نظرِ تل تھٲوِتھ کاشر شارٕ باوُژ ہنز صدیَن پیٹھ پھہلِتھ رلوٲژر مولانکہٕ فن
کُرِتھ کلھُم کاشُر شاعریہٕ ہندِ وَزنیاتکی یا وَنو میٹرٕ نظامکی اہم خولہٕ خط بَدِ
کَڈنہٕ تہٕ پتہٕ موٗلہٕ اُصوٗل مُقرر کرنٕچ کٲم آسان سپدِ۔

شارٕ باوُژ باپتھ یتھ پٲٹھی نہٕ رٕدیف تہٕ قٲفیہ لٲزمی مانہٕ آمُت
چھُ تیتھے پٲٹھی چھُنہٕ وَزَن یا وَنو میٹر تہٕ اَمہٕ چہٕ موٗلہٕ ماہیٚژ منز شامِل گنزرنہٕ
یِوان۔ تہٕ شارس تہٕ غارِ شارس فرق کرنٕچ بُنیادی کہہٕ وُٹ چھے شارٕ باوُژ
منز وَرتاونہٕ یِنہٕ واجِنی خاصُل خاص جدلیٲتی زبان مانہٕ یِوان۔ توَے
تہٕ چھے حقیقی شاعری محض منظوٗم کلامہٕ نِشہٕ بیوٚن کڈنہٕ یِوان۔ وُنی گوو
یِتہٕ چھُ اکھ تواریخی پزر زِ شارُک مفہوٗم چھُ قدیم کالہٕ پیٹھہٕ دُنیہکین سارِنے
قومَن نِش وَزنہٕ کِس کُنہٕ نہٕ تہٕ کُنہٕ مفہوٗمَس سیتی مُنسلِک روٗدمُت۔

عوٗمی آیہٕ ہیکو وَزنہٕ تلہٕ مُراد سو تنظیم نِتھ یوسہٕ فِکری تہٕ اِحساسی
سرگرمیہٕ ہندِ اَتھ واسہٕ کلامہٕ چَن مختلف آوازَن منز قٲیم سپدان چھے تہٕ
تتھ کلامَس کُنہٕ مخصوٗص قٲلبَس منز تراوِتھ تہٕ کانہہ مخصوٗص صوٗرتھ دِتھ
اکھ لذت بخش تنوسُب عطا کران چھے۔

قومَن تہٕ قومَن چھُ ثقافژ رنگی پھیرِ آسان تہٕ ثقافژَن منز چھے

مختلف عوأملو ڈسی تبدیلی یا پژ ہتھقن پلے تہٕ رونما سپدان ۔ یمن عواملن منز چھ قومن ہنزن مختلف زبانن ہندی مخصوص مزاز تہٕ کارفرما روزان ۔ چنانچہ شاعری وزنس متلق تہٕ چھےٚ قومن ہندین تصوٗرن منز فرق یوان، ٹکیہ ہکو یہ تامتھ ڈنتھ زِ بعضے چھےٚ اکی سےٚ قومس منز تہٕ وزنس متلق تصوٗر اکی ڈنجہ روزان۔ تیٚرن گو وکنہ زبانی ہنز شاعری منز آسہ اکہ وقتہ وزنیاتک اکھ نظام مروج روٗدمت تہٕ حالاتن ہنز تبدیلیہ سببہ گژھ تمی زبانی ہنزِ شاعری پیٹھ وزنیاتک بدل کانہہ نظام حاوی ۔ یونانی تہٕ لاطینی زبانن ہنزن شاعرن ہندی تو آریخ چھ امہ ادلہ بدلی ہندی ثنی ثوبوتھ ۔ گوڈٕ اوس مبقدآری وزن رآیج تہٕ وونی چھ کیفیتی وزن ۔ تہٕ کانہہ قوم چھ مختلف دورن منز پژ ہتھیمتی وزنیاتکی مختلف نظام بیک دور لرِ لوٗر ورتاوان ۔ ووٚن دِتھ چھ نان زِ اکہ طرفہ چھ اَجن زبانن منز مثالے اَچھر آوازن ہندس محض تعدادس پیٹھ منحصر وزنک رسم مقبول روٗدمت تہٕ اَجن منز اَچھر آوازن ہندس ژھوچرس زیچھرس کیتو تگ ترتیبہ تہٕ تعدادس پیٹھ مشتمل مبقدآری وزنک رسم، تہٕ بیٚین کینژن زبانن منز تلفظ تہٕ معنےٚ کہ اعتبار لفظن ہندی مختلف ہیٚجلی پھور زور ہشن مختلف خوصوصیژن ستی وابستہ آسنہ کنی وہ پدن وول کیفیتی وزنک رسم ۔ کینہہ زبانہ چھےٚ تیژھ تہٕ یمن منز مبقدآری تہٕ کیفیتی وزنکی زٕ مختلف نظام لرِ لوٗر ورتاونہ یوان چھ ۔ اَچھر آوازن ہندس محض تعدادس پیٹھ منحصر وزنٕچ مثال دِوان چھ کینہہ زانی کار ایرانہ کین قدیم اوِستاے منظوٗمن ہند ناو

ہیوان ۔ یِیلہِ زَبان کلاسکل سنسکرت کیٚو فارسی دوشوٚ شاعری مِقدارؠ
میٖٹر نظامہٕ چہٕ مثالہٕ گنزرنہٕ یِوان پٔچھ، تہٕ یِیلہِ انگریزی شاعری کیفیتی وَزنہٕ
نِظامُک نمایندہٕ مانہٕ یِوان چھےٚ ۔ کینٛژن زبانَن منٛز چھ معروف مانان شاعری
علاوٕ بےٚ ناوٕ لگہٕ شاعری ہندی نوٗمونہٕ تہٕ ڈٕسی یاب (مثالے کٲشرِ تہٕ فارسی
زبانَن منٛز) یِمن منٛز چھُ مِقدارؠ وَزنہٕ بجایہٕ غلبہٕ پاٹھۍ کیفیتی وَزن
وَرتاونہٕ آمُت چھُ، یا وَنو بیک وقت مِقدارؠ کیٚو کیفیتی وَزن ـــ
کٲشرِ زبٲنۍ چھےٚ بیاکھ پھیرہٕ خصوصیتھ زِ اَمہٕ چہٕ معروف شاعری ہُند
تہٕ چھُ اکھ وارِیاہ بوٚڈ حصہٕ وَزنہٕ لحاظہٕ لگہٕ شاعری سیتی رَلان ۔

خُلاصہٕ یہِ زِ شاعری آسہِ تَن کانٛہہ تہٕ سو گژِھ تمی وَزنیاتہٕ یا میٖٹر نظامہٕ
مُطابق مینٛنہٕ تولنہٕ یِنۍ یِیٚمہ مُطابق سو گنڈنہٕ آمژ آسہِ ۔ تکیازِ ڈُنۍ ٹھیک
کانٛہہ تہٕ اکھ وَزنہٕ یا میٖٹر نظام چھُنہٕ بذاتی نہ رُت تہٕ نہ کُرت، نہ لگہٕ ہار
تہٕ نہ نالگہٕ ہار ۔ کُنہٕ تہٕ نظامُک ہُرُر کٔرزٔر تہٕ لگہٕ ہارؠ نالگہٕ ہارؠ چھےٚ
شاعری ہُنرٕ رَلن ہار مثالہٕ بَروٛنٹھ کُنہٕ رُٹی تھےٚ نَنان، تہٕ وَزنہٕ یا میٖٹر حسابہٕ
ٹھیک یا ناٹھیک شاعری ہُنر نِشاندہی تہٕ چھےٚ مخصوص نظامہٕ کیٚہ
گاشنس تل مناسب روزان ۔ مگر اَتھ کیا ڈُنۍ زِ آسہِ دَرمیان چھِ
دُنہٕ تہٕ کینٛہہ صاحب موجودیم عربی فارسی عروضکی تیتھۍ تٔتہٕ عاشق
باسان چھِ زِ تِمَن چھُ سُہ عروض مثٲلی باسان تہٕ چھِ صرف تِمی چی
یوت کہٕ وچہٕ کھاژتھ کلہم کٲشرِ شاعری متعلق غٲر ضروٗری ہُنر باوان
یا نامناسب فتوا صادِر کران، یِتھ حقیقتس واتنہٕ وَراۓ زِ گوڈ چھےٚ
شاعری آمژ تہٕ اَدِ عروض، تہٕ ڈُنۍ یِہکی اکثر رِتی تہٕ ٹھٔدۍ شاعر چھِ

وَزنہٕ کِس مالس منٛز وَزنیٲتی زٲوِی جارن منٛز ہیٚنہٕ ییٚنہٕ بجایہِ زیادٕ پیٚہن پینٛہٕ نِس باذوق ذیٖہنَس، پینٛہٕ نِس نبضہٕ وُچھوارس تہٕ پینٛہٕ نِن تربیتھ یافتہٕ کَنہٕ نے کٲم ہیٚوان۔ ساہِن کٲشرِ عورُوضہ عاشقن چھُنہٕ ژ بتیٚسے روزان زِ عربی عورُوض نہٕ چھُ کٲشرِ زبٲنی ہُند مزاز نظرِ تَل تھٲوِتھ تھٲوِتھ آمُت، نہٕ وَزنَس مُتلِق کٲشرِ ہندی عادتی ژوی یہِ زٲنِتھ تہٕ نہٕ کٲشر شٲعری وُچھِتھ۔ تعجُب چھُ یِزِ تِمَن چھُ اَمہِ عورُوضُک تہٕ خاصکٔرِتھ مشینی پاسے مَنہٕ مون باسان تہٕ سُے نظرِ تَل تھٲوِتھ چھُ وَزنہٕ کِس مالس منٛز تِترِتھ شِشٹھ گیہِ ہُند مُظاہرٕ تہٕ مُطالبہٕ کَران یِتھ نہٕ خود عربی شٲعر رَوادور روٗدی مِتی چھُ تہٕ نہٕ سارٕی فارسی یا اُردو شٲعر۔ تِمن عاشقن چھُنہٕ یِتہٕ خیال روزان زِ اَمہِ قسمِچہِ تنگ نظر شِشٹھ گیہِ سببہٕ ما ووتلِ یہِ اندیشہِ زِ وَزنہٕ کِس مالس منٛز سپدن تجرُبن ہندی درواز بند تہٕ سأنی شٲعری بنہِ صوتی تہٕ اِیحسٲسی اعتبارٕ محض اکھ ووہرٕی وانگ یِکٲواز ٹھک ٹھک تہٕ ٹھک ٹھک۔ تِمَن چھُنہٕ شاید یہِ ظون تہٕ پیوان زِ اَتھ عورُوضس ما چھُ کُن تلے کانہہ قوصوٗر روٗدمُت تہٕ توکِنی تہٕ ما چھُ اَتھ تِتھٕ پٲٹھی اونکھرِس منٛز جونکھُر ژانُن پیومُت زِ بَڈِبن بَڈِبن عورُوض دانَن چھُ توس ووتھان تہٕ مے ہِوِبن عربی نہٕ زانَن والِبن بے صبر مُبتدی لوٗکَن چھُ اَمِہ کِبن اَفاعیلن، اَزاحیفَن تہٕ عِلَژن بیک وقت وِحاط کرُن تہٕ اَمِہ کِبن وارِیہَن وارِیہَن نامونوٗس اِصطلاحَن تہٕ دٲیرٕ وار بحرَن ہندِبن عجیب وغریب ناوَن ویٚپرن کرٕنی ناممکِن نے تہٕ حدٕ روٗس کٔژوٚکھٕ باسان!

چونکہ تفصیلچ گنجائش چھنہٖ توکنی کرو صرف کینہہ وِتھی وُٹھی اِشارٕ یتھ اکہ طرفہٕ مذکورٕ عورُوضس پیٹھ مطلبہٕ مفید تبصر سپدِ تھ ہیکہِ تہ بییہِ طرفہٕ یتہٕ ننہٕ زِ مذکورٕ شیٹھ گییہِ ہُند مطالبہ کوتاہ مناسب یا نامناسب چھُ، تہ یتی یُتھ کلہم کأشُر شأعری نظرِ تَل اَنتھ تمہٕ باپتھ لگہ ہار تہ سہل پہن وزنہٕ اُصوٗل کیو قاعدٕ مُرتب کرُنگ ضرورُرتھ توجُہ طلب بنہٕ۔

عربی عورُوضس مُتلق اوس یتہٕ وَتھ عقیدٕ رُودمت زِ اَمیک تِنہ تنہا اِیجادکار چھُ دوٗیمہِ صدی ہجری دوران عربہٕ کس بصرہ شہرس منز زندگی بسر کرن وول اکھ عرب دأنِش مند خلیل بن احمد اوسمُت۔ زانن والین ہُند گُف چھُ زِ اَتھ عورُوضس مُتلق یمو پرانیو توأریخ نویسو تہ عِلمِ لوغاتہٕ کیو عالمو کتھ کرمژ چھے تمن سارنے چھُ یہتھ اوسمُت زِ خلیلس بروٚنہہ چھنہٕ کانسی عربی شأعرٕ ہندس وزنس متلق کُنہ قسمہٕ کین قاعدن ہنز کانہہ زان آسمژ تہ نہ چھُ خلیلس بروٚنہہ کُنہ اَمہِ نوعیتُک ہُند بییہِ کُنہ زبأنی ہُند کانہہ رہنما نومونہٕ اوسمُت، تہٕ توے کنی چھُ تہٕندِ ذٕسی عورُوض اِختراع سپدنُک واقہ یہِ ذٔہنی زنتہٕ الہامُک نتیجہ گنزرنہٕ آمُت۔ حالانکہ ابوریحان البیرُونین آس "کتاب الہند" ناوٕ مشہورٔ ینٛنہٕ کتابہٕ منز یہِ ممکانیخ ننہٕ وانہٕ تْرینہٕ وَن دِژمژ زِ خلیلن ما آسہے سنسکرت زبأنی منز موجوٗد عِلمِ عورُوضہٕ نشہٕ استفادٕ کوٚرمُت، تہ یتی آسن تمن وارِہین ہشرن ہنز تفصیلہٕ سان نِشاندہی کرمژ یم تس عربی تہٕ سنسکرت وزنیاتن ہندین اُصوٗلن تہ قاعدن منز لبنہٕ آمتی آسی۔ بلکہٕ اوسُن تتھ مُشابہژ کُن تہ اِشارٕ کوٚرمُت یوسہ تس

مذکورٕ دۄن زبانَن منٛز مُروج لوغوی تہٕ عورُوضی اِصطلاحن منٛز درٛینٛٹھی آمٕژ
اَس ، مثلَن عربی "سَبَب" تہٕ سنسکرت "سَبدَ" ( Sabda ) ، عربی "وَتَد"
تہٕ سنسکرت "وَرتَہ" ( Varta ) تہٕ یِتھَے پأٹھی عربی ترکیب "سَبَب و وَتَد"
تہٕ سنسکرت ترکیب "سَبدَ وَتَت" ( Sabdavattat ) ۔

ہرگاہ البیرُونی ہندی یِم مُلاحظات نظرِ تَل تھاوَنہٕ یِن تہٕ یِتی ہرگاہ
یِتھ سوالَس پیٹھ تہٕ غور سپدِ زِ عورُوض ہیُٔو اکھ باگہٕ بوٗرُت عٔلِم آندرٕ وَند
کأنسہٕ اَکِس نفرٕ ہندی ذٔسی ایجاد سپدُن ما چھُ بعید از امکان باسان تِلیہٕ
چھُنہٕ یہِ ظون قیاسہٕ دوٗر زِ عربی عورُوضکی اُصوٗل تہٕ قأعدٕ اختراع
کرنس دوران آسہٕ ہَن خلیلَس شاید سنسکرت وَزنیاتکی اُصوٗل تہٕ
قأعدٕ تہٕ نظرِ تَل رُوٗدی متی ۔ حالانکہ جدید ایرانکی کینٛہہ عأٰلِم چھِنہٕ البیرُونی
ہندِن شوأہدَن پوٗرٕ پأٹھی تسلی بخش گَنٛزران ۔

اَلبتہٕ اَتھ ضِمنَس منٛز چھُ یہِ اِمکان تہٕ باوَنہٕ یِوان زِ خلیلَس ما
آسہے پَنُن عورُوض وَضع کرنس دوران پرانہٕ فارسی شأعری ہِہندی
وَزنہٕ طرح وُچھتھ تہٕ کم یا زیادٕ مَدد میوٗلمُت یِمنٛگ اکھ ثبوٗت عربی
عورُوضس منٛز شأمِل سو بحرِ متقارب مُثمن محذوٗف ( فعوٗلُن ،
فَعوٗلُن ، فَعوٗلُن ، فَعِل ) چھےٚ یتھ مُتلِق بہلہٕ پأیکی ایرأنی عأٰلِم ڈلیل
دِتھ دعوا کران چھِ زِ یہِ بحر چھےٚ خلیلُن عورُوض وَضع سپدنہٕ برٛونٛہہ
فارسی شأعری منٛز وَرتاوَنہٕ یِوان آسمٕژ ۔ تہٕ یِتھَے پأٹھی رُباعیہٕ ہندِ وزنک
موٗلہٕ تُلہٕ ایرأنی آسنک ماننہٕ ۔

بہرحال خلیلَن نہٕ ذٔسی عربی عورُوض اِختراع سپدنس یہِ پوٗت منظر

رٲوٕمٕت آسہٕ تہٕ تہٕ، یہ اِختراع چھُ فی نفسہٖ اکھ بوٚڈ دانشمندانہٕ کارنامہ یُس فارسی تہٕ اُردوٕ ہِشن اہم شاعرِن پیٹھ صدیٚ تہٕ وادَن حُکم فرمارٲوٕمٕت چھُ، تہٕ یتھ کُن ٲیِل سپدِتھ کاشِر شاعرِ ہُند تہٕ اکھ باگہٕ بوٚرٕت حِصہٕ دارِیاہ کالہٕ پیٹھ گنڈنہٕ آمُت چھُ، تہٕ یُس ازکل تہٕ وَرتاونہٕ یِوان چھُ، تہٕ یُس نہٕ اَسی کاشِر شاید زِ نہٕ ہے تہٕ موٚکے نظرانداز کٔرِتھ ہیکون۔ یہ چھےٚ الگ کتھ زِ ڈاکٹر شفیع شوقس ہوی سنجیدٕ نقادَن چھےٚ پنُنس اَکِس حال حالہٕ کِسے مضمونَس منز مےٚ نحقےٚ ہانٛتھ لاجمٕ زِ یہ چھُنہٕ مذکوٗرٕ عروٗض کاشِر شاعری باپتھ لگہٕ ہارے مانان۔ یہِنز چھُ صرف یِتےٚ یوت (تہٕ اَمیُک چھُ مےٚ کِشِر پھِر اظہار کوٚرمُت) زِ یہ چھُسنہٕ عروٗضی مالَن منز کُنہٕ تہٕ پٹہٕ بند شیٚٹھ گیہٕ رَوادور، تہٕ بس۔

ڈٲل گوو خلیلَن تہٕ عروٗضچ اہمیتھ تہٕ افادیتھ تسلیم کٔرِتھ تہٕ چھُنہٕ شاید یہ وَنُن پوٚٹھ زِ اَسہٕ کاشرِ ہندِ باپتھ چھُ اَمیُک حد روٗس پیچیدٕ آسُن یکدَہے توجُہ طلب بنان۔ ساني یوت باپتھ نہٕ۔ اَمہٕ پیچیدٕ گیہٕ چھُ عربی والین کیو فارسی والین تہٕ توس تُلمُت۔ چنانچہ خلیلَنےٚ اکھ ہمکال تہٕ نامور عربی نقاد جاحظ (وفات ۲۲۵ھ) چھُ عروٗضچ افادیتھ ناٲنتھ تہٕ وَنان زِ یہ چھُ اکھ نوٚنوٚموٗد دوغلہٕ عِلم، اکھ اوٚرُک یور وَنَن وول شیٚٹھوٗمُت ادب، اکھ مقروٗض دوٚستوٗر تہٕ اکھ مجہوٗل کلامہٕ تہٕ توٚموٗجوٗب بےٚ فٲیدٕ تہٕ بےٚ حاصِل، ٹیٚکہٕ یُس پتِنہٕ فاعِلاتُن فاعلاتنہٕ ڈسی عقلہٕ رنجناوان چھُ۔ تہٕ قدیم عربی تنقیدکِس تواریخس منز سارِوے کھوتہٕ سرکردٕ نقاد قدامہٕ ابنِ جعفر (وفات ۳۳۷ھ)

چھُ وَنان زِ عربی شاعرِ یہِ ہندی یِم نفیس نوٗمونہٕ اَسہِ دردس چھہ تم سارۍ چھہ تِمَن شاعرَن سیتۍ مربوط یِمو شاعرَ یہِ ہُند عوٗروض مرتب سپدنہٕ برٛونہہ شارٕ وٗنۍ ہیتۍ آسی ۔ قدامہٕ چھہ پَنہٕنِس پیشروٕ ہندی پاٹھۍ ہنا مبالغہ وَرتاوِتھ یہِ تام وَنان زِ چونکہِ عوٗروض ( یعنے وزنُک ایحساس ) چھُ انسانس طبیعتَس منٛز شاملِ توٕ کنۍ چھُنہٕ سہٕ ہیچھنُک تہٕ ہیچھناونُک حاجتھے ۔

ابوالعتاہیہٕ اوس خلیلنُن اکھ نامور ہمکال شاعرِ یُس تس تہٕ کینژن وٗری یَن زِندٕ روٗد ۔ دِیاں تمۍ سُند اکھ منظوٗمہ بوٗزِتھ وَوٗن تَس کُمۍ تام زِ اَتھ منٛز چھُکھ ژٕ عوٗروضی قاعدو نِبر درامُت ' ابوالعتاہیہ وۅتھُس درجواب یہِ چھُس عوٗروض یَتھ کُن تٕراوِتھ پیش قدمی کران ۔

یِم آسی خلیلی عوٗروضَس متلق تِہنٛدِ ہم زبان تہٕ ہمکال یا وقتہٕ حسابہٕ نَزدیکے بہلہِ پایہِ عالمَن ، اَدبی نقادَن تہٕ شاعرَن ہندی کینہہ تاثراتھ ۔ تہٕ یوٗتامتھ ایرانین ہُند تعلُق چھُ تمو منٛز تہٕ چھہ کینژو اَمہِ عوٗروضہِ چہ افادیژ نسبتھ برٛیڈی گٔڈی ہیتی ، مِثالے اِبتدآیی سلجوقی دوٗرُک ( یعنے پوٗنژیمہِ صدی ہجری یُک ) کیکاوٗس بِن اسکندر مُصنف " قابوٗس نامہ " ۔ تہٕ واریہو عالمو چھے اَمہِ عوٗروضچ پیچیدگی دوٗر کرنہٕ موکھہ تہٕ یہِ عوٗروض پَنہٕنِس قومی مزازَس تہٕ فارسی زبانۍ تہٕ شاعرِ یہِ ہندِس مزازَس نکھہ اَنٛنچ کوشِش کٔرمٕژ ۔ ٹٔلی کِہ چھُکھ عربی عوٗروضَس لَرِ لوٗر " فارسی عوٗروض " مُرتب کرنُک ضوٗروٗرتھ تہٕ ژوٗنمت تہٕ یہِ بدل اصطلاح ورتوومت تہٕ ۔

خلیلی عورُوضس منز یمہٕ کوتاہیہ ایرانیو وزِ وزِ موٗحسوٗس کرِ تھ
چھےٚ، تمیُک اکھ مُفصَل تہٕ توجُہس لایق مُطالہٕ چھُ سانٮ۪ اکی ہمکال
برگزیدٕ ایرانی محقق، عورُوض دان تہٕ ماہرِ لسانیاتھ مرحوم ڈکٹر پرویز
ناتِل خانلری ہنٛز "وزنِ شعرِ فارسی" ناوٕ کتابہٕ منز میلان۔ یُس
مُطالہٕ باسیوو مے کاشرِ شاعری ہندِ حوالہ تہٕ کافی مَطلبہٕ مُفید، تہٕ
مے کوٚر زیرِ بحث عربی عوٗرُوضس نسبَتھ خانلری ہندِ مذکوٗرٕ اِنتقادی حِصہٕ
مُتعدِد عبارژن یا تہٕ سیدِ سیود ترجمہٕ تہٕ نتہٕ کٔرِم پننہٕ ہن تفظن منز تمن
ہُند خُلاصہٕ پیش کرنٕچ کوٗشش۔

خلیلن چھےٚ پننہٕ وزنیاتچ یعنے مشرٕ ریکھاوچ بُنیاد اَچھرن ہنٛز
حرکتھ تہٕ بے حرکتی بناوٕمژ تی چھُ تِہندِس عورُوضس منز پیچیدگی
پاٚدٕ سپدنس موٗلہٕ سبب بنیومُت۔ یہ چھےٚ اکھ بلکل موٗلوٗم کتھ زِ وزنہٕ
تلہٕ چھُ مُراد آوازن ہنٛز باہمی تنظیم تہٕ تنوٗسُب۔ شار چھُ مشتمل آسان
لفظن پیٹھ تہٕ لفظ چھُ بجایہٕ خود مشتمل آسان کُنہٕ اَکِس یا کینژن
آوازن پیٹھ۔ کُنہٕ لفظس ہرگاہ آواز و حسابہٕ باگرن کرو حاصِل
سپدن وول سارِوے کھوتہٕ لوکُٹ حِصہ چھُ اکھ واحِد آواز ونان۔
سایموگراف (Cymograph) ہِشو مشینو ذٔریعہ بدینرن والی
صوتی زاوی جار اَکیتھ کُن ترٛاوِتھ ہیکَو ووٗثوٗقہ سان وٗنِتھ زِ واحِد آواز تلہٕ
چھُ مُراد سو اکھ آواز یوٚسہ نہٕ مُرکب (Compound) آسہ، یعنے
یتھ نہٕ مزید حِصہ باگے سپدِتھ ہیکہٕ۔ (مثلن اَ، آ، اِ، ای وغارٕ)
اِصطلاحہ پاٹھی چھِ یژھ کُنہٕ تہٕ آوازِ بسیط (Simpie) آواز ونان۔

تہٕ بسیط آواز چھےٚ یا تہٕ پانٕے تِن تنہا کانٛہہ معنہٕ دِوان ( مثلَن ژٕ ، ہُہ ، بٕ وغارٕ ) تہٕ نتہٕ چھےٚ بیٚیہ کُنہِ اَکِس یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ آوازَن سۭتی زُلِتھ کانٛہہ معنہٕ سوو لفظ بنان ( مثلَن بتہٕ ، کٔلہٕ ، قلم ، کوٚستوٗر وغارٕ ) ۔ لفظ چہِ اَمہِ وۄتھنیہ کِنۍ ژارنہٕ آمژِ یژھہ پٔرتھ اَکِس آوازِ آسی یژ اَنۍ عرب کیٚو ایرانۍ وۄستاد " مُقطَّع " وَنان ، انگریزی پاٹھی چھ اَتھ syllable وَنان ، اَز کل چھس فارسی وٲلی " ہِجا " وَنان ، تہٕ اَسی وَنوس ینٛژ پاٹھی ہیٚنجُل ۔

واحِد آوازَن ہُند ژھوچر زیچھر نظرِ تل تھاوِتھ ( یا تمن ہُند پھورٕ زور وُچھِتھ ) چھ ہیٚنجلس زٕ قِسم ۔ اکھ ژھوٚٹ ( مثلَن ا ، اِ ، اُ ، اوٚ ، او وغارٕ ) تہٕ بیاکھ زیوٚٹھ ( مثلَن آ ، ای ، اوٗ ، او ، اوٗ آ وغارٕ ) ۔ ہیٚنجلن ہندِس اَتھ ژھوچرس زیچھرس چھ نشاندہی باپتھ یِم زٕ نشانہٕ وَرتاونہٕ یِوان : ژھوٚٹہِ ہیٚنجلہِ باپتھ : " ں " تہٕ

زیٹھہِ ہیٚنجلہِ باپتھ : " — "

اَمہِ وۄکھنیہ تلہٕ چھُ یہِ نوکتہٕ نوٚن نیران زِ وَزنُک سنگِ بُنیاد چھ ہیٚنجُل ، تہٕ یہِ چھُ سُہ اکھ نوکتہٕ یُس کُلِ عالمکی دانِش مند دُرست مانان چھ ، تہٕ اَتھ منز چھنہٕ کُنہِ تہِ چوٚن وچراہِچ گنجٲیِش ۔ اَما پوٚز خلیلی عروٗضس منز چھےٚ ہیٚنجلی ناوٕچ یِہٕے کُنہٕ کٔنی نظر انداز سپنہٕ مژ تہٕ اَمہِ بجاے چھ وَزنس مُتحرک تہٕ ساکِن اَچھرن پیٹھہٕ کُن کھارنہٕ آمُت ، بظاہِر یہِ حقیقتھ مُشترِکھ زِ ساکِن اَچھرس چھُنہٕ توٚتام پزنہٕ پاٹھی پھورُے ممکِن سپدان یوٚتام نہٕ تتھ زبر ، زیر ، پیش وغارٕ ہِش کانٛہہ حرکتھ مدد کرِ ۔

سوال ہیکہ وُتھتھ زِ اما خلیلس ہوس دأنِش مندس کیاز چھے امہِ آیہ بظأہر ژھجہِ ؟ غالبن چھُ تمہ باپتھ عربی زبأنی ہُند رسم خط ذمہ وار، تکیاز تمہ رسم خط موجوب چھِنہ حرکژ اَچھر ماننہ یوان بلکہِ اَچھرن ہندی عرض (نہ زِ جوہر)۔ باسان چھُ خلیلس چھُ پانس امہ کتھ ہُند ظون او سمت، توے تہ چھ تمی یہِ مولی مشکل دور کرنہ موکھہ متحرک تہ ساکن اَچھر رلأوی رلأوی ترٕن زٕ من بیٹھ مشتمل اسباب، اَوتاد تہ فواصِل بنأوی ہتی، تہ تمے چھن وزنکی اَولین جزء مأنی ہتی۔ یمو زمرو منز چھُ پرتھ اکھ زُمر دون دون قسمن ہندین جُزن پیٹھ مشتمل، یعنے (ا) سببِ خفیف تہ سببِ ثقیل، (ب) وَتَد مقرون تہ وَتَد مفروق تہ (ج) فاصلہِ صغریٰ تہ فاصلہِ کبریٰ۔ گویا کُل شے جُز یا وَنو شے رُکن۔

دونی ہیٹو یمن شنہ ونی رُکنن ہنا نکھہ نکھتھ سام۔ رژھ کھنڈ بٔرونہہ وُچھ اَسہ زِ وزنٕک اَولین کُنہ کُنی یا وَنو اَولین رُکن چھے یکراے سپدتھ سو آواز مانِنہ آمژ یوسہ واحِد تہ بسیط آسہ (یعنے غأر مرکب آسہ، یعنے یتھنہ مزید حِصہ بأگے سپدِتھ ہیکہِ) تہ یتھ اَسہِ ہیچھِ ناوکوز، اَدِ ژھوٹ یا زیوٗٹھ ہیتِھ، مگر خلیلن یم شے رُکن مقرر کری ہتی چھ تمو منز چھِنہ کوڈنکہِ رُکنہ ورأے، یعنے سببِ خفیفہ ورأے بیٔیہ کانہہ تہ رُکن بسیط، تکیاز دویُم رُکن (یعنے سببِ ثقیل یُس دون متواتر متحرک اَچھرن پیٹھ مشتمل آسان چھُ) ہیکون مزید دٕبژھنے گٔرِتھ دون الگ الگ حِصن منز بأگٔرِتھ۔ تژن گو دیتھ پأٹھ:

"بَتہٕ" (بَ+تہٕ)، "سُلہِ" (سُ+لِہ) ۔ یِتھے پأٹھۍ ہِہکون تریٚیمُ رُکن (یِعنے وَتد مقرُون یُس ترِٛن اَچھرَن پیٹھ مشتمِل آسان چھُہ، مطلب زِ متواتِر مُتحرِک اَچھر تہٕ پۆتُس پیٚنہٕ وول اکھ ساکِن اَچھر) تہٕ مزید حِصَن منز بأگرِتھ ۔مثلَن "اَگر" (اَ+گر) ، سَرپھ (سَ+رپھ) ۔ اَمی طرِیقہٕ ہِہکون مذکوٗرٕ ژوٗریمُ رُکن (یِعنے وَتَد مفروٗق یُس ترِٛن اَچھرن پیٹھ مُشتمِل آسان چھُہ، مطلب اَندن دۄن زِ متحرک اَچھر تہٕ مَنز س اکھ ساکِن اَچھر) مزید الگ الگ حِصَن منز بأگرِتھ ۔مثلَن "دُدبہٕ" (دُد+بہٕ) ، مَلبہٕ (مَل+بہٕ)۔ پۆنژیمُ رُکن (یِعنے فاصلہٕ صُغریٰ یُس ترِٛن مُتواتِر متحرک اَچھرَن تہٕ پۆتُس پیٚنہٕ وأنِس اَکِس ساکِن اَچھرس پیٹھ مشتمِل آسان چھُہ) تہٕ ہِہکون مزید الگ الگ حِصَن منز بأگرِتھ ۔مثلَن "وَرِمُل" (وَ+رِ+مُل) کَنہٕ لیٚوڈ (کَ+نہٕ+لیٚوڈ) تہٕ شیٚیمُ یِعنے آخری رُکن (یِعنے فاصلہٕ کُبریٰ یُس ژۄن متواتِر متحرِک اَچھرن تہٕ پۆتُس پیٚنہٕ وأنِس اَکِس ساکِن اَچھرس پیٹھ مُشتمِل آسان چھُہ) تہٕ ہِہکون مزید بأگرِتھ ۔مثلَن "چھلہٕ وُدر" (چھ+لِہ+وُ+در) ، "کولہٕ بطخ" (کو+لہٕ+ب+طخ)

خلیل چھُہ شار مذکوٗرٕ شَن رُکنَن منز بأگران ۔ ہرگاہ اَمہِ بأگرٕنۍ ہُند مقصد شارٕ چہ بیٚون بیٚون بسیط آوازٕ (یا وَنو ہیٚجلی) باہم رَلأوِتھ تِمَن بسیط آوازن پیٹھ مشتمِل مُرکب تیار کَرٕنۍ اوس تیلہِ کوٚ بایتھ چھِن اَفاعیل تہٕ دَلس ترأوِ مِتی؟ تہٕ تیلہِ کیازِ اَفاعیل تہٕ مزید ضمنی رُکنَن منز بأگرنہٕ یِوان؟ تہٕ تیلہِ کیازِ صرف کینژے مُرکب صوٗرژ رُکنَن منز

شُمار کرِنہٕ یوان تہٕ بلکہٕ پتھر تراونہٕ یوان ؟ یہ کُھر کیاز ؟

بہرحال یہٕ گوو خلیلی عوٗرُوضُک یہٕ ڈِژ تہٕ ناہنجار گُن ، یعنے لفظن ہِندِن ہیجلبن ہِندِ ژھو چر ژیچھر بجایہٕ اَچھرن ہِنٛز حرکژ تہٕ بے حرکتی پیٹھ مشتمل اَسباب ، اَوتاد تہٕ فواصل ۔ دوٗنی تمی تو بحرن تہٕ افاعیلن ہُند مادہٕ (ضِمنن وَنوزِ فعل چھُ واحد ، اَفعال جمع تہٕ اَفاعیل جمہک جمع ) ۔

خلیلن چھ عربی شاعرِیہٕ ہِندی یَنداہ وزن پاتھرن دأیرن منٛز سوٗمبرٕمتی تہٕ تِم یَنداہ عدد وزن چھِن اَصلی وزن مأنِمتی ، تہٕ تِمو منٛز پرٛتھ کانٛہہ وزن اکھ بیوٚن تہٕ اَصلی قِسم قرار دیتمُت تہٕ تتھ " بحر " ناو کوٚرمُت ۔ مَطلب یِہ زِ بحر چھُ پرٛتھ تتھ وزنس وَننہٕ آمُت یُس مذکوٗرٕ یَندہن اَصلی وزنن منٛز شأمِل آسہِ ، تہٕ یتھ پأٹھی چھےٚ یَنداہ مختلف تہٕ اَصلی بحر مقرر کرِنہٕ آمٕژ ۔ تِمن اَصلی بحرن ہِندی ناو چھِ یِم : طویل[1] ، مدید[2] ، بسیط[3] ، کامِل[4] ، وافِر[5] ، ہزج[6] ، رجز[7] ، رمل[8] ، منسرح[9] ، مُضارع[10] ، سریع[11] ، خفیف[12] ، مجتث[13] ، مُقتضب[14] تہٕ مُتقارب[15] ۔

اَمہِ پتہٕ چھےٚ خلیلن یِمن یَندہن اَصلی بحرن تانہ بلگے گرمژ تہٕ چھِن تتھی اَٹھ تان یا وَنو تتھی اَٹھ جُز بدِ کڈی متی یِم مذکوٗرٕ یَندہن اَصلی بحرن منٛز سرٛوٗدی لَبنہٕ آسن ، یعنے اَٹھ اَفاعیل ، مطلب :

(۱) فاعِلُن (۲) فعوٗلُن (۳) مَفاعیلُن (۴) فاعِلاتُن
(۵) مُستفعِلُن (۶) مَفاعِلتُن (۷) مُتفاعِلُن (۸) مفعوٗلاتُ

چوٗنکہِ یِم اَٹھ وے جُز آسن مذکوٗرٕ اَصلی بحرو منٛز کڈی متی تو کنٛہ کوٚرن یِمن اَٹھن جُزن تہٕ اَصلی جُز ناو ۔ رُوٗدی تِم وزن یِم تہٕ

مذکوٗرٕ پاٹھٕرٕنٛ دأیرَن منٛز وٕچھِیس تِمَن کوٗرٕن ناو فرَعی بحر۔ (اَصل گوٗو موٗل تہٕ فرَع لَنٛڈ)۔ تہٕ تِمَو فرعی بحرَو منٛز کڈنہٕ آمتِن جُزَن وَنُن فَرعی جُز، مطلب تِم جُز یِم مذکوٗرٕ اَصلی اَٹھو جُزَو وَرٲے چھِ۔

خلیلَس پتہٕ چھےٚ مختلف ووستادعوٗروٗضیو عربی کیٚو فارسی شأعِری ہِنٛزَن رنٛگہٕ رنٛگہٕ شارٕ مثالَن پیش نظر مزید کیٚنہہ فرعی بحر ہُراوِمٕژ تہٕ واریاہ واریاہ فرعی جُز ہُرٲوِی متی۔ مثلَن مشہوٗر عوٗروض دان شمس قیس رازی یَن چھِ ۳۵ فرَعی جُز گنٛزٕرِی متی، یِہنٛدی چھِ ناو بوٗزِی تھےٚ کم از کم مےٚ ہِوِس اَکِس عام کأشرِس ڈیوٗڈر ووتھان چھُ۔ ناو چھِ:

۱۔ قبض ۲۔ قصر ۳۔ حذف ۴۔ خبن ۵۔ کَف ۶۔ شکل ۷۔ خرم ۸۔ خرب ۹۔ شُتر ۱۰۔ قطع ۱۱۔ تشعیث ۱۲۔ طے ۱۳۔ وقف ۱۴۔ کشف ۱۵۔ صَلم ۱۶۔ معاقبت ۱۷۔ صدر ۱۸۔ عجز ۱۹۔ طرفان ۲۰۔ مُراقبت ۲۱۔ اسباغ ۲۲۔ اذالہ ۲۳۔ جدع ۲۴۔ ہتم ۲۵۔ جحف ۲۶۔ تخنیق ۲۷۔ سلخ ۲۸۔ طمس ۲۹۔ جب ۳۰۔ زلل ۳۱۔ نعر ۳۲۔ رفع ۳۳۔ ربع ۳۴۔ بتر ۳۵۔ حذذ

"دایرۃ المعارف اسلامی" مطلب اسلامی انسایکلوپیڈیا یَس منٛز چھُ یِمَن فرعی جُزَن ہُنٛد تعداد ۶۶ پیٚنٛٹھ ۸۵ تام وَننہٕ آمُت۔ یادپاوٕنی لایق کتھ چھےٚ یِزِ یِم ساری فرعی جُز (یا وَنَو فرعی افعال) چھِ مختلف تُھرٕ ہٕ آمتِن قاعدن ہنٛدِ مدتہٕ اصلی اَفعالَو منٛز نیٚبن ہنٛدی پأٹھی کڈنہٕ یِوان تہٕ تِمَن قاعدن چھِ زِحاف تہٕ عِلّت وَنان، یا جمع بنأوِتھ

ازاحیف (یا زِحافات) تہٕ عِلَل۔

دوٗ کھنے کٔرِتھ وَنوٗ زِ اصلی اَفاعیلن ہنٛدِہن رُکنَن منٛز یِمہٕ تبدیٖلیہٕ سپدَن تِمَن چھ حَذف (مَطلب چھوٗنراوُن)، زیادت (مَطلب ہُرراوُن)، حرکت تہٕ سکوٗن وَنان۔ ممکن چھ یِمہٕ تبدیٖلیہٕ سپدن کُنہٕ شارکس گوڈنکہٕ مِصرکِس اَندس پیٹھ (اَتھ اَندس چھ عروض وَنان)، نَتہٕ دوٗیمہٕ مِصرکِس اَندس پیٹھ (یتھ ضرب وَنان چھ) یِمَن دوٗشوٗنی جاین سپدن واجِبہٕ ہِن تبدیٖلیَن چھ عِلَل وَنان۔ یِتھے پأٹھۍ چھ ممکن زِ تبدیٖلیہٕ سپدَن کُلہُم کٔرِتھ دوٗن مِصرن ہنٛدِس ابتداہس تہٕ اِنتہاہس درمیان (یعنے دُمِصری شارکِس "حَشو"س درمیان)، تِتھ صوٗرژ منٛز سپدن واجِبہٕ ہِن تبدیٖلیَن چھ زِحافات وَنان۔ مختلف اَفاعیلَن منٛز یِمہٕ عِلَل تہٕ زِحاف رونما سپدان چھ تِمَن چھ پننۍ پننۍ مختلف ناو مُقرر تہٕ تِمہٕ سببہٕ چھ وزنَن ہُند تعداد تہٕ واریاہ ہُران تِہنٛدۍ ناو تہٕ القاب چھ گوٚن درگوٚن تہٕ پیچیدٕ ثأبِتھ سپدان تہٕ یاد تھاوٕنۍ سٮٹھا مُشکِل۔

چوٗنکہٕ خلیلَن اوس گوڈٕے پنٛدہ[۱۵] بحرن اَصلی بحر وَنمُت تہٕ تِمو منٛز کٔڈ نہٕ آمتین اَٹھَن جُزن اوسُن اصلی جُز ناو کوٗرمُت تۆہِنزِ لوٗگ نہٕ تَس چارے زِ فرعی بحرن منٛز یِم مختلف جُز نظر گأس تِمَن سارِنۍ مانہٕ اصلی اَٹھو جُزو منٛز دِزانٛژ لنٛجہٕ۔ تہٕ توٚے سببہٕ پیٚیے تَس اصلی کلبو منٛز فرعی لنٛجہٕ کڈنگ مانٛلہٕ موقوٗل بناوٕنہٕ موکھ ازاحیف تہٕ عِلَل ناوٕ رنگہٕ رنگہٕ تہٕ پیچیدٕ قاعدٕ تھٔرِنۍ، تہٕ تَس پأروی کرَن والین تہٕ

پیوٚو خاہی نخاہی تمی گاچھ قاعدٕ ترأشی ہُند وَرل تہٕ وُڈھُنٛل سِلسِلہٕ
چلہٕ وُن تھاوُن۔

ژ بنہٕ دِنس لایَق سَوال چھُ یِزِ خلیلَن کتھ بُنیاز پیٹھ چھُ مذکوٗر
پَندہَن بحرن اصلی بحر ناو کوٗرمُت؟ تہٕ تِمَن پَندہَن بحرن تانہٕ باگے
کٔرتھ یِم مذکوٗر آٹھ اَصلی جُز (اَفاعیل) مُشخص کٔری متی چھِن تِہند
اِشتِقاق کِمہٕ اوٗصولہٕ مُطابق چھُ سپدمُت؟ خلیلَن چھُنہٕ پانہٕ کانٛہہ جواز
پیش کوٗرمُت۔ کانٛہہ ہیٚکہٕ پرٛژھِتھ زِ مثلَن "مُستَفعِلُن" کیازِ کٔرِن
اَصلی تہٕ سٲنِم اَفاعیلَن منٛز شمار تہٕ "مفاعِلُن" کیازِ مانوِن مُزاحِف
تہٕ فرعی؟ اَتھ چھُنہٕ بظاہر کانٛہہ معقوٗل جوازٕے۔

دوٚیِم نیٚتو تقطیعُک مامِلہٕ، مَطلب میٖٹر باگیہ ہُند مامِلہٕ تہٕ وُچھتو
سُہ تہٕ کوتاہ ہرمُر، کھرٕ لد تہٕ بےٚ وُپر باسان چھُ۔ یہ کتھ چھےٚ بڑونٛھے
کھرگمژ زِ وزنہٕ تلہٕ چھُ مُراد موزوٗن کلامہٕ کِس جُزَن ہِنٛز باہمی تنظیم
تہٕ تنوُسُب۔ ظاہر چھُ زِ یہ بُنیادی نوکتہٕ نظرِ تل تھاوِتھ گژھہ کینہٕ تہٕ
وَزنہٕ نِظامُک مقصد آسُن موزوٗن کلامَس منٛز موجوٗد تنظیم تہٕ تنوُسب
بدِ کڈُن۔ میٖٹر باگے کرنُک مقصد تہٕ گژھہ ہی آسُن۔ اما پوٗز یہ یلہٕ
زیرِ تبصرٕ عوٗروٗضکی ماہر مقررٕ قاعدو مُطابق شارَن تقطیع (مَطلب میٖٹر باگے)
کَران چھِ اکثر صوٗرژن منٛز چھُنہٕ سُہ مُدا بامَل یوان۔ یِلہٕ پأٹھی چھُ
سپدان یہ زِ مُتلقہٕ وزنہٕ کِس جُزَن (مَطلب افاعیلن ہِنٛز) گٔنی تنظیمہٕ
ہُند تہٕ گٔنی تنوسُک چھُنہٕ کانٛہہ باس لگان تہٕ یِتی چھےٚ زیرِ تقطیع
کلامِ موزوٗنس منٛز بجایہٕ خود موجوٗد تنظیمہٕ تہٕ تنوُسُبس تہٕ اَدرکھل گژھان۔

مثالہٕ باپتھ نیتو رُباعی ہندِ بوٗ مُقررٕ وزنو منز اکھ وزن۔ اَمہٕ وزنک محض ناو بوٗزِتھ ہیٚکہ کانٛسہِ تہٕ کانٛشرِس تلواس ؤتھِتھ۔ ناو چھُ "ہزج مُثمّن اَخرم اُشترُ ازل" تہٕ اَتھ وزنس چھےٚ ژورو مقررٕ پیٚتر باگو مُطابق تانٛہ باگے کرنہٕ یِوان یعنے مفعوُلن، فاعِلُن، مفاعیلُن، فع۔ تِژن گوٗو شارک اکھ مِصرٕ چھُ تیتھین ژٕ ون جُزن منز بانٛگرنہٕ یِوان یِمن پانٛہ وانٛنہ کانٛہہ تووزُن چھُ تہٕ نہٕ کانٛہہ ہشر۔ وضاحتہٕ موکھہ نموُن یہٕ کانٛشر رُباعی:

سون روٗپھ گری گری پیسارٕ پاوی دُنیہہ
ہٕری ہٕری پھولنک نظارٕ ہاوی دُنیہہ
عشقچ تمبرے وُجارٕ سینس ووپدی
مٔرتی خانس مشالہٕ ترٛاوی دُنیہہ

گٔری تو اَتھ مقررٕ عروضی قاعدو مُطابق تقطیع تہٕ وُچھتو کوٚسہٕ نامناسب پیٚتر باگے چھےٚ اَتھ گژھان تہٕ کیتھہٕ پانٹھی چھےٚ رُباعیہٕ ہنٛز پَتنہٕ موزوٗنیتھ تہٕ لَیہ لہراوس اَدر کھل گژھان:

| فع | مفاعیلُن | فاعِلُن | مفعوُلن |
|---|---|---|---|
| یہہ | رٕ پاوی دُنی | گری پیسا | سون روٗپھ گری |
| یہہ | رٕ ہاوی دُنی | نک نظا | ہٕری ہٕری پھول |
| دی | رٕ سینس ووپ | رے وُجا | عشقچ تمب |
| یہہ | لہٕ ترٛاوی دُنی | نس مشا | مٔرتی خا |

حالانکہٕ مُقررٕ قأعدن تُھنٛنے کٔرِتھ اگر یوٗ ہے وَزَن بَدل پأٹھۍ بأگرون
وَزنہٕ کین اَفأعیلن ہٕنٛز باہمی تنظیم تہٕ تنوسُب نیرِ گوڈنچی نظرِ ٹاکارٕ پأٹھۍ
نوٗن، تہٕ یِتی سَیدِ منقوٗلہٕ رُبأعیہ ہندِن جُزن منٛز گوڈے موٗجوٗد
تنظیم تہٕ تنوسُب تہٕ آشکار۔ مِثالے أتھۍ وزنس کُنہٕ تہٕ قسمُک ہیر پھیر
پاوِنہٕ وَرأے ژورو بَجایہٕ پانٛژھ اَفأعیل بنأوِتھ یہٕ تقطیع:

| ۱ | ۲ | ۳ | ۴ | ۵ |
|---|---|---|---|---|
| فع لُن | فع لُن | فعوٗلُ | فع لُن | فع لُن |
| سون رو پھ | گرٛی گرٛی | پسارٕ | پاوی | دُنی یہہ |
| ہٕرِی ہٕرِی | پھولنُک | نظارٕ | ہاوی | دُنی یہہ |
| عشقچ | تیمبرے | وُجارٕ | سپٕنس | ووپدی |
| مرِچ | خانس | مشالہٕ | تژاوی | دُنی یہہ |

مُقررٕ عروٗضی قأعدو مُطأبق ہیٚکہٕ مثالے حقأنی صأبنِس یتھ نعتیہ
مَطلعَس تہٕ وُلٕٹہٕ بأش گٔژھتھ:

(i) گوہ جہاں تا زِ برو خسا رِ رَسوٗلے عَرَبیؐ
فاعِلاتُن فَعَلاتُن فَعِلاتُن فَعِلُن

(ii) روٗٹ گُلوٗمُش کِہ زٕنے گفتا رِ رَسوٗلے عَرَبیؐ
فاعلاتُن فَعَلاتُن فَعِلاتُن فَعِلُن

مُبتدی نَفرن چھےٚ مُقررٕ عروٗضی پیٚر ماںٛو ڈٕسی تقطیع کرنہٕ وِزِ عوٗ موٗمن

دلقتھ یوان ۔ تتھ چھ بسا اوقاتھ سبب آسان زِ تمن چھ ژکہ شارس منز موجود حقیقی وزنس تہ لیہ ہراوس پیٹھ توجہہ مرکوز آسان تہ عروضی پرمانو منز ہم وزن پرمانہ ژھارنس چھکھ تھوس یوان ۔ تہ ہرگاہ کینہ وزِ تم ینی أنکہ وٗنی کنی مقرر منز و بجایہ بدل منز ورتاوِتھ تقطیع کران چھ سو تقطیع چھکنہ معیاری مانہ یوان ۔ مثلن مقرر معیارہ مطابق چھے بحرِ متقارب مثمن محذوفس ژور و رکنو ڈسی تقطیع کرنہ یوان یتزن گوو فعولن ، فعولن ، فعولن ، فعِل ۔ وٗں زن کرِ کانہہ أتھی وزنس مفاعیلُ مستفعِلُن فاعِلُن، یا فعولُن ، مفاعیلُ ، مستفعِلُن یا چھرا آوازن پیٹھ مشتمل یتھی ہوی سیدی ساد پرمانہ مشخص :

ت تم تم ت تم تم ت تم تم ت تم

تہ مشخص کرِتھ کرِ کینہ رلن ہار شارس تقطیع ، مثلن یتھ شارس :

خودایا ژ کس دار چھکھ بے کسن

زون آش ممتن ، ینہہ عاجزن

ظاہر چھ زِ وزنس پیٹھ نہ کانہہ پھیر مگر تقطیع کرنک یہ طریقہ ییس نہ معیاری مانہ ۔

دیان عروٗ آسی وزنہ منز مختلف آوازہ بوزِتھ وضع کری یتی، مثلن "رجز" بحرِ متلق چھ ونہ آمت زِ سو چھے وونٹن ہند پکن وُچھتھ وضع کرنہ آمژ ۔ مانی تو یہ دوپ آسہ پوز مگر اَسہ کاشرین ییلہ نہ وونہٕ پکُن وُچھنس ہالے چھے أسی کیتھ پاٹھی ہیکو ونتھ زِ رجز بحرِ ہند وزن چھا فطری کینہ نہ ۔ تہ اَمہ قسمچ ہال نہ آسنہ سببہ ہرگاہ

اَسہِ منز کانْہہ شخص اُتھی رَجز بحرِ منز گنڈنہٕ آمتس کُنہِ شارس بَدل آیہِ میٖتر باگے کَرِ سٕہ ووتا مارُن ۹ہَزَج بحرِ ہنٛز مٕعیارٕی میٖتر باگے چھےٚ مَفاعیٖلُن ، مفاعیلُن ، مَفاعیلُن ، مَفاعیلُن ۔ اَمِہ بَدلہٕ زَن کرو ٚس ییٖمہِ آیہِ حِصہٕ باگے : فَعَل فع لُن، فَعَل فع لُن ہٕ فَعَل فع لُن، فعَل فعِ لُن۔ وزنَس پیٖٹھ یہٕ کانْہہ پھیرِ تہٕ مُقررٕ معیارٕ ڈلنَس کیازِ وَنو اَثر ؟ اَتھ ضِمنَس منز گژھہ یہِ اَکھ اَہم حقیقتھ تہٕ نظرتَل روزٕنی زِ کاشُر زبٲنی ہندِس اَصلی لَفظٕ راشَس منزِ چھہٕ عَربی زبٲنی مقابلہٕ ژٕ ہیٚجلی تہٕ پانٛژٕہ ہیٚجلی لفظ سٹھاہے کَم ۔ اَمِہ لِسٲنی اِمتیازُک تقاضہٕ چھُہ زِ کاشرِ شاعرَن بابتھ ین زیادٕ تیٚہن تِمے وَزنہٕ میٖتر وَرتاوس اَنِنہٕ یِم کَمہٕ نے ہیٚجلین پیٖٹھ مشتمِل آسَن ، تیکیازِ تِتھ ین تِمے ژھوٚٹی میٖتر بَرہ تہٕ تقطیعی اُدرکھل تہٕ گژھہ کم۔

تقطیعہِ ہندِس ضِمنَس منز اگرچہ یہِ کتھ خٲہی نخٲہی مانٛنی پیوان چھےٚ زِ وَزنہٕ پیرمانہٕ اَدِ ییٖمہ آیہ تہٕ ٹھرنہٕ ین رَمن تہٕ شارکین لفظَن منز پوٗرٕ تہٕ پیوستہٕ مُطابقتھ قٲیم کَرٕنی ہیٚکہِ نہٕ ہمیشہٕ مُمکِن سپدِتھ ، مگر تہِ اَسِتھ تہٕ چھُنہٕ یہِ تیٚژھا شایَد نامنٲسِب زِ یُوتاہ ممکن سپدِ تیوٚتاہ گوژھہ موزوٗنِس تہٕ میزانَس منز ہشر تہٕ تنوسُب آسُن ۔

یِتہِ چھُ پیٚزر زِ میٖتر باگے کَراں کَراں چھنہٕ مذکوٗرٕ قسمٕچ مسنٛچہ صوٗرتھ پرتھ وِزِ نظرِ گژھان ، مگر یِتہِ پیٚٹھِ مانُن زِ وارِیاہن صوٗرژن منز چھےٚ یقینَن نظر گژھان ۔ چنانچہ تتھین موقَن پیٹھ چھُ سونٛچَس بُبُر کھسان زِ اگر عروٗضی اَفاعیلَن منز قٲیم کرنہٕ آمت اَصل تہٕ فرع

آسنگ بِلاجواز پھیرے کُنہٕ پاٹھی موکلِہ ہے تہٕ ماروزِ ہے جانٕہ تہٕ تِتھ پاٹھی ماووتِھ ہے وارِیہس حدس تام کھرلد زِحافی تہٕ عِلّتی زٲوی جارن ہٕنز تھپ تہٕ!

زِحافن ہُند مالہٕ تہٕ چھُ وارِ پاٹھی سنٕہنس لایق، خاصکر تھ اَسہِ کاشرِن ہند باپتھ، تکیازِ سانی مشینی مزازِ یار چھ مُقرر رِکھہ ہٕنا تہٕ اورِ یور ڈلنس یاہٕ وُچاپچِی مانان تہٕ نتہٕ نہٕ زانُن، بامے سہ ڈلُن کونہٕ آسہٕ نیہ لہراو تہٕ معنےکہِ اعتبارٕ مُفیدٕ ے۔

یہ چھُ پوزٕ زِ وارِہو فارسی عورُوض دانو تہٕ چھُ یژرِھ ہِشہٕ شُٹھ گیہ ہُند بار ہا مُظاہر کورمُت۔ چنانچہ خاقانی ہِوی بہلہٕ پایہٕ شاعرن ییٚلہِ پننِس اکِس منظُومَس منز رِکھہ ڈلنُک اِرتکاب کور، سخت گیر نوکن آو نہٕ تہٕ پسند۔ خاقانی سُند شار اوس:

کیسہ ہنوز فربہ است باتو ازاں قوی دِلم

چارہ چہ خاقانی اگر کیسہ رَسد بہ لاغری

اَتھ منظُومَس چھُ کلھم گرتھ فی مصرٕ وزن مُفتَعِلُن مفاعِلُن مُفتَعِلُن مفاعِلُن۔ مگر منقوُلہٕ شارکس دوٚیمِس عورُوضی میٖٹرَس تَل چھُ شاعرن "مَفاعِلُن" بجایہ "مُفتَعِلُن" ورتوومُت، تہٕ سہ ورتاو دِیُتھہوس قابلِ اعتراض قرار۔ وُں اگر سانہِن کاشرِن یارن کُنہٕ اَتھ ییہ ہے تم دیہنس بَبا مذکورٕ خلاف ورزیہ علاوٕ تہٕ چھی شارس وزنہٕ حسابہٕ زٕ نوقص: اکھ یِزٕ "است" لفظُک اَچھُر "ت" چھُ وُسی پیومُت تہٕ "خاقانی" ناوس چھُ "خاقانہٕ" بنیومُت۔

حالانکہ ییٖتھ خلاف وَرزیہ چھےٚ بارہا سپزمژ تہٕ حافظس تہٕ غالبس
ہوٚبوٚ بڑبوٚ بڈبوٚ شاعِروکرِمژ۔ مثلن "پنج گنج" تخلیق کرَن وول نظامی
گنجوی چھُ ہزج مُسدس محذوُف (مطلب مفاعیلُن مفاعیلُن فعولُن)
وَرتاوِتھ "خُسرو شیرین" ناوِ پننہِ مشہوُر مثنوی یہِ ییٚمہِ شارِ ستی دِس ٹلان:

خداوندا درِ توفیق بکُشا        بندگاں را رَہِ تحقیق بنُما

نئ کتھ چھےٚ زِ اَمِہ مطلعہ کِس دوٚیمس مصرس منز چھُ گوڈنکیس عروُضی
میٖٹر باگس تل "مفاعیلُن" بجایہ "فاعلاتُن" ورتاونہ آمُت۔ چنانچہ
ایرانُک اکھ مشہوُر شیٹھ عروُض دان یعنے شمس قیس رازی چھُ اَمِہ
قسمہٕ چَن خلاف وَرزیَن ناپسند کران، تہٕ سانہِن کاشرِن شیٹھ گی پسند
دوستَن ہندی پاٹھی چھُ رچھن ہاری زوِی یہِ وَرتاوِتھ یا عالی وقارِ
(High brow) لاگتھ اکہِ طرفہٕ یہِ وَنان زِ کینہہ شاعِر آسی مقامی بولِن
ہُند طور طریقہٕ پانہ ناوِتھ یِتھی ہیر پھیر محض عادتہٕ کنی کران تہٕ تہٕ کرُن
اوسکھ نہٕ ناکارباسان، تہٕ بیٚیہ طرفہٕ چھُ اَتھی ہیر پھیرس پیٹھ مجادلہٕ
لاگان۔ یِتھبن موقن پیٹھ چھُ بیٚیہ زِ تتھس پاوُن پیوان زِ کُنہ تہٕ قومس
یا جماعژ منز چھُ موزونیتژ ہُند کانہہ مخصوص تصوُر گوڈ پھانپھلان تہٕ اَدِ
چھےٚ تمہِ قومِچ یا جماعژ ہنز شاعری تتھنہ پیوان۔ تہٕ وزنُک تصوُر تہٕ
ذوق پھانپھلاونس منز چھُ اجتماعی عادتھ پوٚر پاٹھی کار فرما روزان۔
چنانچہ وزنس متعلق یُس تہٕ کانہہ تصوُر کُنہ قومس منز یا کُنہِ مخصوص
دورس منز مقبول آسہ ضروُری چھنہٕ زِ بتیس کُنہ دورس منز کیا
یِیہِ سُے تصوُر معیاری مانِنہ۔ توٚے تہٕ چھےٚ شارچ اکھ عموُمی تعریف

یہ ؤنتھ کرنہٕ آمژ زِ شار چھُ لفظَن ہنز سو تنظیم یتھ منز کانٛہہ اکھ یا بیاکھ
وَزَن وَرتاونہٕ آمُت آسہِ ۔ اکھ ناقابِل تردید پزر چھُ یِہ زِ کُنہِ زبانٕ ہِنٛز
ہِنٛزِ شاعِریہ منز چھِ اَکی وَقتہٕ مختلف منظوٗمَن منز وزنیاتکۍ زِ مختلف
نِظام وَرتاونہٕ یِوان ، بَلکہِ اَکۍ سے منظوٗمَس منز تِمَن ہُند رَل، مثلَن
کانٛشرِ شاعِریہ منز۔
بیاکھ اَندرِم کتھ چھےٚ یِہ زِ وزنکۍ اصوٗل تہٕ قاعدٕ چھِنہٕ اسمانہٕ
وَسان۔ تِم چھ اکھ یا بیاکھ شاعِری نظرِ تَل تھٲوِتھے اخذ کرنہٕ یِوان۔
توے تہٕ چھُ عربی عوٗروٗض وضع کرن وٲلِس خلیل بن احمدَس
وَنُن پیومُت زِ الشعراءُ أمراء الکلام وَ جائز لھُم مالا یَجوز لِغیرِ ھِم
(یعنے شاعِر چھِ کلامکۍ سردار تہٕ تِہنٛدِ خاطرٕ چھُ تیتہٕ جایز ینہٕ باقیَن ہِندِ
خاطرٕ چھُنہٕ)۔ اَتھ ضمنَس منز چھُ قدامہ بن جعفر سُند یہ اظہار دُبارٕ ترٛاینس
لایق زِ قدیم عربی شاعِریہِ ہِندی یِم نفیس نموٗنہٕ اَسہِ دَردِس چھِ
تِم سارٕی چھ تِمھِن شاعرن ہِنٛدۍ مربوٗط یِمو عِلمِ عوٗروٗض وضع سیدَنہٕ
برونٛہہ تِم شار وُنۍ متۍ آسۍ۔
تاہم گوژھ نہٕ ساہن کتھَن یِہ مطلب کڈنہٕ یُن زِ آسی چھِ کُنہِ
ناہنجار خودرٲہِیہ جاے شیرٕ نۍ ہیٚژھان یا کُنہِ گُمرٲہِیہ ہِندِ حقہٕ جواز پادٕ
کرُن ہیٚژھان، تِکیازِ عرب اُدیبو ے چھُ پانہٕ یِہ حد گوٚنڈمُت زِ وزنہٕ کِس
مامِلَس منز کانٛہہ آزادی وَرتاوَن وٲلِس گژھِ کٲفی مہارتھ تہٕ تربیتھ
یافتہٕ ذوق آسُن۔ چنانچہ زِحافی ہیر پھیر کرنَس متلق چھُ وَننہٕ آمُت
زِ یِہ گوو تیتھے ہیوٗ اِجازتھ یُتھ شرعی مامَلَن منز تعبیر کرنک یختیار

صِرف کأنِسہ مُعتبر فقیہسے آسان چھُ۔ پزٕتھ کانہہ سُلہٕ گلہٕ ہیٚکہِ نہٕ یہِ اقدام کٔرِتھ۔ اَلبتہٕ امہِ آیہِ کرنہٕ آمتہٕ کُنہٕ تہٕ اِقدامہٕ کہِ مُناسب یا نامناسب آسنُک چھیکرٕ سی فأصلہٕ چھُ مُتلقہٕ ہیرٕ چھیرٕ چ تخلیقی اِفأدیتھ وُچھتھے کرنہٕ یِوان۔ مولانا رُومَن چھُ وونمُت زِ

شعر می گویم بہ از قند و نبات

مَن ندانم فاعِلاتُن فاعِلات

خبر اَتھ ماہیٚکہِ یہِ تعبیرٕ تہٕ سپدِتھ زِ یہٕ چھُسنہٕ فاعِلاتُن فاعِلات مانٲنی تہٕ مےٚ چھُ شأعرِ یہِ ہُند تخلیقی میچھرے اَہم باسان۔

بہر حال چھےٚ اکھ کتھ زور دِتھ وَننٕ لایَق، تہٕ سو یہِ زِ وزنکِس مامَلس منز یوسہٕ آزأدی پانہٕ عَربی شأعرو ورتأومژ چھےٚ سانِین کأشرِ عورُوضہٕ عاشقن وَسہٕ نہٕ سو سہل سہل ہتھی۔ مثلَن کانہہ عرب شأعرِ ہیٚکہِ ینہٕ نس کُنہٕ منظومٕس منز اکھ مِصرٕ کُنہٕ سأیم بحرِ ہندیو اَصلی عورُوضہٕ میٖژو (یعنے اَفأعیلو) مُطابق وَنِتھ تہٕ تمہِ کیٚنہہ بَدل مِصرَن منز ورتاوِ تمہٕ بحرٕ ہندیو مُزأحف میٖژو منز کانہہ اکھ یا بیاکھ میٖژ، تہٕ کانہہ کَڈِ نہٕ بٔر یٖڈی۔ یتھ آزادانہٕ ورتاوچ اکھ مِثال:

| | | |
|---|---|---|
| بَیاضُ شَیبٍ قَد نَصَع | مَفَاعِلُن مُستَفعِلُن | بُجرُک چھٔٹرِ آو پھولِتھ |
| رَفَعتُہُ فَمَا ارتَفَع | مَفاعِلُن مَفاعِلُن | تٔمی یژھ وو سہٕ ہٹاوُن مگر سہٕ آس نہٕ ہٹاونہٕ |
| اِذا رَأی البَیْضَ انقَمَعْ | مَفاعِلُن مُستَفعِلُن | تٔمی ییلہٕ چھٔٹرٕ وُچھ سہٕ آو ہینہٕ |
| مِنْ بَینِ یَأسٍ وَطَمَعْ | مُستَفعِلُن مُستَفعِلُن | نا وَوٕمیدی یہِ تہٕ لالچس منز |

| | | |
|---|---|---|
| لِلّٰہِ اَیَّامُ النَّخعِ | مُستفعِلُن مُستَفعِلُن | خودایہ سند خاطرچھےٚ اطاعتہ خالص |
| یَا لَیتنِی فِیھَا جَذَعٌ | مُستَفعِلُن مُستفعِلُن | کاش مے سپدِ ہے تمہ منز کینہہ نصیب |
| اَخُبُّ فِیھَا وَاَضَعُ | مَفَاعِلُن مُستَفعِلُن[1] | یتھ بہ ہنٛ پان تھنٛدِ بایتھ وقف تھوہَن! |

ییتےٚ یوت بہ ، عربی شاعریہ منز چھ یتہٕ ممکن تہٕ جائز زِ کُنہ منظومہٕ کِس اَکِس شارس منزِ سالم عروضہ ہنٛز ورتاونہٕ تہٕ بیین شارن منز تِمہ نے سالِم ہنٛزن ہنٛز مقصور یا محذوف صورژ ، یمیک نتیجہ یہ نیر زِ مِصرِ باسن نہ بظاہر ہموزن ۔ مثلن یم زِ شار :

| | | | |
|---|---|---|---|
| (i) | یَا قَتِیلاً مِنْ یَّدِہٖ | فاعِلا تُن فاعِلُن | ہے پننہِ دستہ مارِ گژھن والِہ |
| | مَیِّتاً مِنْ کَمِدِہٖ | فاعِلا تُن فَعِلُن | پننہِ مویوسی ڈسی موتک تسکار سپدن والِہ |
| (ii) | قَدَحَتْ لِلشَّوقِ نَاراً | فَعِلا تُن فاعِلا تُن | ژےٚ وسنو وُتھ تمہ شوقہ ہنٛز نار |
| | عَینُہُ فِی کَبِدِہٖ | فاعِلا تُن فاعِلُن[2] | یمیک اگر چاٚنی واُنج چھےٚ |

عربی شاعرس چھےٚ یمو آزادیو ہر یمانہ بیاکھ اکھ آزادی تہٕ حاصل یوسہ اَسہٕ کاشرِ ہنٛدِ بایتھ خاصہ پاٹھی توجہس لایق چھےٚ ، مطلب اَچھر آوازن ہیر پھیر کرُن ۔ موماز ایرانی نقاد دکتر زرین کوب چھ "شعرِ بی دروغ ، شعرِ بی نقاب" ناوِ پننہِ کِتابہ منز مذکورِ آزادیہ کُن یہ ونتھ اِشارہ کران زِ عرب شاعرس چھےٚ آزادی زِ سہ ورتاوِ حسب ضرورتھ مکسور آواز ممدود مانتھ تہٕ ممدود آواز مکسور مانتھ ۔ تتھےٚ پاٹھی

---

[1] تہٕ [2] عقد الفرید بحوالہ دکتر خانلری ۔ یمن عربی اقتباسن ہُند تلفظ تہٕ مفہوم زانی روس بہ کشمیر یونیورسٹی ہندِ عربی ڈپارٹمنٹکی سربراہ موحترم پروفیسر منظور احمد صابن ، تہٕ بہٕ چھس تمہ بایتھ تھند سبٹھاہ شکر گزار ۔ تاہم اگر کینہہ غلط گومت آسہ تتھ چھس بےٚ ذِمہ وار (ر ۔ ر)

وَرتاوِ مُخفَّف آوازٕ مُشدَّد آیہ تہٕ مُشدَّد آوازٕ مُخفَّف چالہٕ، یا مُتحرِک اَچھر
مانہٕ ساکِن تہٕ ساکِن مُتحرِک۔

کلاسکل فارسی شاعر (خاصکر تھ شاہی دربارَن سِتی وابستہٕ تم
قصیدہٕ بَرن والی شاعرِیم پنٕنی وہٕ ستادِل ہاوتھ اکھ اَکس پیٹھ برتری پراونٕ
یَژھان اَسی) اگرچہ بحرن ہُند مُقررٕ اَفاعیلی نظم و ضبط سختی سان
وَرتاواں رُودی مگر ہیٚچلی آوازن سَب ضوٗرور تھ زیچھر دِتھ یا تِمہٕ
ژھوٚٹراوِتھ یا ساقِط کٔرتھ یوسہٕ آزادی تِمو وَرتاوٕمژ چھےٚ سو چھےٚ
کأشُر شاعرِیہٕ مَنٛز وزنُک صوٗرتِ حال زانٕنَس سِتی دلچسپی تھاوَن
والین اَسہٕ کأشرٕن ہندِ باپتھ خاصہٕ پأٹھی سبق آموز شمسُ الرحمان
فاروقی یَن چھ "عروض آہنگ اور بیان" ناوِ پننہٕ کتابہٕ ہندِس
دوٚیمِس بابَس مَنٛز اَتھ نِسبَتھ اکھ مُفصل تہٕ نوکتہٕ سنٛج مُطالہٕ قلمبند
کوٚرمُت۔ چوٗنکہٕ تحصیلِ حاصِل سَپدنُک اندیشہٕ چھُ ٹھاک کران توٚکنٕ
دِمو مذکوٗرٕ باب سیٚدِ سیٚود زیرِ مُطالہٕ اَننُک مشورٕ تہٕ بَس۔

ہرگاہ اَسی پننہٕ کأشرِ شاعرِیہٕ باپتھ یتہٕ یوٗر تہٕ پرٕتھن پاکی اِمکان
پَرٕ ہُونٕ وُچھنٕی یَژھان چھ تیٚلہٕ چھُنا یہ سوال سوچنَس لایِق بنان زِ
یتھ پأٹھی مختلف زبانَن ہندی بہلہٕ پایہٕ شاعر پننو مخصوص تخلیقی تقاضو
مُطابِق زِحافَن تہٕ عِلتَن وغارن ہندی قِسمہٕ قِسمہٕ ووٚبٕ ژٕٹی ژٕٹی
نظرکشائی ہُند مُناسب بوٚند بَس کران رُودی مِتی چھ کأشرٕ شاعر کیازٕ
تھاوون تِمہٕ بوٚند بسہٕ کِہ فأضہٕ نِشہٕ محروم، بٔلکہ اِمہٕ کھوتہٕ تہٕ اَہم یہ
سوال زِ کأشرٕ زبأنی ہُند مخصوص مِزازٕ نظرِ تل تھأوِتھ، کأشرٕ قومہٕ کین

دیرپٕنہٕ اِجتماعی عادتَن ہُند ظوٗن تھاوِتھ تہٕ انفرادی سوٗتھرس پیٹھ اَکِس یا بیٚیِس شاعرٕ سندِ تخلیقی ضوٗروٗرتَن ہُند خیال تھاوِتھ گژھنا مزید زِحاف تراشِنہٕ تہٕ عِلتھ سازِنہٕ علاوٕ باوٕژ موکجارٕ کی بیٚنِہٕ تہٕ کیٛنہہ مُرادٕ مُفید ذٔری چھِ ۔ دٔتھی تراونگ اِجازتھ آینہٕ باپتھ تہٕ برقرار روزُن ؟ عربی فارسی عروٗضہ کِس محض مشینی ظاہرس آویزٕ روزنَس چھُ نتیجہ نیران زِ اَسی چھِ بعضے زِہن کیٛتھ بڈٕ بن شاعرن ہندی کیٛنہہ شار وُچھتھ پریشان ہوی گژھان زِ تِمن کُس تُل کرو یا مپٔز ہیمَو ۔ مِثالے ہنجٕ ری پانٛژھ ژارنہٕ آمتی بوٕنہ کنہٕ دٔرج کیٛنہہ کأشرِ، فارسی تہٕ اُردوٗ شار :

کٔھٹِتھ سیٖنس اَندر بو نالہٕ رٔٹتھ شامہ سوٗندر
چھو جامہ سرٕو نازس پان وَلایو مدٕ نو



شہمأری زُلفو نال وڈٕلہم روٗد اَفسانے
دوہ زِ وَنتہٕ کم افسانہٕ پٔرے بال مرایو



چھُ شراوَن ہیٚیہ چھاوُن نارٕ اَنہار
سو یاوَن مٔژ چھِے پیٛرتھ جامہ چھیٖتی بیٚیے



عشقنہٕ آورینہٕ منٛز چھُ پوشُر !
نارٕ پان وارٕ زالِن تہٕ لولو



بے کام و زباں سوز وَنے بوزنَے بے گوش
چھُے برگ و نوا عاشقن بے برگ و نوآیی

(رسوٗل میر)

---

نیٚہہ گژھِ گوس بیدار کَنَن گٔتی چھِ بوٗلن گوم
زوٗنم زِ وَنہٕ سوریوو پرتَو ترٛوو سوٗنتھ کائن

○

کاہہ دِوکرِ ساٖلِ ڈل بوٗزم شبَس ترِتیل بَل
دَرشنَس آبَس اَندر پمپوٗشس لاٖگِتھ پژارہٕ ہا

○

دوٚیتھم ژنے پتِمے پیارِ وَن کیاہ چھُے ژنے تمنّا
خُمارہٕ ہیٚیو وارہٕ مےٚ کُن کر نظر وَنے

○

اوٚش گوم جاٖرى یام ژبتَس پیوم سُہ جانان
بیوٚٹھ ناوِ اندر پانہٕ مےٚ شہلاب اَنِتھ گوو

○

شاہہ ژھلیے واوٕ گرایے پوٗشہِ وُتھراہ ییوو یتھ
پان زِندَے زالنگُ ووت پوٗشرِس پروانہٕ چوٗن

○

پوشہ ٹۆری رَشکہ بُری تھکھ رَسہ پأٹھی گندمُژری تھکھ
اَسہ وِنہِ دٔہانہٕ کرٕی تھکھ آوار وار وارَے

○

پھرِ پھرِ مےٚ وُچھو مارٕمتی سنزِ بزأنٹز پوشَن کُن
خاموش گُل آسی بُلبلو دٔپ فِتنہٕ مہ وُزناو

○

وٕنہٕ تہٕ چھنڈ ریشہِ مسوَل وَنان چھےٚ واوَس
داماہنہٕ میوٚن یٖمی چھوٚل تَس زٕنہہ قرار آسیا
(مہجوٗرؔ)

---

گہی چون آئینہ چینی نُمایَد ماہ دُو ہفتہ
گہی چون مُہرۂ سیمیں نُمایَد زہرۂ زہرا
(فرخیؔ)

---

این چراغِ شمس کُو روشن بُوَد
نز فتیلۂ پنبہ و روغن بُود

○

سرگشتگانِ عشقیم نے دِل نہ دین نہ دُنیا
از نیک و بد برؤن آ، آنگہ نظر بما کُن

○

قدحی دوز دستِ خود بدہ ای جان بہ مستِ خود
ہلہ تا رازِ آسمان بشنوی جملہ مو بہ مو

○

آئینہ دل چون شود صافی و پاک
نقش ہا بینی برون از آب و خاک

(مولانا رومؔ)

---

از پردہ برون آمد ساقی قدحی در دست
ہم پردۂ ما بدرید ہم توبۂ ما بشکست

(عراقیؔ)

---

آن کعبۂ وفا کہ خراسانش نام بود
اکنون بہ پائی پیلِ حوادث خراب شد

○

فتراکِ عشق گیر نہ دنبالِ عقل آنکہ
عیسیست دوست بہ کہ حوارت آشنا

(خاقانیؔ)

---

گرم حیات بماند نماند این غم و حسرت
وگرنہ میرد بلبل درختِ گل بہ بر آید

○

خوشا ہوای گلستان و خواب در بستان
اگر نہ بودی تشویشِ بلبلِ سحرم

(سعدی)

---

قصرِ فردوس کہ رضوانش بہ دربانی رفت
منظری از چمنِ نزہتِ درویشانست



(بر سرِ آنم کہ گر ز دست بر آید
دست بکاری زنم کہ غصہ سر آید)
منظرِ دل نیست جائی صحبتِ اغیار
دیو چو بیرون رود فرشتہ در آید
صحبتِ حکام ظلمتِ شبِ یلداست
نور ز خورشید خواہ بو کہ بر آید
بلبلِ عاشق تو عمر خواہ کہ آخر
باغ شود سبز و شاخِ گل ببر آید
غفلتِ حافظ درین سراچہ عجب نیست
ہر کہ بہ میخانہ رفت بی خبر آید

(حافظ)

---

در ہای فردوس وا بوُد اِمشب
از بی دماغی گفُتیم فردا

(بیدل)

---

(ای بخلا و ملا خوی تو ہنگامہ زا
باہمہ در گفتگو بی ہمہ با ماجرا)
شاہدِ حُسنِ ترُا در روِش دلبری
طُرّہ پُرخم صِفات موی میاں ماسوا
آب نہ بخشی بزور خونِ سکندر بہدر
جاں نہ پذیری بہ ہیچ نقدِ خضر ناروا
گرمی نبضِ کسی کز تو بدِل داشت سوز
سوختہ در مغزِ خاک ریشۂ دار و گِیا
کم مہ شمر گریہ اَم زانکہ بہ عِلمِ ازل
بوُدہ درین جوی آب گردشِ ہفت آسیا
سادہ زِعلم وعمل مہرِتو ورزیدہ اَم
مستی ما پایدار بادۂ ما ناشتا
خُلد بہ غالبؔ سِپار زانکہ بدان روضہ در
نیک بوُد عندلیب خاصہ نو آئین نوا

(غالبؔ)

---

پائے نگار آلودہ کہیں سانجھ کو میرنے دیکھے تھے
صبح تلک اب بھی آنکھوں میں اُسکی پاؤں نہرے پھرتے تھے



لڑکے جہان آباد کے یک شہر کستے ناز
آجاتے ہیں بغل میں اِشارہ جہاں کیا



وے زُلفیں عُقدہ عُقدہ ہیں آفتِ زمانہ
عُقدہ ہمارے دِل کا اُن سے بھی کُچھ کُھلا نہ



کُشتہ ہوں میں تو شیریں زبانیٔ یار کا
اے کاش وہ زبان ہو میرے دہن کے بیچ



سَرو لبِ جو لالہ وگُل نسرین و سمن ہیں شگوفہ ہے
دیکھو جدھر اِک باغ لگا ہے اپنے رنگیں خیالوں کا

(میر تقی میرؔ)

---

فریاد کی کوئی لَے نہیں ہے
نالہ پابندِ نَے نہیں ہے



میں نے کہا کہ بزمِ ناز چاہیے غیر سے تہی
سُن کے ستم ظریف نے مجھ کو اُٹھا دیا کہ یُوں

(غالب)

مےٚ چھ باساں یِمہ مثالہٕ چھےٚ شاید اَسہ کأشرِ خاصہ پأٹھۍ
مَنگ کَران زِ أسی منساوَو عۆرۆضی مالَن نِسبَتھ کانٛہہ تہٕ پَتہٕ بَند
مشینی زُوی یہِ تہٕ غأر ضۆروری شِٹھ گی، تہٕ کَرو زیرِ بحث موضوٗعس پیٹھ
نِوِ سَرِ تہٕ وارٕ وبِستارٕ سوٗنچ یُتھ آیندٕ باپتھ کانٛہہ مبنی بَر حقیقتھ مُعتدِل
وَتھ بدٕ نیر۔ عَرَبی فارسی عۆرۆضَس مُتلِق یِنٛن سوٗنچ نظرِ تَل تھأوِتھ کَر
اَسہ کأشر شأعرِ یہٕ مَنٛز تِمے یاژٕ مِثالہٕ پیش یِمن مَنٛز بظأہر سُے عۆرۆض
وَرتاوَنٕچ کوٗشِش نظرِ گژھان چھےٚ۔ رُود اَمہٕ شأعرِیہٕ ہُندِ سہ باگہٕ یوٚر
حِصہٕ یَتھ پیٹھ یہٕ مذکوٗرٕ عۆرۆض مُحکم فرمارُود مُت چھُ، ظأہر چھُ زِ تَتھ
مُتلِق گژھ وَکھ پأٹھۍ کَتھ کَرٕنہٕ یِنۍ، تکیازِ تَتھ چھُ پوٚت مَنظرَس مَنٛز
وَزنیاتُک اکھ تیٚنٛتھ نظام کأم کران باسان یَتھ اَسہ چاروناچار کأشُر
وَزنیاتھ یا کأشُر مِیٹرٕ نظام وَنُن پیٚیہِ۔ سُہ مِیٹرٕ نظام چھُ میأنۍ کِنۍ کأشرِ
زبأنۍ ہِندِس بناوَس تیوٗت ہم نفَس تہٕ کأشر بوٗلَن والین ہِندِس مزازَس
غأر شوٗعوٗری آیہٕ تیوٗت شَرٕ نیٚتھ گومُت باسان زِ یَسلہٕ کأشرِ شأعرَن
چھُنہٕ عربی فارسی عۆرۆض وَرتاوان وَرتاوان تہٕ بَساوَو قاتھ تِمہٕ نِشہٕ
پوٗرٕ پأٹھۍ لوٗب ہیوٚن مُمکنے سپُدمُت۔

# گُل ریز ــــ اصل تہٕ ترجمہٕ

محمد یوسف ٹینگ

مقبول شہن چھِ اصل مثنوی ہندی لگ بگ ساری واقعات ترجمہٕ کرِ متی۔ مگر امی چھُ اولہٕ پیٹھہٕ آخرس تانی منظوم ترجمہ کورمُت تہٕ مثنوی ہنز اکے بحرِ ورتاومُت۔ ترجمہٕ کرن ورِ چھِنہٕ امی اصل داستانچ کانہہ لوکٹہ کھوتہٕ لوکٹ لنڈ تراومُت۔ مگر کینہہ تمثیلی واقعات تہٕ اقوال واَمثال چھِن الگ ترٲوِ متی۔ یِم اقوال اَمثال تہٕ تمثیلہٕ چھِنہٕ داستانہٕ ستی کانہہ سیود واٹھ تھاوان تہٕ نہٕ چھِ داستانس برونہہ پکنس منز کانہہ مدد دِوان۔ مگر یِم چھِ نخشبیٖن بڈ موزون جاین وٲنِ متی۔ تہٕ یِموستی چھُ قصک حُسن بڈان۔ ظاہر چھُ مقبول شہس چھُ باسیومُت زِ یِہ چھُ کُنہ سطرِ ترجمہٕ کرنہٕ ستی لگہِ کتھہِ زیچھر۔ اَتھ سلسلس منز چھِ اکھ مثال عبدالاحد آزادن "کشمیری زبان اور شاعری" منز درج کرمٕژ۔ یوس زن تمہٕ ورِ نخشبن پیشِ اُنمٕژ۔ یِیلہِ عاشق سیدہ تہٕ برونہہ عجب ملی کُنہ غور ورِچ کتھ وو تھان چھِ، تمہٕ ورِ چھُ نخشبی اکھ مزدار دلیل بیان کران۔ دلیل چھِ یہِ زِ اکھ جوانا اوس بُڈ مغز ورِ یس پنِنس ورِ برُس منز آفتابس ستی کاڈ برٕتھ کھوان اوس۔ یِیلہِ سُہ گرا اوس یوان، دروازن ہندی ٹنگ اسی چکہِ چھِ کران۔ اکِ دوہہ پرٛژھ جوانٕ یِمن برٛنگن زامہٕ کرژ کہٕ نادُک باعث کیا چھُ۔ تمو دوپس زاسہٕ چھُکھ ہا نکل تراومُت تہٕ لبتر منز ستی جگرس پرٕ کالی کرِمتی۔ وُنی کین چھُس لبہٕ موچہٕ تہٕ کانہہ قدرا چھِنہٕ۔ مگر یہِ چھُ منےٚ پانس راہ۔ لوکچارس اوس منےٚ تہٕ کلہٕ کھایر منز تکبر۔ یہٕ اوس پانس پہاڑی شمشاد زانان تہٕ دُنیا پننُ بندہ۔ اکہِ دوہہ آو اکھ تبردار تہٕ تمی ووٚن منےٚ زِ یہٕ چھُس چون غور ورِ چھلہِ چھلہِ کرنہٕ باپتھ آمُت

تہٕ بہٕ سا وٕتھ ژٕ پھرس پٹھ۔ مےٚ دیُت یہٕ بوٗزِتھ تسٕ بڈٕ خشمہٕ سان جواب۔ تمیٚ کڈ لیہرٕ تہٕ ہیٚژن مےٚ واینہٕ مےٚ کرے یہٕ لیتر بڈٕ آہ وزاری ولیکن تسٕ گوو نہٕ کانہہ عار تہٕ بہٕ ہیوس ینہ۔ وو نی چھ میون حال ژےٚ بروٗنہہ کنہٕ۔

یتھے کنۍ ییلہٕ نوش لبہٕ ہنز ماج تسٕ نازٕ مستہٕ ہندس باعنس منز عجب ملکس ستیٚ نالہٕ موت کرِتھ شوٗکھ چھےٚ وُچھان۔ سو چھےٚ نازٕ مستہٕ نصیحت کران تہٕ دپان چھس تو بہٕ گوٗوُ نامیا تہٕ ییٚتہٕ آسنُک حیا۔ اتھ موقعس پیٹھ چھےٚ سو اکھ لطیف مثال دِوان۔ وُناں چھس نوشیروان اوسہٕ تتھ مجلسہٕ منز، یتھ منز ییمبرزلہ نوش آسہٕ ہے، کانہہ ترتھ کام کران ییمہٕ ستیٚ حیا چہٕ چشمن ٹھکر لگہ ہے ییلہٕ اکہٕ دوہہ پرژھہس زِ امیُک سبب کیاہ چھُ، تمیٚ دوٗپُھ درجواب

”شرم دارم در مجلسی کہ صورتِ چشمے ناظر بود من فعلِ بد نکنم“۔

یرژھے پرژھے سُنہ وِنہٕ تمثیلہٕ تہٕ ییٚنہٕ لوکچہٕ لوکچہٕ دلیلہٕ چھےٚ نختیٚنی ستہنز۔ دلیلہٕ منز۔ واجہٕ ہندٕ کرینکی پاٹھی سجاوِتھ تہٕ آسہٕ ندس بیاتسٕ بڈٕ پرُ لطف بناوان۔ مگر کاشرٕ گلریزٕ منز چھےٚ تمہٕ عام طور نظر انداز کرنہٕ آمژٕ۔ اما پوز امہٕ ستیٚ چھ اکھ فایدٕ یہٕ یُس دمُت زٕکھتہ چھےٚ سیوٚد تہٕ رواں اندازس منز بروٗنہہ پکان۔

امہٕ علاوٕ تہٕ چھ فارسی تہٕ کاشرٕ گُل ریزٕ منز کینژن لوکچن لوکچن تفصیلن منز تضاد تہٕ یہٕ چھُ صاف فکرٕ تران زِ مقبولن چھےٚ شیرزارٕ کام ہیٚژمژ تہٕ کرِن ڈالِتھ واقعات زیاد فطری بناوی منٕ مثلن ییلہٕ گوڈنتھے نازٕ مست نوش لبہٕ عجب ملکہٕ عشقُک حال باوان چھےٚ فارسی ”گلریز“ مطابق چھنہٕ نسٕ شرارت کھسان، سو چھےٚ اتھ موقعس پیٹھ نومن لفظن منز تسٕ جواب وُنان؛

”چوں من ایں سخن بشنیدم تعجب من یکے بدہ شُد و تحیر من
از یکے بہ ہزار شُد گفتم عجب حالے وطُرفہ مقامے او مرا چہ
داند و چہ شناسد و چہرہ مرا از کجا دیدہ و نام از کجا شنیدہ است؟
او کیست، دکہ خواہد بوُد۔ مولد از کجاست ومنشا او از چہ جائے

......چوں من ایں حکایت دِل سوز و قصۂ جاں دوز کہ
ضمن آں نیم مکافات مے آیدؔ واز طے آں ریاح حوالات مے
زآید اصفا کردم واستماع نمودم۔ باخود گفتم کہ سبب دلاو
محبّت من مُلک و مالِ خود برباد دادہ واز پےِ تولائے مودّت ما
روئے در اکنافِ گیتی نہادہ نارسیدن او از قاعدۂ مروّت
خارج بود و نادیدنِ او از قانونِ فتوت بعید باشد۔
شرایطِ محبت و مراسم مودّت آں است کہ تشنگانِ بادیۂ
محبت را از شربتِ مشرب و باید داشت و مستعطشان کلبۂ
مودت، را از زُلال منہل رضا سیراب باید گرداند"۔

اَتھ منز۔ چھُنہٕ نوش لبہٕ ڈیکس دٕرہ کھیٚنچ کِھتھ۔ اکھتے چھُ تس یکدم اثر گژھان تہٕ سرٕ ہیہ
پھیران ۔ اتھ مقابلہٕ چھُ کاشُر گلریزٕ منز۔ نوش لبہٕ بوٗزی تھ سُہ خشم کھسان (سو چھےٚ ظاہری کران
تہٕ یتھس موقعس پیٹھ چھُ یہ بڈ فطری عمل) تہٕ سو چھےٚ بیٚنہٕ پاک بازی ہند یلاف نو من لفظن منز
دِوان ؎

ژکھ ہرٕ یورٕ دوٗہس چھا یہ شایان
ژے تے مے دوٗستی دوٚنی واژ پایان
نہ زانن کانہہ نہ زونم کانہہ مے از تام
ژ کوٚ یژٕ چھک کران ناحق مے بدنام
یہ پرٕ دیتھ دوٚہس تام تھ مے چھُم ناو
چھُنہٕ لوٗگمُت مےٚ یادن لنجہٕ زانہہ واو
کتھو چاہنو کرٕس غمگین و دل تنگ
موٗھُ تھم شیشہٕ لوٗستھ آیِنس سنگ
روا چھایی اپز تو سُنھ مے اَتی تھم
زہر بڈ سرٕ اکھ زن وآلنجہٕ تھٕ ژھی تھم

اِمہٕ رنگہٕ پیٚلہٕ ناز مستہٕ ناکامی گیہٕ سوٗ چھےٚ نوش لبہٕ بیٚنیہٕ ژوٚلہٕ رام کران۔ سو چھےٚ تس
وَنان زامی کیاہ کوٗرمیانہٕ خاطرٕ۔ اِمہٕ ستی چھُ نوش لبہٕ تہٕ اقرارُک واریوان۔

مفصل تمہٕ سُندے تمہٕ حال وونم
سُہ غارتھ لوٗزی تھے میٚنہٕ حال اوٗنم

مےّ ییٚژ ییمیٚ یوٚت غارتھ کوٚرُسُہ وُچھِزِن          لوٚ لےِ منز باگ لوٚلکیٚ پاٹھیٚ رٛ چھِزن

مقبوٗلَن ییٚمہِ آیہِ یہِ واقعہ وَوٚنمُت چھُ، سُہ چھُ زنانہٕ ہٕندِس فطرتَس زیادٕ نکھہ۔ یوٚسہ گوڑہٕ گوڑٕ

عشقُک اِقرار پننہِ جگری ویٚسہِ نِشہٕ تہٕ پتھٕ چھےٚ نازواندازٕ ہاوہٕ پتےٚ کران۔

بٮ۪یس جایہِ چھُ فارسی مثنوی منز عفریتہ ہٕندِ ناز مستہِ ہُلنگ سہِ یہِ باوہٕ آمُت زِ بیٚلیہ سوٚ

ولسَن زٕ وٕ نزَن ستۍ گِندان آسی، عفرتیس بنیٚیہِ نظر تہٕ سُہ گوٚ وَنس عاشق تہٕ اَوے کنۍ اُرن ٹُھکھ۔ مثنوی ہٕنز

متعلقہٕ چھل چھےٚ یہِ ع

" وقتی با دُختری چند ہم جنس وہم عہد ویک منزل ویک مہد درباغِ

نشاط میگردیم وانجمن مے پیمودم۔ عفریت کہ ایں قصر مقام اوست وایں

خانہ بنام او بدان طرف میگذشت۔ نظر او برمن اُفتاد دلش کہ خستہ ناوک

بلا باد۔ شیفتہ روئے من شُد۔ وجانش کہ محبوسِ کلبۂ عنا باد بستہ موئے من

گشت از ہوا فرود جنبید ومرا برگرفت "

مگر مقبوٗل شاہ چھ کیاز چھُنہٕ عفریتہ ہٕندِ ناز مستہِ عاشق گرٛھنُک ذکرے کران تہٕ

بٮ۪یلہ سُہ نَس ٹُھکھ اَنان چھُ، تیٚتِن چھُ یہِ کُنہٕ وجہ بغارٕے یوٚہے کنٕھ تام ہیوٗ باسان ع۔

گِندان آسس کُنہٕ زَن ستۍ روزٕے          بہٲری اوس تمُت سازوسوزٕے

وٕلسَن اندر بہٕ آہس زِٹھہٕ تہٕ سرادار          گِنداں آسہ، اوس کوٚرمُت گرم بازار

موٗلُ اوسُم مےٚ کوٚنڈمُت زیور ورخت          بناگاہ پادٕ گو وعفریت بُدبخت

وُسِتھ آو اَز ہوائے آسمانی          بہٕ تُجنس از زمین اَنِنس وُہٲنی

بیک دَم واتناوُنس ییٚتھ مکانَس          خبر چھہٕنہٕ میانہٕ جاۓ محلہٕ خانَس

بروہہٕ کُن چھُ ناز مستہٕ دیوہٕندِن ارادٕن کُن ژینہٕ وٗنی دِژمژ۔ مگر کنٕھ چھُنہٕ گیٚو

نیران ع

زبردستی نِشہٕ زِ چھنس خدائِن          مِنت تھوٚنم جِدن پیٚٹھ نمو خدائِن

ضِیائی نخشبی سِنزِ "گل ریز" متعلق چھِنے کشیرِ منز۔ عام غلط فہمی زِ یہ چھِنے مقبوٗل شاہنہٕ ترجمہٕ کھوتہٕ کم ترٕ۔ اَتھ چھُنہٕ کاہنہٕ شک زِ مقبوٗلن چھُ کینژَن شایَن پیٹھہٕ طوٗطی نامک کمال ہووُمُت تہٕ درجَن زٕ درجن شارچھِ تیتھی یِمن ہندِ نخشبیس نِشہٕ جوابے چھُ۔ مگر نخشبی سِنزِن ادبی خوٗبِیَن نِشہٕ اَچھ وٹِنۍ چھُنہٕ انصاف۔ یِمہٕ مُصنفَن مقبوٗلس یوٗت جان شاہکار مُیسر کوٗر تِمِس غلط رنگس منز پیش کرنہٕ سِتۍ ہُرِ نہٕ سانِین ادبی رلوایژَن کیہنہٕ حقیقت پھِچھِنے یہ زِ نخشبی سُند اندازِ بیان چھُ اکثر جایَن بڈٕ دل نشین۔ یِیلِہ سُہ نظمس منز قصہ برونہہ پکناوان چھُ، تمہٕ وِزِ چھُ تمِی سِنزِن شاعرانہٕ صلاحیتن ہُندِ پے لگان۔ سُہ چھُ سیوٗد ساد، شیرِن تہٕ صاف تہٕ بیٚیہ نُدرتہٕ رَوان زبانۍ منز بڈٕ لطیف اندازس منز گوہر افشانی کران۔ تفصیلی مقابلک زیچھر اوٚک طرف ترٲوِتھ ہرگاہ اَسی پیٹھی پیٹھ دِتہٕ سام ہیمَو، یِمہٕ خوٗبی چھِنے یلتے نظرِ گژھان۔ عجب ملی کِنہٕ زبانی ازِ غنون سازٕ نۍ نوم شعر نی توکھ۔ یِمَن ہِنزٕ رَوانی تہٕ شگفتگی چھِنے دِلس فرحت واتناوان ع

| | |
|---|---|
| نسیم یارمے آید ازیں سوٗ | مرا سرمست خواہد کرد ایں بو |
| چہ بو دست این کہ ہوشم بردیک پے | چہ جام است ایں کہ مستم کرد پے مے |
| مگر مشکیں مویش نافہ بکشاد! | وگرنہ ایں چنیں بواز کجا داد؟ |
| مگر ہر سو سمن زار است امروز | کہ عالم را چنیں بینم چو نوروز |
| مگر بردند از دنیا ہمہ غم | کہ عالم ذوق دیگر دارد ایں دم |
| مگر روئے زمیں شد آسمانی | کہ از بے داد نیست ایں جانشانی |
| مگر بادِ صبا فراشِ باغ است | کہ مارا بوئے جاناں در دماغ است |
| دلم ایں بوئے دلکش مے شناسد | خوش آمد، خوش قوی خوش مے شناسد |
| چمن رنگِ روخ دلدار دارد | جہاں امروز بوئے یار دارد |
| کجائی اے گلِ گلزار یاری | بیا آخر کجائی، در چہ کاری |
| ترا وقت است با من عہد بستن | نہ ایں ساعت پس پردہ نشستن |

یینہ وزباعث منز نوش لب عجب ٹکس گوڈ گوڈ لنکار کران چھِے۔ تمہِ وزِ چھُ نخشبی سُند قلم یینہ آیہ گویا سُیدان تہ اَمہِ کین کینژن شعرن ہند چھُ مقبول شاہن بلکل لفظی ترجمہ کورمُت تہ یم شعر چھِ "گلریز" ہندین سارِوے کھوتہ مقبول شعرن منز گنزرنہ یوان ؏

| | |
|---|---|
| ترا سودائے من درسر چہ اُفتاد | ازیں سودائے بے حاصل مبرباد |
| کہ دیداز غیر جنس خود وفایی | چہ راحت کاہ را از کہربائی |
| گرفتم آہن از دندہ بریزد | زمقناطیس سنگی خود چہ خیزد |
| بنہ سودائے وصلم راہِ خود گیر | تو در مُلکِ وصالم کے شوی میر |
| اگر عُمرے باُمیدم نشینی | زِ شاخِ وصلِ من برگے نہ چینی |
| مگو با من حدیثِ خویش بگذر | نگیرد آتش اندر ہیزمِ تر |
| چہ انگیزی تو از کوئے بلا گرد | نکو بد ہیچ عاقل آہنِ سرد |
| درختِ عصمتم نخلِ بلند است | نہ وقتے کس ازو برگے فگند است |
| محال است ایں کہ کس از دورِ ایام | زِ شہدِ وصلِ من شیرین کُند کام |
| منم فارغ زِ ہر گفت و شنیدی | ندیدہ قفلِ من ہرگز کلیدی |

پزر چھُ یہ زِ نخشبین چھِے یہ مثنوی تمہِ وزِ لیچھمِژ ییلہِ زَن ایرانی تمدُن دُنیادی جاہ تہ مادی پایہ چایی ہند مسہ چھور نہ اوس آمُت تہ اَتھ اوس فراغتک تہ فارغ البالی ہند خمار پشپان۔ یتھِس ترقی یافتہ تہ بالغ تمدنس منز نخشبی سہنز فنی لحاظہ مکمل تہ مرصع مثنوی پادہ گژھ ہے اَس قدرتی کتھ۔ اَتھ ساری سے مثنوی منز۔ چھُ تمی سند زمانک تہ دار ذوقِ جمال تہ پوختہ علمی شعور وِزِ وِزِ ناپان۔ مثلاً یینہ وزِ عجب ملک ناز مسئتہ مِنِ حال باوُن ہیوان چھُ، سُہ چھُ ابتدا، یینہ طرزِ کِنہِ کران:-

"قصۂ من چوں گیسوے ماہ رویانِ طویل و دراز است و چوں طرہ مشکبویان پانشیب و فراز ..........

حالانکہ مقبول شاہ چھُ یہِ کتھ پننہِ سماجہِ کہ شعوٗری سطحہ حسابہ یتھہِ عنواہ وَنان ع
دوٗ پِس تمہٕ ملکہِ ترکستانہ کے مُھپس          تمی ملکُک اکھ زاد بہ اوٗسس
اُکس جایہِ چھُ عجب لٹکہٕ تمہِ ناوِ، یوسہ دٔری یاوی سفرس منز تس سوارِ آس یتھہ اندازس
منز ذکر کران ع
"کشتی کہ بانوس قزح سرافرازی میکرد وبا ابروے دلبراں طنازی مینمود ـ"
اُتھی پتھے چھُ ناوِ منز عجب لٹکہٕ دِلُک حال بیان کرِتھ لیکھان :
" نہ روز از رفتن آسوٗدند و نہ شب   از رحلت مے غنودند چشم
زاہدان صفت بیماری گرفتہ و دلہا چوں چشم شاہدان رسم خونخواری گزیدہ "
یم ناوِ جارچِھنہٕ کانٛہہ مثنوی منز نظرے گژھان ۔
یتھہ کنۍ زن نخشبی سنز مثنوی تمہِ سنز بیچ دار عاشق پسند تہٕ باثروت سماجہ چہ تریشہ
ہوٗمراوان چھےٚ تتھےٚ کنۍ چھےٚ مقبوٗلنہِ مثنوی تمہِ سندِ پننہِ نسبتاً کم ترقی یافتہ، نادار تہٕ بےدل ما یہ
سماجہ کین سیدین سادین معیارن پیٹھ پوٗرہ وسان ۔ یہِ کتھ چھےٚ مقبوٗل سنز حقیقت پسندی
ہنز دٔلیل زِ اُکس کانٛسہ ہوٗنرمند سندی پانٛٹھ گوو نہٕ سُہ نخشبی ہندین پرزلوٗنین آرایشی سامانن
خام طمع تہٕ تمہِ ژور تیوٗتے لُیس تمہِ سندِ سماجہ کین مزازس وَیہ وٗن اوس تہٕ یتھہِ ستیٚ نہٕ اَمہِ چِھن اتھِن
غارضروٗری پرٛدٕ بییہ ہین ۔ مگر یمن حدن منز روٗزِتھ تہٕ دیت تمہِ سانٛس صوٗفیانہ مزازس سہ ماری موٗنز
توجہ، یتھہِ ستیٚ سانٛہِ جمالیاتی معیار تھٔدی پیدی ۔
یمن دون مثنوین ہُند تقابلی مطالعہ کرُن وِرزِ چھےٚ بییہ کینہہ دل چسپ کتھہ نظر تلہ
وِدہ تلان ۔ مقبولن چھُ مثنوی ہندین واقاتن ہنز ہانٛکل ترٛٹہ وَراۓ کینژن کُھن پننہِ جایہِ رنگ
کھورمُت تہٕ کینژن جاین چھُ سُہ نخشبیس پتھہ گومُت، عموماً چھُ سُہ جذبات نگاری منز نخشبیس
بازی تاران ۔ تہٕ کیازِ اتھ چھُنہٕ مشاہدٕچ وُسعت یا سفرٕچ ضروٗرتھ ۔ جذبہ چھُ آفاقی نوعیت
تھاوان تہٕ شاعرانہ کمالس ستیٚ رشتہ جوڈِتھ ۔ مثلاً یَلہِ زن عجب ملک نہٕ تمہِ سندی شگی دٔریاوسا

منز۔ واتتھ طوفانس منز گرفتار گژھان چھ۔ تمہ وز چھ بخشی سند انداز بیان بے انتہا زوردار یا سان
تہ تمی چھ طوفانک تفصیل بڑ طاقت ور تہ بلیغ اشارو ستی تحریر کورمت۔ اکھ وجہ ہیکہ یہ آسِتھ
زِ تس آسہ ہے سمندری سفرک پانس براہِ راست تجربہ۔ اکھ اقتباس چھ یہ ع

"عجب ملک دریں گفتگو و جستجو بود کہ صر صر تند خیز درا ستہوا در آمد۔ وخیلِ
ریاح بر دریاے تاختن کشیدہ۔ بادی نجاست بادی۔ چگونہ بادی اتند
خیز۔ گرد انگیز۔ ہوا گرد گیتی نورد۔ روندہ بے جان . . . . . پیک تیز رو
وسفیر سبک رو۔ شمع فزان نقیبانِ فضا ہوا را در حرکت آوردند . . . .
ہر بار موج آنچنان گنبد میگرد کہ بہ گنبد گردوں میرسید تیغ برق از قراب
سحاب بکشید، و آتشِ صاعقہ از کورۃ اثیر بدمید۔ گردوں پیلاں عماری
بد وانید۔ و رعد دھلِ جنگی بجنبانید۔ ہوا سنگِ ژالہ در منجنیق ابر بہ نہادہ
. . . . اہلِ دریا نیز اسباب محاربت بساختند۔ نہنگ نیمچہ بکشید . . . .
ماہی جوشن پوشید۔ دُر از حقہ دان بیرون آمد۔ و گوہر خود نمودن گرفت . . .
موج در میدان دویدن گرفت۔"

مقبولِ شاہس ہیو مریض انسان، یُس نہ ظاہر اکہ لٹہ تہ ناوِ منز بیوٗٹھمت
آسہ ہے، چھ اتھ ساری ہے نیا یس یمہ آیہ لیکھت دِوان

پے متی فکرن یمن تم آسی ووتھ داو
زِ دریا موج دیت آبن ہیٹکھ ناو

مگر یوت کرتھ ہیچ نہ بخشی ہسنز مثنوی فارسی ادبس منز سہ مقام حاصل کرتھ یس
مقبولنہ کتابہ کاشرس منز اتھ آو۔ اتھ منز چھ بخشیس راہ کھالنہ بدلہ فارسی ادبچہ امیری پیٹھ نظر کرنی
منز وری۔ یتھ ادبس منز فردوسی، سعدی، حافظ، خیام، رومی تہ جامی ہوی صاحب کمال آسن وتھی تہ
تتھ منز کیاہ اسِ بخشی ہسنز باتھ۔ مگر مقبولن چھ سانس چھنس تہ چھنس ادبس "گل ریز" ستی شوب

اُنہٕ ہنز۔ اَتھ منز اوس سانہٕ ادبچہِ تہی داماًنی تہٕ دخل۔

مقبوٗل صابنہٕ "گل ریز" ہندی یم مقام کاشرِ پٕننھ گامتی چھہِ۔ تمن منز چھُ تمی ہند یُمنہٕ کمالک حصہٕ۔ مثلاً نوش لبہٕ ہند سراپا چھُ اصل کتابہٕ منز صرف نوٚمن لفظن منز بیان کرنہٕ آمُت ع

" اِمروز در ملکِ دُنیا خطبۂ زیبائی وسکۂ رعنائی بنامِ نوش لب است

اگر در شش جہاتِ کون ایدوست

کسے را خوٗب بتواں گفت کان اوست

صورتیست کہ نقاشِ قدرت در نقش خانۂ روزگار صورتے بہ ازو نکشیدہ و

نقشے است کہ نقشبند قضا در نگارخانہ اُو وار نقشے خوب تراز ندیدہ۔

ہر کسے از عشقِ او دیوانہ شُد عالمے را کرد مجنون نوش لب

تاجہاں بود است وقتے کس ندید در لطافت دِلبر چوں نوش لب"

مگر مقبوٗلن چھُ شُستہٕ تہٕ بے مثال شعرن منز یہٕ تصویر بناوٕمژ تہٕ اَمیک نظیر چھُنہٕ وُنہٕ کاشرِس اُدبس منز درینٹھی یِوان۔

باغک ذکر تہٕ چھُ اصل کتابہٕ منز موختصر مگر مقبوٗلن چھُنے تتھ واریاہ گُل کاری کرمژ تہٕ سائنس پرژانس ادبس منز (امجورس تام) چھُ یہٕ منظر نگاری ہند نہایت مکمل نموٗنہٕ۔ یمن جاین چھہِ مقبولن اصل مثنوی کھوتہٕ واریاہ قدم بروہ نہ ترآوی مِتی۔ مگر میانہٕ خیالہٕ چھُ تمی سُند ساروٕے کھوتہٕ زیادٕ کمالِ جذباتِ نگاری منز ننان۔

عجب ملک تہٕ نوش لب چھہِ باغس منز راز و نیاز س منز آوری۔ عجب ملک چھُ کم کم انداز بیان ورتاوتھ نوش لبہٕ مایِل کرنچ کوشش کران۔ مگر تس سُند جواب چھُ اکہ طرفہ اُکس اُنہری تہٕ ہند حیا ہکی تہٕ مند چھُ سُند ترجمان مگر دوٚیمہِ طرفہٕ چھُنے شوقہٕ کس کنگس تہٕ نریادے تیز راوان لہ۔ یمن شعرن منز

---

لہ اتھ پہلوہس پیٹھ چھُ آزادن "کشیری زبان اور شاعری" ترٚیمس حصس منز تفصیلہٕ سان گفتگو

چھِنہٕ فارسی لفظن ہنز زیادتی کھران ۔ بلکہ چھہٕ خاکس کاشرِ لفظہٕ تہٕ فارسی لفظ کوسُم مالہِ ہندی پأٹھۍ رنگارنگ مگر موزوٗن باسان ۔

خیالِ وصلِ من دوٚیمِس عبث چھُے — یمن ژٕ آدمی ہم جنس بس چھُے

چھُ لأزم پرٛتھ اکِس ہم جنس ژھارُن — کرُن ہرگو نہٕ شوبِس تأل تس کُن

ژٕ ژھارُن چھُے یمن ہم جنس شایان — مےٚ ہیتھن آشنأیی کرِ چھُ امکان

شِلہٕ چھُم روٗچھمتےٚ چھُس پاکدامن — مُلے بوزے نہ یوٚد دِکھ چاکھ جامُن

ژٕ میوتےٚ وصل سپنی نہٕ میسر — ہیٚپی مانار زانہہ در ہیٚرُم تر

زِمہرِ من ژٕ تُل یکبارگی دِل — ترُمن شینسپہٕ گرُمن چھُنہٕ کارِ عاقل

پٕلنچ کتھ چھےٚ بہٕ چھُس کھوژان پامن — مےٚ چھُے نازانہہ گوٚمُت آلوٗد دامن

دُرِ عصمت مےٚ چھُم ناسُفتہٕ ازتام — مےٚ نِشہٕ تاحال تُلمُت کانسہِ چھُنہٕ کام

غرض دلوٗ آسہِ ہی کرِ ہکھ مےٚ بدنام — یمو چیزو بہٕ نوٚ اصلا گرِژھے رام

چھُسے ماجا نور نادیدہ تےٚ خام — بصد حیلہٕ ژٕ کر ہمہ ہبستہٕ دردام

ژٕ چھُک ناحق کران پانس صفأیی — گرِژھی نو زانہہ مےٚ نِشہٕ حاجت روٲیی

مےٚ نِشہٕ مطلب ژٕ ینری نو مُلے زاہ — دِمے نو وتھ یےٚ نو زانہہ تہٕ ہمراہ

یمن شعرن منز چھہٕ جنسی جذبک ترژرنس لطیف رنگس منز ۔ مگر مقبولن چھنہٕ کتھ کُنہِ جایہِ حد کٔڈمژ ۔ یہِ نوژکھ مرحلہٕ چھُ فن کار ہندِ خاطرٕ بڈٕ اوٚیل تہٕ مقبول چھُ اتھ کُلِ صُلاتس خوش پأٹھۍ توٚرمُت ۔ یِم شعر چھہٕ صحت مند جمالیأتی احساسس تسکیس بخشان ۔ مگر فحاشی چھِنہٕ بنان تہٕ توٚے چھہٕ یِم کأشرِ گرن منز ہکان پرِتھ ۔ یِتھن گرٕ کی سأری بأژ لوٗکی بڈٕ، نوشِہ کورِ سمِتھ آسان چھےٚ ۔

مقبول صأبن چھُ سمأجی قدرن ہند یہ احترام سارنے جاین نظر تل تھوٚومُت تہٕ حُسن کأری ہندین تقاضن کھےٚ لاگنہٕ ورأے چھُ تِم بڈٕ جان تہٕ زبر اندازس منز یمن قدرن ہُند

دامن رُوٚچھمُت۔ مےٚ چھُ باسان زِ مقبولنِ مقبولیتُک اکھ سبب چھُ یہِ زِ تمی چھُ پننین ہم وطنن
ہُند جمالیاتی احساس تہندین سماجی قدرن ستیٚ ہم آہنگ کوٚرمُت تہٕ پرن وول چھُ لولہِ سیتاہ کر
نغمہٕ پننین سماجی ذمہٕ داریین پیٹھ حرف زٕنی ورائے ہیکان بوٗزِتھ۔ اتھ سلسلس منٛز چھےٚ سو
مثال پیش کرنس لایق، ییٚتھن زَن نوش لب عجب ڈٲکس وصالہِ خاطرٕ نکہ حک شرط تھاوان چھےٚ۔ مگر یتھ
مثالہِ جواب چھُنہٕ تہٕ ییٚتھن تمی سماجی قدرن ماجہ ہندین آفاقی احساساتن ستیٚ اڈرن کرِتھ اعلیٰ ادبک
نموٗنہٕ پیش کوٚرمُت چھُ۔ سُہ گوو تمہِ وِزِ ییلہِ زَن نوش لبہٕ ہنز موج کورِ ووہ پرمردِ ہندِس وٚچھس ستیٚ
وٚچھ ہلہِ ناوِتھ شوٗنگتھ پےٚ چھےٚ وُچھان تہٕ نازمستہٕ یمن خاصِس کاشرِن لفظن تہٕ اندازس منٛز ملامت
کران چھےٚ۔ ع

| | |
|---|---|
| یوٗہے چھا رسم و آئینِ اصالت | شرم دارن زِ ٕ پاوتھ یرِتھ خجالت |
| خجالرِٕ ٹونگہٕ ٹوکھ دیتھم جبینس | چھُٹم شیشہِ لجم کٔنی آب گینس |
| عدا وتھ یتھ کمیک او سےٚ زِ سونے | کرِتھ رسوائے عالم کورِی میانی |
| بدی مازاہنہٕ کرےٚ اسہِ کرِتہٕ اثبات | کرےٚ نیکی زِ بد ہورِتھ مکافات |
| زنجتِ واژگوں میہرس قہر گوم | ٹٹھ وینہٕ شکرس ماچھس زہر گوم |
| زِ چھےٚ نہٕ کانہہ خطا، راہ چھُم مےٚ پانس | میٚترلاگتھ شتر آسکھ مےٚ کرِزون |
| مےٚ دردل حسنِ ظن اوسم سٹھا چون | میٚترلاگتھ شتر آسکھ مےٚ کرِزون |
| کیتُک اوٚ نمُت جوانا خیرہ سر چھُے | ملومُت شورتےٚ ناربسر چھےٚ! |
| یہِ فتنہٕ ظاہراً برپا کورتھ زِ تے | دیتھ سگ کنڈٕی کلس سعیہِ گوڈ بورتھ زِ تے |
| پھبس تےٚ تیز نارس زِ ٕ کورتھ میٚل | یہِ چانی بٲعث یتھ مطلبس پیٚل |

مگر "گُل ریز" ہُند کلائیمکس تہٕ مقبولہِ ہند فنکاری ہند سارِوے کھوتہٕ شاندار نموٗنہٕ
چھُ عجب ڈٲکنس فراقس منٛز نوش لبہٕ ہندی دردِ وبداکھ۔ یہِ حصہٕ چھُ یژی پاٹھی مقبول نہٕ آرٹُک
سارِوے کھوتہٕ تھوٚد نوقطہِ۔ اصل "گُل ریز" منٛز چھےٚ یہِ بناوٹی تہٕ بےتاثیر باسان، تکیاز

نخشبی سُند لذت پرست تہٕ مادی طور خوش حال سماج ہیکہ ہے یہٕ اُمہِ قصکہِ خاص پٔزی، وُشنہِ تہٕ پُرخلوص جذباتھ پادٕ کرِتھ۔ اَتھ منز چھےٚ دردِ مقبوٗلچ وٲرٕنجہِ سٔنتھ گرُتھن واجنیٚ لے۔ یِمہِ وزِ یہِ درد ویداکھ کاغذٕکین بے جان صفن پیٹھ نظرن تَل یِوان چھُ، لفظ چھِ نرٕشُن ہوان تہٕ ماحولس منز چھِ سوز و گداز کہِ ستارٕکی نغمہٕ وۄتلان۔ تاثیر چھُ دِلہٕچہِ برٕنہِ دُبرارے کران تہٕ جسمن منز چھُ اثر پذیری ہُند سترٕ یہٕ ہکھ دِوان۔ یِمن اَرٕہاتھن شعرن منز چھِ مقبوٗلن کاتُر زنانہِ ہُند سُہ سورُے دوٗکھ شرٕوٚپرٕ وۄمُت یُس تس زٕنمہٕ زٕنمہٕ پیٹھ تلان ووت۔ یِمن شعرن منز چھےٚ تِمہِ لافانی جذبہٕ مجتمع گرٕژھے یِمہٕ زٕہنے بی چھُ گرژھان۔ یِتھ وٕری پیٹھی آسہِ گوٚمُت یہِ لولہٕ ویداکھ لیکھی مِتس۔ اَتھ وقتس منز چھُ یہِ لچھِ بدلوِ اِنسانو پورٕمُت۔ تہندِ ین دِلن منز عشقُک دود بیدار کرِتس ستیٚ چھُ اُمی تہندِ ین لولہٕ چھوکن شفاتہِ بخشمُت۔ تِمَن دلاسائی تہٕ کرٕمرٕ۔ تھدِ آرٕٹک مقامے چھُ یِی زِ یہِ چھُ زخمن کرٕاَلی تُلنس ستیٚ ستیٚ چھوکن انگ تہٕ اَنان۔ غالبن یہِ یُتھ شعرس منز عشقس متعلق ووٚنمُت چھُ، سُہ چھُ تھدِ یس عشقہٕ آرٕٹس متعلق تہٕ صحی ع

عشق سے طبیعت نے زلیست کا مزا پایا    درد کی دوا پائی، دردِ لا دوا پایا

اَوے کِنہِ چھُ یہِ وُنہِ تہٕ ساٚدروار تہٕ حسین۔ ساسہٕ بدلہٕ لوٗزِتھ تہٕ چھُنہِ تسلی یِوان یِمہِ یِمہِ وزِ یہِ دل گداز لے کنہِ منز پیوان چھےٚ دِلس چھُ ژٕس گرژھان۔

اَمہِ ویداکھ کہ حُسنُک تہٕ مقبوٗل ہندِ تخلیقی جوہرُک انداز کرنہٕ خاطر چھُ ضروری زِ اصل مثنوی منز متعلقہٕ اقتباسن ستیٚ گرژھِ اَتھ مقابلہ کرنہٕ یِن۔ اَتھ جایہِ چھُ سرٕتَل تہٕ پاسہٕ سونٕک فرق صاف ننان تہٕ باسان زِ انسانی جذباتن پیٹھ کوتاہ عبوٗر اوس مقبوٗلس، تِمی سندِ ین اَتھ حِصَس منز چھُ مواد کس ستیٚ ستیٚ زبانی ہُند لہجہ۔ تشبیہن ہنز آرائیش تہٕ جذباتن ہُند ساز تیوٚتاہ ہم آہنگ گوٚمُت زِ سُہ چھُ بالکل اَکس فراقہٕ ستیٚ گژھنہِ بالہٕ ہُند ویداکھ باسان۔

اصل مثنوی منز چھُ اَتھ مقامس پیٹھ یِمہِ انداز نخشبی سُند قلم پکان ع

"چوں حکم خالق اصباح و رازق اشباح دیباچۂ لیل داج بخطۂ زریں

زرّیں آفتاب بہ نہاد واز مادر شب بچۂ رومی روز بزاد۔ من از خواب بیدار شدم۔ خود را در خانۂ خود دیدم۔ نہ از عجب ملک و آنجا خبرے و نہ از آں انجمن بدآنجا اثرے۔

ابداً تردُّماهبتِ الدُّنیا   یٰالیت جودُها کان انجلا

آتش اشتیاق در کانون سینۂ من شعلہ زد و افتراقِ فراق در کورۂ بطانۂ من زبانہ گرفت۔ خود را دیدم ہمائے سعادت از سر بختِ من پریدہ و شہبازِ کرامت از ساعدِ دقتِ من رسیدہ۔ بوم خذلان پروبال کشادہ و غراب آواز درداده و عقل کہ سلطانِ ولایت عاقبت اندیشی است از مصاحبت من دامن افشاندہ و صبر کہ شہوارِ کارفرما شت۔ آیتِ ھٰذا فِراقُ بَینی وَ بَینِکَ بر زبان راندہ۔

من مادہ دریں درد کہ باری دانم   کاں بردن و آدرن از بہر چہ بُود

با خود گفتم یارب آں عشرتِ دوش خواب بود یا براستی وصال و آن بہجت ذی صواب بود یا براستی نِکال۔

ذِکرت بہ وصلاً لم اقربہا   وعیشاً کانی کُنت اقطع واثبا

من شربت مسموم قرابت تجرع میکردم و بر فوت آں وصال دریغ میخوردم مَن لم تسیطع الامر فانتت لجلسا وبصد ھزار تفرع و زاری و قلق و بے قراری میگفتم۔

اے فلک ایں شور چہ انگیختی   خونِ منِ زار چرا ریختی

ناوکِ اندوہ بجانم زدی   آتش صد غصہ روانم زدی

چہرۂ مقصود نمودن چہ بُود   چونکہ نمودیش ربودن چہ بود

بر سرِ چہ بردیم از عزّ و ناز   تشنہ فرستادیم از چاہ باز

زندہ ایں دردِ نہاں چوں شود — سینۂ سنگ از غمِ من خوں شود
قامتم از بارِ جدائی خمید — ایں چہ بلا بود کہ ناگہ رسید
بر چہ لحظ عمر بپایان برم — شربتِ مسموم چگونہ خورم
شکلِ من از دست کہ آرد پدید — محنتِ ہجراں کہ تواند کشید
رفت چوں جاناں من اکنوں ز پیش — جانِ منم بود کہ ماند است پیش

یہ سورُے کوتاہ نقلی تہ بے زُو چھُ باسان ۔ اَتھ منز چھُ صنعت گری ہُند ژاآوی جارنہ سجاوٹھ مگر جذبُک تیمبر چھیس نہ ، یوسہ جگرس پارچہ کرِتھ رُوحس زوُل چھ کران ۔ یوسہ رُمَس رُمَس تیلیتھ لوسں اُچھ مُشراوان چھُ ۔ نوش لبہِ ہنز یہ درد کر پتھ چھےٚ تاثیرچ چشمن ژالہ ژالہ اوش ترٛاونچ وُزنی عطا کران ۔ سورُے وید اکھ پٹیتین نقل کرُن گژھہ زیوٹھ ۔ مگر نوم شعر وچھو کیاہ تیہہ چھ تھاوان ع

صُبحِ پھوٚل بُلبُلو تُل شور و غوغا — گیٚس بیدار مژرم چشم شہلا
خبر آسم بہ چھیس دربر نگارس — مقرر گوٚب پتھے پیٚتی نیٚندر بہارس
نہ ڈیوٹھم یارنے گلزارنے باغ — نہ راتک عاشق الا بر جگر داغ
ہیٚم وُنی دِژ نگارس گلعذارس — پیس وپیٚشس ہمیٚنس تے پیارس
بجائے گل مےٚ سیٚنس خار نےٚ ڈیوٹھم — ہیٚوتم ژھانڈُن خزانہ مار ڈیوٹھم
دیان آسس دِلس با چشم پُرآب — سو مجلس راتہ چی ما آسہ ہے خواب
مُشراوٚن حمُ ترشر کوٚرنم بدنُس — وُ دن آلو ہیٚتم دِژ تس بدنُس
ہوٚندر لاگتھ نیٚندر پاوِتھ ژوٚلہم — فِراقا لکہ وُن تھاوِتھ ژوٚلہم
متو ژُلتم متیو مُشرا وتھس بو — یتو بیٚیہ ستھ گژھہم نشر اوتھس بو
دُرہ پھلہ میانہ کتھ گوشس زیتھ جاے — ژےٚ گوشن میون گوٚے ناترآوتھم ماے
خریدار و کمیوٚ بازار ژھانڈتھ — مےٚ تاوٚن پوو تھم کمہ وانہ گاٚرکتھ
ہرے لیس آرہ وُل گولاب بویو — دِزہس مہتاب زُن مہتاب رو یو

یتو ہا صُبحہ کے خوشبو یہ واوو ۔۔۔ زنتو تس گلعذارس میانہ گژہ اوو

زِ گرد راہ زِ دامن وُنی زِ اول ۔۔۔ پس انگہ نئہ ٹنئی گرٹھو زلِس برس تل

اَدب ژھی تھے صداکری زلس حلقہ ۔۔۔ خبر آہستہ وُنی زلس مُدرِ حلقہ

جفا اندیشہ کس ترٛاوتھ سہ مظلوم ۔۔۔ کو رُتھ کیاہ تھامہ لاجتھ پامہ معصوم

تُنے کرٛ تھم لیتہ رستی پرٛ کالہ پانس ۔۔۔ تژ کو لالہ پھورہم بالہِ پانس

شکستہ دل کرٛتھ طناز و مغرور ۔۔۔ سمن اندامہ ییٚنی بُرٛتھس بزنبور

ہتو واوو ژکیاہ زانکھ منے کیاہ گو و ۔۔۔ گمتی چھم واتنے دم گیرہ کی سرو

ژھیتہ مشعل گیُس یادُن وتھ گوم ۔۔۔ سوتے یس وُدی وُدی شوٗرس زنتہ ییوم

یتھپر زل تس بو مبوٗرنہ مایہ وُجنس ۔۔۔ پھرہکہ وُنی زژر گرہکہ وُنہ تاوِ تجنس

گجس گجٛ کامہ دیوتہ آمہ نے یس ۔۔۔ لوٗگم وُرموٗرِ لاوے آوِ سے یس

کبابکی پاٹھی تجنس گرم تاوے ۔۔۔ اُڈٛ دزِ ژنی گیم سر موٗرِ لاوے

ژُٹھ کمی شترنے لوٗگم رسترے ۔۔۔ لُدتھ طاسس ییم طوسس اُٹھرے

رتھس جانانہ ہے روٗستے لسا بو ۔۔۔ سہ ترٛاوتھ غارنے تہ ستین لسا بو

فارسی تہ کاشُر اقتباسک مقابلہ چھُ ہاوان زِ بخشی کوتاہ یتھ چھُ مقبولُن تروومُت۔

یُنہ ژھُی زامِ کتھہ ہندبو واقعا تو کھو تہ چھُ مقبولنہ آرٹن، جذبات نگاری، احساس جمالن تہ ہُدری حلقن کاشرن جود کو رمُت۔ تمی چھُ سانین انتہایی اولین احساسن مضراب لوگمُت۔ تمی چھُ گوڈنچہ لٹہ جذبک وُشنیر حسینچ رنگینی تہ زبانی ہندِ شینجا رستی یتھہ پُر خمارس تیار کو رمُت۔ یہ اڈرن چھنے سانین جذبن تسکین دِوان تہ اَسہ جمالیاتی انبساط بخشان۔

"گریز" ییتھ چھُ اکھ اعتراض کرنہ یوان زِ اَمچ زبان چھنے ضرور تہ کھو تہ زیادہ فارسی آمیز۔ یہ اعتراض چھُ واریاہس حدس تانی صحی۔ اَتھی آسس پاس چھنے ولی اللہ متوٗ "ہی مال ییٚچھر یتھ اَمہ کھو تہ خالص کاشر زبان چھنے۔ مگر مقبول سنزن مجبوٗرین ییتھ نظر تھاوِنی تہ چھنے ضروری

تمہٕ وِزِ اوس فارسیس "چلے جاو" لوگمُت۔ تمیٚ آس اکھ فارسی کتھ یہ اُتھ منز آس فارسی ماحولچ تہٕ استعارن ہنز زیادتی ناگزیر۔ ولی اللہ مس آس اکھ کأشُر کتھ تہٕ سو ہیکہِ ہے وارِیاہ لفظ کأشرٕ اُنتھ۔ مگر یوٗت کرِتھ چھِنہٕ اکھ کتھ مقبوٗل شاہس بچاوان، بسہ چھُ فارسی لفظ، بڑ ٹزآرِ ژارِی ورتاوان تہٕ عام طور چھِنہٕ تم گوٚبی باسان۔ حالانکہ محموٗد گامی، رسول میر شاہ آبادی، ناظم تہٕ حقانی چھِ اُتھ مقابلہٕ زیادٕ سٕہ زبان استعمال کران۔ دوٚیُم کتھ چھےٚ یہ زٕ "گل ریز" منز چھِنہٕ سلیس تہٕ صاف کأشرٕ شعرن ہند تعداد کم کینہہ تہٕ یم چھِ تِتھی منز دار، ساآدٕ روار تہٕ بےپناہ زٕ میر تقی میر سندی "دُستنتھ نشتر" چھِ یاد پیوان۔ میانہِ خیالہٕ چھُ "گلریز" ہند اصل زُو یہ تہٕ کأشرِ ادبس کنہ خالص کأشرٕ شعرن ہنز ہرگاہ کانہہ ژآر کرِ نہٕ یہ، یم شعر روزن تتھ منز پیچھ کنہِ۔ کینژن وُزملن ہند اُہار وُچھو ع

تھنٕہ پیوٚ و ماجہِ نشہٕ زٕن کاجہٕ کے رٕو

برٕ تمہٕ چشمہٕ ڈلیشہٕ گیہِ پیمبرزل ژلتھ گے ہرنہٕ ہانگل روٗدی جنگل

---

کھسہِ وِنی ٹوٗری زٕن باتازٕ انار تمن وُچھ وُچھ بلبن کٔتیاہ چھِ بیمار

---

وٕدن زٕن ترِژ تاوے ژھٹ دِوان اوس شمع صوٗرتھ دزان گاہ گاہ ژھوان اوس

---

مےٚ عشقن یارِہندی پھوٚر نار پوٚر نم دوٚدُم دِل، سوٚر وارِ وارِ کوٚرُم

---

یہ کتھ اُسہِ آس نہٕ در گوش ژامٕژ چھےٚ کریاژس نشہٕ گلِ مو کلے ہٕژ

---

خدا غم کأسنس اُسِن پھولہٕ وُن سُہ چھو کھ بلبرآونس یس جھس للہٕ وُن

چھُسے بوتر لیشہ ہوت بیٹھ ناگہ رادس  دِتم اکھ شر بجاہ ووہ نی وات دادس

---

ژےٗ چھے ناکینہہ خطا. راہ چھُم مےٗ پانس  مےٗ پلنۍ پرٛان ہلہ وُم زعفرانس

---

پھمبس تےٗ تیز نارس ژےٗ کوزنہ مثیل

---

پرٛن یادن پہ سےٗ تھوٗتم ژہ لادن  دِتم سر آلوے آلو ژہ نادن

---

ژھیٛتہ مشعل گیٚس یادن وہتہ گوم  سو تےٗ لیس ڈدی ڈدی شورس زیتہ ہیوم

---

کرٛنی ہیتر بلبلن لادن گلن کرٛاو

---

ییمبرزل نس لوٗ مبرنہ مایہ ڈجنس  پھرہ کہ وُنی ژٕرگرزہ کہ وُنہ تاوِ تجنس

---

یمن ونس پتہ لگنس آے میوتے

---

یہ دُختر مایہ ستےٗ آیرٛ ژےٗ کرٛمے  ایرٛ چھے نہ خدایس تھی لیسترمے

---

چھنہ لوگمت مےٗ یاون لنجہ زاہ داو

## اُردُو تہٕ کاشُر افسانہٕ

# تجلیٔ ناظر شمس

پروفیسر حامدی کاشمیری

اردوٗ تہٕ کاشرِس افسانس منز پانہٕ وأنی کینژو ہشرو کنہٕ ہیکہٕ ہیند تقابلی مُطالعہٕ دلچسپ، معلوٗماتی تہٕ تحسین شناسانہٕ بنِتھ، دوٚنوٚے چھِ پتہٕ بردہہ آسنہٕ باوجوٗد موجوٗدہٕ صدی منزے وجوٗدس آمتی، دوٚنوٚے روٗدی اَکس وقتس تام صنف افسانہٕچ روایتی تکنیک یعنے پلاٹ، کردار واقعہٕ، فضا تہٕ مصنفہٕ سندِس نقطے نظرس لأرِ، دوشوٚنوٚ بنوو افسانہٕ سماجی کھسہٕ وَسہٕ، غریبی، سیأسی غلأمی، گامہٕ زندگی تہٕ انسأنی نفسیات کِہن مسلن ہُند ذریعہٕ اظہار یعنے افسانہٕ رُکو دوٚنوٚنی زبانن منز سماجی مقصدس تابین، یِموٚ ہشرو باوجوٗد روٗد اُردوٗ تہٕ کاشُر افسانہٕ برونٹھ پکنہٕ خاطرہٕ پننہٕ پننہٕ یِیوٚن یِیوٚن وَتھ گاران تہٕ پننہٕ منزل بدِلدان، یِیمہٕ حقیقتہٕ باوجوٗد زِ کاشُر افسانہٕ ییٚو تأریخی لحاظہٕ اردو افسانس پتہٕ تھٕہٕ۔ پریم چندن لیوٚکھ گوڈنیُک افسانہٕ ۱۹۰۵ء منز، ییلہٕ زن کاشرِس منز گوڈنیک افسانہٕ لیوٚکھ سوم ناتھ زتشی ین ۱۹۵۰ءہس منز، کاشُر افسانہٕ یوٚدوے پتھ کالہٕ جیوٚ ڈیلوٚ تہٕ منشوٚے یوٚ (یمن ہنز کینژہ منز کانہہ ورٕشے چھنہٕ) ہندِ اثرِ نِشہٕ موٚوے بدوٚن چھنہٕ، امہٕ پوٚز یہٕ روٗد ننہٕ پأٹھی انگریزی افسانہٕ نگارن ہِستی ستی زیادہٕ ہن اردوٗ

افسانہٕ نگارٕ ہے پتہٕ پتہٕ پکان تہٕ خاص کٔرِتھ افسانکُ لیُس اندازٕ پریم چندٕن پانہٕ تَوو تہٕ تمِس پتہٕ سعادت حسن منٹوٕن، بیدین تہٕ کرشن چندرن ورتو وٕ سے بنیو امہٕ خاطرٕ ماڈل، امہٕ پتہٕ کوٚر یِموتوٕن افسانہٕ نگارٕن یِم جدید تیکس دورس منٛز بارسس آے یِہُند اثر قبوٗل۔

لہٰذا ہیکہٕ اُردو تہٕ کأشر افسانکُ تقابلی مُطالعہٕ دوشوٕنی ہِندٕ یوفنی تہٕ فکری رُوی یوٚ تہٕ ارتقائی سفر موجوٗب وارِہِن سطحن پیٹھ کرنہٕ یِتھ، یُس اکھ وٚسی تہٕ بسیار پاسِل موضوع چھُ تہٕ یِتھ یِتھِس موخصر وقتس منٛز احاطہٕ کرُن ممکن چھُنہٕ، لہٰذا روٗزٕ میأنی کوٗشِش یِتھ کتھِ ڈٕل دِنٕچ زِ دوشوٕنی زبانن منٛز کتھ حدس تام چھُ افسانہٕ پننٕ تخلیقی تقاضنہٕ پوٗرٕ کران تہٕ اُمی ستیٚ گژھ دوشوٕنی زبأنی ہندٕن افسانن ہندٕ تھزرُک تعین، یِہ چھُ کیفیتہٕ لحاظٕ افسانہٕ مولناوُنکُ طریقہٕ بدٕ کڈُن تہٕ اُمی ستیٚ گژھِ افسانکُ تخلیقی وجوٗد مُنکشف۔

افسانکی تخلیقی تقاضنہٕ کیا چھ؟ یِہ کتھ چھےٚ مانٕنہٕ آمٕژ زِ افسانہٕ تہٕ چھُ شاعری ہندی پأٹھۍ تخلیقی ادبُک اکھ صنف تہٕ بییہٕ روٗد وق گذرنس ستیٚ ستیٚ فنی لحاظٕ صوٗرتھ بدلاوان تہٕ وُسہٕ جارلبان، چنانچہ یِتھ پأٹھۍ شاعری لوٚکہٕ بأتن ہندٕ منٛزٕ لہٕ منٛز نیرتھ زندگی تہٕ کأنٛتہٕ کِس گاشرٕ وسعتس منٛز واتس کوٚڈ، تِتھےٚ کٔنۍ وٚوتھ افسانہٕ تہٕ پادشاہ ڈٕلیلوٚ تہٕ پرٕ یہٕ کتھو ہندٕ سوٚتھرٕ پیٹھ تھوٚد تہٕ فکر و آگہی ہندی نوٚی جہات روٗد سرٕ کران، فاروقی سُند یِہ خیال زِ افسانکُ صنف چھُ شاعری مقابلہٕ وُسی پایہٕ۔ چھُ عالمی ادبس منٛز افسانہٕ کِس تخلیقی بجرس تہٕ رنگارنگی برونٛہہ کنہٕ بےجواز بنیومُت یِتھ کٔنۍ شاعری ہنٛز تخلیقی خصوصیتھ یہ چھےٚ زِ یہِ چھےٚ تخلیق کارٕ سُند وُسیلہٕ زندگی ہندٕن شعوٗری تہٕ لاشعوٗری تجربن ہنٛز داخلی سوٚتھرس پیٹھ لسأنی بازیافت کران یِتھ کٔنۍ زٕ امہٕ کِس تجربس تہٕ خارجی زندگیہٕ ہندٕن عام تہٕ وِیدی واقعاتن تہٕ حالاتن ستیٚ چھُنہٕ اَتھ کانہہ واٹھ روزان، بلکہ چھُ اکھ نوٚو، ازأنی انکشأفی تجربہٕ وۄتلاوان، یِتھےٚ کٔنۍ چھُ افسانس منٛز افسانہٕ نگارٕ تہٕ نیبرٕ مہٕ روٗٹین تہٕ بےرنگ دُنیاہ نشہٕ پتھ ہیتھ پانس اندر اژتھ پننٕ تخلیقی وجوٗد سرٕ کران۔ یِہ کأم چھےٚ ژُکہٕ (بامے سوٚ شاعری آسہٕ یا افسانہٕ) لسأنی ورتاوٕ ستیٚ اَند واتان۔ یِہ چھُ تمِن لفظن ہنٛز ژأرٕ تہٕ ورتاو یِم اندری وۄتلنہٕ

وٲلِس تجربس پیٹھ منطبق سپدن، یہ چھُ پوز زِ شاعری تہٕ افسانہٕ دونوے چھِ پننہِ پننہِ بیون بیون لسانی ورتاوکی پابند، شاعر چھُ بحرہٕ تہٕ وزنُک خیال تھوٚوتھ کیہنہ شاعرانہٕ ہتھیار مثلاً استعارٕ، تشبیہہ تہٕ علامژ استعمال کران، یتھٕ چھُ سُہ کمہٕ کھوتہٕ کم لفظ ورتاوِتھ یمہٕند تلازمی وُچھ وار بارسس انان، اَتھ برعکس چھُ افسانہٕ نگار دلیل وَہ نِہ کس طریقس یعنی بیانیس کأم ہیتھ مرصع زبأنی نِشہِ دوٗر ہیوان، بیانیس آویزہٕ روزنہٕ موجوب چھُ تمس کینژن تفصیلن تہٕ جزیاتن ہُند ہُر ییوان کرُن، مگر یہ چھنہٕ بہٕ گنڈ آسان، یہ چھُ فضانگاری یا کردارن ہُند اندروٗن بدکڈنہٕ خاطر لأزمی بنان۔ امایوز اُمیک مطلب چھُنہٕ یہ زِ اختصار تہٕ اشارتی اندازس شارس لأزمی چھُ افسانہٕ خاطر چھُ کیہنہ کم ضروٗری۔

اردوٗ تہٕ کأشرس افسانس منز تخلیقی اظہار بدکڈنہٕ برونہہ چھُ یہ وَنُن ضروٗری زِ اُردوٗکی تہٕ کأشری افسانہٕ نگار چھِ گوڈٕ پیٹھے دوٚن غلط فہمین ہندی شکار روٗدی مِتی، اکھ یہ زِ افسانہٕ چھُ سوٗنچھ سمجھتھ یا زانِتھ مانِتھ کُنہِ سماجی مسلکُک یا سیأسی حالژ ہُند افسانوی اظہار یعنی افسانہٕ نگار چھُ افسانہٕ لیکھنہٕ برونٹھ کانہہ خیال یا موضوع مثلن سماجی کھسہٕ وُس یا پتھ کھور طبقن ہنز غریبی بننِس ذہنس منز دأراوان تہٕ پتہٕ یہ موضوع افسانس منز پیش کرنہٕ خاطر کانہہ کردار گران یا واقعہٕ تھُران، یتھ کُنی چھُ افسانہٕ نہٕ وانہٕ گرتچ شعوری کوشش ہُند پابند گژھان تہٕ یہ چھُ سیدٕ سیوٗد تجربکہِ اندرمہِ تخلیقی وُتشہِ یا تقاضہٕ نِشہِ دوٗر ہیوان، ممکن چھُ کیہنہ جان افسانہٕ آسن یتھ کُنی تہٕ لیکھنہٕ آمتی، مگر تہندِس آخری تجربس منز ہیکہٕ نہٕ فنکارسنز شخصیژ ہنز لاشعوری URGE نظرانداز کرنہٕ یتھ۔

دوٚیم غلط فہمی چھےٚ افسانہٕ کہِ فنی گرتچ یعنی تکنیکی نوعیژ افسانہٕ خاطر شروٗعس منزے مغربی ادبہٕ منز یم اَمکی لأزمی عناصر مشخص کرنہٕ آے، تمن روٗدی افسانہٕ نگار اَچھ وٹِتھ ورتاوان امہٕ ستی روٗد افسانہٕ اَکِس ہانکلہِ منز بند تہٕ تمی ہیوٚک نہٕ دٕ چھنی کھوورہٕ والش کڈِتھ۔

اُردوٗہس منز آے ییلہٕ پأٹھی افسانہٕ نگارین غلط فہمین منز ہیٚنہٕ تہٕ گرینہٕ زوس افسانہٕ

گۍ مٕکرۍ، پریم چندن تٕل افسانہٕ نگآری دٕس تہٕ تٕس پتہٕ یِنہٕ وٲلۍ افسانہٕ نگارو دِوی بے وایہٕ تٕمۍ سٕندۍ پأٹھۍ موضوعأتی افسانہٕ لیکھان تہٕ یتی رٕودۍ افسانہٕ کِہن ترکیبی عناصرن ہنٛز تکنیکہٕ زورہٕ تھپ کرٕتھ، کردار نگآری یا پلاٹ سازی پیٹھ زور دِوان۔ نتیجہٕ دڑاو زِ بیشتر افسانہٕ دوٗرے تخلیقی عملٕ نِشہٕ تہٕ صنعت گری آے بنیہ۔ یہے وجہ چھُ زِ خود پریم چندنی اکثر افسانہٕ بنیہٕ تٕمۍ سٕندین خیالن یا نظریٚن ہٕیکی ترجمان تہٕ تہٕندٕ فنی گرُت بنیو میکانکی، بے رنگ تہٕ۔ بہٕ توٗرتھ یتھ حدس تام زِ تٕمۍ سٕندۍ افسانوٗ منٛز چھِ کُل زِ ژور افسانہٕ یمن منٛز "کفن" سرِس چھُ گرۍ متۍ زولانہٕ پھٕرِ آوتھ آزادی پرٲوان تہٕ افسانہٕ کہٕ فنچ کہٕ کنۍ بنان، یِمن منٛز چھُ افسانہٕ اکھ زِندہٕ تہٕ متحرک عضوی ہیتھ لبان تہٕ مقصد نِشہٕ یتھ ہیتھ افسانہٕ نگارہٕ سنٛز مرضی اُک پلہٕ سے ترٲوِتھ پنُن پان کھ کران۔

پریم چندس پتہٕ آے کینہہ بڈۍ افسانہٕ نگار مثلن سعادت حسن منٹو، راجندر سنگھ بیدی، کرشن چندر، قرۃ العین حیدر بیترِ یمو پریم چندنہٕ کیفیتھ رٕٹوایتھ برونہہ پکہٕ ناوٕ۔ یہٕ چھُ پوٚز زِ یمو لیکھ تِتھۍ کتیاہ افسانہٕ یم تہٕندین نظریاتن ہنٛز باوتھ چھِ کران تہٕ پأنۍ پانے پننٕ وجوٗد چھِ ہاوان، اما پوٚز یمو لیکھۍ تِتھۍ کینہہ افسانہٕ تہٕ یم تخلیقی تھٕرِ پرٲوان چھِ، مثلن منٹو سٕندۍ افسانہٕ "ہتک" بیدی سٕندۍ "لاجونتی" "کرشن چندرن" "آدھے گھنٹے کا خدا" تہٕ قرۃ العین حیدرِ ہٕندۍ "نظارہ درمیان ہے" چھِ، ینکۍ موٗلۍ نمونہٕ، یمن افسانن ہنٛز بڈ خصوصیتھ چھےٚ یہٕ زِ یم چھِ افسانہٕ نگارن ہنٛدو نظریأتی حدٕ بندیو نِشہٕ آزاد گرٕ ژھتھ پننۍ آزاد وجوٗد لبان، یہندۍ فنی استناد چھُ یتھ کتھہٕ پیٹھ دٕرِتھ زِ افسانہٕ چ ڈیِل چھےٚ یتھ کنۍ وننہٕ آمٕژ زِ یہٕ چھےٚ پرن وٲلِس نال وٚلان تہٕ سُہ چھُ افسانک حصہٕ بنِتھ امہٕ کِہن طرفاتن کُن سفر کران، یم افسانہٕ پرٕتھ چھُ قأری امہٕ کِہو تجربو منٛز گذران پأنۍ پانے، تمِس چھُنہٕ افسانہٕ نگار برونہہ کُن یتھ اُتھ رٕٹتھ وتھ ہاوان۔ منٹو سٕندۍ افسانہٕ چھُ اکس فرضی جسم فروش زنانہٕ پیٹھ دٕرِتھ تٕمۍ سٕندۍ اوٚندۍ پوٚکۍ لوٗکھ، تٕمۍ سٕندۍ ووٚتھن بہن، تٕمۍ سنٛز شرِ تہٕ حسرتھ، خواب منٛز گذرٕنۍ، دوٚد تہٕ دگ تہٕ ذہنکۍ وہہ چھُ اکھ فرضی صورتِ حال گٕنہٕ راوان یتھ منٛز پرن وول ہیتہٕ چھُ پوان۔ افسانہٕ چھُنہٕ حقیقت کِس سوٗترس پیٹھ محض اکس جسم فروش

زنانہٕ ہُند رُوداد ے یوت روزان، بلکہ چھُ انسانہٕ ہنز وجوٗدی لاچاری ہُند دوکھ بنان یہ چھُ انسانہٕ ہنٛدِ کُنٛرِک تہٕ کُنرُس منز بےپُرٛژھ وجوٗدچ زان ووتلاوان۔ یتھےٚ کُنۍ چھُنہٕ بیدی سُند افسانہٕ لاجونتی" محض سیاسی حالاتن ہنز شکار اغوا شدہ لاجونتی ہُند دوکھ ووتلاوان، بلکہ چھُ تخیلی دُنیاہس منز اکِس فرضی کردار یعنے لاجونتی ہُند لون تہٕ اُمۍ کھسہٕ وسہٕ ہنز دلیل، یتھ منز تِمۍ سُند اوندرونٛی چھُ ننان تہٕ نفسیاتی زاوی جارُک پہلوٗ ووتلان۔ کرشن چندرُن افسانہٕ "آدھے گھنٹے کا خُدا" تہٕ چھُ سیاسی سوتھرس پیٹھ کُن ترٲوِتھ انسانہٕ ہنٛدِ روٗحچ اوڈیسی بنان تہٕ زندگی تہٕ موٗنُک نوٗو تناظر برونٛہہ کُن انان، قرۃ العین حیدر ہند افسانہٕ "نظارہ درمیان ہے" تہٕ چھُ سماجی کھسہٕ وسہٕ پیٹھ رٗوزِتھ گرشھنہٕ بجایہ خارتہٕ شرکہٕ ازلی تصادمُک احساس پاد کران۔ یہ سوٗرے برونٛہہ کُن ینہٕ برونٛہہ چھ یِم افسانہٕ دلیلہٕ ہُند جود کران۔

اَمہٕ تلہٕ چھُ ننان زِ یِم افسانہٕ چھِ اکھوتہٕ زیادٕ طرفاتن ہُند پے دِوان تہٕ یہ چھُ تیٚلی ممکن سپدان ییٚلہٕ یِم زندٕ فنکی نموٗنہٕ ہیٚتھ استعاراتی یا علامتی روح رکانہٕ چھِ لبان۔ وُں گو ییٚلہٕ کاشُر افسانہٕ اَتھ تناظرس منز وُچھنہٕ ییہ۔ یتھِن بہلہٕ پایہ کِس افسانن ہنز ورٛژھے چھےٚ حدوٚس باسان تہٕ مقابلتاً چھِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اوٗنجرٕ ٹیٚنڈٕن پیٹھ گٔژھ۔ رنہٕ ینہٕ وٲلی کینہہ جان افسانہٕ نظرٕ گرٛژھان، یِمن منز علی محمد لونُن "شُنٛز"، اختر محی الدینٕ "ژٕرے چھکھ"، امین کاملُن "پھاٹک بنسی تردوشن" یہ تہٕ اکھ احساس" ہری کرشن کولُن "حاس چھُ روتُل" ہردے کول بھارتیٖن "پلیٹ فارمس پیٹھ ییٚاری"، رتن لال شانتن "گوڈنیُک سبق" تہٕ شام لال سادھو سُند "اُدرزٹ" قابلِ ذکر چھِ۔ یِم افسانہٕ چھِ حقیقژ نشہٕ پوٚت ہیٚتھ افسانوی فضا پاد کران تہٕ کردارن ہنز کینہہ ذہنی تہٕ نفسیاتی کیفیژ چھےٚ برونٛہہ کُن یوان۔ یِم افسانہٕ چھِ ڈلیلہٕ ژنگ، کردار تہٕ واقعہ کہ رُدِ عمل، فضا بندی تہٕ زبانی ہنٛدِ ورتاوچ فنک زُورٕ بہٕ لبان، اماپوز یتھو کینژو افسانو ورٲے چھِ درجن واد افسانہٕ موضوعی بالادستی، نظریاتی حدبندی، میکانکی تکنیک وضاحت، تکرار، غار ضروٗری تفصیلو ہنٛدِ برٛتھ تہٕ تہند فنی وجوٗد چھُ چھلہٕ چھانگرِ گومُت۔ افسانس چھےٚ یہ وَنُن زیادٕ ہیٚن ترقی پسندی

ہند نظریاتی دباو کنز گامتر۔ یہ حال چھُ اُردو افسانک تہ، وجہ چھ تون، ترقی پسندی آس اکھ نظریاتی تحریک تہ امہِ دیت یتھ کتھ پیٹھ زور زادب چھ اکھ سماجی شعبہ تہ سماجی مقصد پراونک ذریعہ۔ نتیجہ دراو زادب دوریوو پنہٕ اصلی منصبہ نشہ تہ کلہم شخصیتھ پتھ کُن تراوتھ بنیوو ترسیلیتک ذہنی عمل۔

جدیدیتن کوٚر یہ مقصدی نظریہ رد تہ ییتی آو افسانہ حقیقتُ وضاحتھ تہ خارجیتہ نشہ مچھ تھونس پیٹھ زور دِنہ تہ داخلیتھ، تخلیقیتھ، جمالیات تہ علامت کاری ہنز اہمیتھ آیہ وٕرتھناونہ امہِ ستی میول افسانس پنُن تخلیقی وجوٗد بازیاب کرنس منز مدد۔ اُردوس منز لیکھی اتھ دورس منز انتظار حسینن، سریندر پرکاشن، غیاث احمد گدین، سلام بن رزاق، انور خانن، سید محمد اشرفن عبدالصمدن، مظہرالزمان خانن تہ شوکت حیاتن ____________________

____ کیہنہ افسانہ یموافسانچ تخلیقی پرزنتھ بارسس اَنی۔ یموکوٚر انسانہ سندین ذہنی، نفسیاتی تہ روحانی پیچیدگین تہ کھُرن ہنز تصویرکشی۔ یہ تصویرکشی آیہ تمہِ اکہ ماپہ کرنہ زانسانہ سند باطنی وجوٗدکی اسرارن ہنز گیہ زانہ، یہ کرنہ خاطر آو روایتی افسانہ کہ گرتہ نشہ انحراف کرنہ تہ افسانہ آو نہ کردار سازی حوالہ کرنہ بلکہ آیہ کردارن ہنز بدلہ دِنہ ذہنی کیفیتن وو تلاونہ امہِ خاطر آیہ پلاٹ سازی تہ کردار نگاری ہند روایتی پیمانہ رد کرنہ۔ کہانی ہنُک تصور روٗد نہ زیتھ لنڈ وہر اوِنی۔ بیانیہ آو علامتن تہ استعارن منز ژوٗمراونہ۔ چنانچہ "دوسرے آدمی کا ڈرائنگ روم"، "پرندہ پکڑنے والی گاڑی"، "وہ جو کھوئے گئے"، ماتم گسار "قبر" تہ "سرنگ" ہوی افسانہ چھ اَچھ مثالہ۔

یم افسانہ پرٕتھ چھُ نتان زافسانہ چھُ زیادٕ کھوتہ زیادٕ شاعری نکھ یتھ پنُن تخلیقی او سپر تہ گو بہر بدس انان تہ معنوی امکانات کُن ظوٗن پھران۔ روٗدی نوی کانٹر افسانہ نگار تموتہ ییکھی مغربی یا اُردوکین افسانوی تجربو مطابق کیہنہ افسانہ یمن منز روایتی پلاٹ، کردار تہ مصنفہ سند نقطۂ نظر نشہ نوٚب ہیتہ آو تہ فطری اندازس منز آیہ راوی یا کردارہ سندن ذہنی کیفیتن ہنز تجسیم کرنہ۔ چنانچہ علی محمد لون "شُنی"، اخترمحی الدین "گگتاپہ گیہ شہل"، ہرِدے کول بھارتین "پلیٹ

فارمہ پیاری" چھےٚ اچھ مثالہ۔ امابوزٕ امہ تراپہ لیکھنہٕ آمتی واریاہ افسانہٕ چھِنہٕ افسانکی فنی لوازم پوٗرٕ کران۔ یمن منز چھےٚ وارہٕہن جاین اکے کتھ نوٚین نوٚین استعارن منز۔ وَننہٕ آمژ۔ اوتارکرشن رہبرنس افسانہٕ "زٕ ہتھ گامٕ ہز اُچھ زٕ" چھےٚ اُچھن ہُند اکہ طریقہ تہٕ بیِہ طریقہ بیان طول کلامی ہُند تاثر پاد کران۔ وارہٕہن افسانن منز چھےٚ وضاحتھ تہٕ تکرار، فاروق مسعودی سُند افسانہٕ "سبٹھاہ معموٗلی" یُس منز چھ گوڈنیتھے بوڈکس بیانس منز۔ وضاحتھ تہٕ تکرار موجوٗد۔ افسانہٕ چھِنہٕ اکہٕ معنوی سطحہٕ پیٹھ تھوٚد ووتھان۔ رتن لال شانتن یار رہبر سُند" زٕ تصویرہ اکھ پژرتھ" چھ غریبی تہٕ نفسیاتی کیفیژ ہُند باوتھ کران ہنسی نز دوشن "یوٚتام نال وونم دامنس تل" تہٕ امین کاملن "دُدرِچ گاو" دوٚنوٚنی ہُند شروٗعکی پرگراف چھ افسانچ تلخیص پیش کران، گوڈنکس افسانس منز چھ گوڈنیکہ پرگراف افسانہٕ کس کردار گنگا دھر سُندی زٕ روٗپ بیان کران تہٕ تمے روٗپ چھ باقے سارِ ہسے افسانس منز وبژھناونہٕ آمتی دوٚیمس افسانس منز چھےٚ شروعس منزے عزم دید ہُنز۔ دُدرِج گاو تہٕ تمی ہنز نوکری کرُونہٕ کو رہندِ مرنچ ذکر تہٕ یہے کتھ چھےٚ سارِ ہسے افسانس منز۔ وہراونہٕ آمژ، کیہنہ جان افسانہٕ مثلن اختر محی الدینن "آدم چھ عجب ذات" یا ہری کرشن کولن "شمشان وَیراگ" تہٕ چھِنہٕ امہٕ نِشہٕ مُچھ روٗدی منز۔ نوٚین اُردوٗ افسانن تہٕ چھےٚ لگ بھگ یہے وٕنٕ گامژ۔ وضاحتہٕ کِس بدعتس۔ چھِ افسانہٕ نگار یتھ حدس تام لارٕ زٕ افسانہٕ کس عنوانس تام چھِنہٕ بژان تہٕ عنوانہٕ دٕسی چھےٚ افسانچ ساپے اسرار یتھ بے پردٕ کران۔ بھارتی سُند افسانہٕ "آبنوسک رولر جگرِچ مش تہٕ ملہٕ ہُند" چھِنہٕ صرف زٕ یوٚڑھے یوٗت بلکہ چھ افسانک خلاصہٕ تہٕ باوان ______ فرق یوٚدوے چھےٚ، سو چھےٚ یہٕ زٕ اُردوٗ ہس منز چھِ تِتھین افسانن لرٕ لوٗر واریاہ پرٕتی افسانہٕ لیکھنہٕ آمتی، یِیلہٕ زن کاشرس منز۔ افسانہٕ مقدارٕ زٕنگہٕ تہٕ تہٕ کیفیژ موجوٗب تہٕ یتھ چھُ تہٕ تخلیقی تجربک ژھرٕ رُک باس چھُ دِوان۔

جدیدیتہٕ کس دورس منز۔ یوٚسہٕ تجربہ پسندی ہنز۔ رُو چلیے یہٕ تہٕ علامتی تجریدی تہٕ تاثراتی افسانن لوگ چلیے جاو، تمی نیوٚ افسانہٕ خارجیتہٕ نِشہٕ داخلیتس کُن تہٕ سماجی حقیقت

نگارٕی آو تاس، یُس افسانہٕ کہ تخلیقی وجوٗدکہ خاطرٕ جان ثابت سپُد ۔ اما پوٚز اکھ منفی رجحان گوو یہِ پأدٕ زٕ افسانہٕ منز گوو افسانہٕ پنٕ یا ڈٲلیہٕ ہُند عنصر خارج تہٕ واریاہ افسانہٕ بنیہٕ یا تہٕ انشائیہ یا تاثراتی مضموٗن ۔ حقیقتس پٮ۪ٹھ چھےٚ یہِ زٕ صنفِ افسانُک پزٕ زنٛہ چھےٚ اکھ افسانہٕ پنٕ ۔ افسانس منز تجربہٕ کرنُک مطلب چھُنہٕ یہِ زٕ اکہ افسانہٕ پنٕ یہِ پٮ۪ٹھ کُن ترٛاونہٕ ۔ اگر یہِ یہِ کرنہٕ تیلہِ روزِ نہٕ سُہ افسانہٕ، سُہ ییٚنہٕ بنیہٕ کانٛہہ بدل چیز ۔ یہِ کتھ چھےٚ وَنُن لایق زٕ افسانو نیتھ ہیٚکہٕ پٔنٕنہٕ پٔنہٕ آیہٕ علامتی افسانس منز تہٕ موجوٗد روٗزِتھ پتہٕ حقیقت پسند افسانس منز تہٕ ۔ چنانچہٕ اسلام بن رزاقن افسانہٕ معتبر آسی تن یُس علامتی افسانہٕ چھُ، یا منشا یادُن نٲر علامتی افسانہٕ اوورٹاٸم آسی تن افسانہٕ پنٕ چھُ یہند خاص وصف تہٕ تہٕ یہند فنی استناد تہٕ ۔

# ادبی ہیٛژ تہٕ تقلید

# مغرب تہٕ مشرق

## اکھ جایزٕ

پروفیسر غلام نبی فراقؔ

مغربی ادبی ہیٛژن ہیٛٹھ یمن اندر شاعری تہٕ بیوان چھےٚ چھہِ ادبس ستۍ دلچسپی تہٕ تعلق تھاون والی کینہہ لوٚکھ وَنان زِ اَسہِ پزِ تہٕ ییٛنہِ شاعری منٛز خاصکر ہیٛژ لحاظٕ مغربٕچ تقلید کرٕنۍ۔ زندگی ہندِ حوالہٕ انسانی سوچ تہٕ تجربہٕ ہیٛن تام واتناوُنہٕ باپتھ یِمہٕ ہیٛژ تہٕ یِم اظہارٕ وسیلہٕ وُزِ وُزِ یوٗرپس منٛز بارسس بیوان آے، تِمن چھُ تتہٕ کیو سیاسی، سماجی مذہبی تہٕ اقتصادی حالاتو وَتھ ہموار کٔرِتھ وجوٗد بخشمُت۔ اَمہِ برعکس چھےٚ سأنۍ سماجی، مذہبی سیاسی تہٕ تمدنی حالت بدٕل ماحولس منٛز نشو ونما لبان آمٕژ۔ تۄہے پزِ ن اَسہِ تِمے ہیٛژ ییٛنہِ واتناوِنہٕ باپتھ ورتاوُنہٕ یِموٗ اَتھ ییٛنِس ماحولس منٛز شکل لٔبمٕژ چھےٚ۔ یِتھِن ہیٛژن متعلق آیہ اَسہِ منٛز اکھ روایتی نزدیکی تہٕ ییٛنٛ اکھ جذبٲتی ردِ عمل تہٕ۔ اَسہِ یِلہِ ادبس تہٕ فنوٗن لطیفن متعلق یِمن یارن دوستن ہندِ یہِ اپروچ وُچھان چھہِ بظاہر چھُ باسان زِ یِم چھہِ شاید کیہتان جانےٚ وَنان تہٕ اورکُن چھُنہٕ سون ذہن از تان سنجیدگی سان گومتۍ۔

اما یوٗزہیلہِ اَسہِ ہنا تاں کرِتھ یِمَن کتھَن پیٹھ کلٲم پاٲٹھۍ سوچَن سران چھہِ سانہِ باپتھ چھہِ بیٚیہ
تہٕ تِم مسلہٕ ووتلان ہٕنہ یِمہ کتھہِ پٲدٕ سپدان یِموٚستہِ اَتھ بظاہر دٕرٕس منطقس پیٚٹھ طرفہٕ آب اژان
نظر گژھان چھُ ۔ یتھ موختصر مضموٗنس منز ییہِ اَتھ عجیب وغریب مسلس دٕل دِنہٕ تہٕ نتیجہ شکلاون
ینُن وجوٗد یانے ۔ مےٚ کوٗر زانہِ ماتھ عجیب وغریب لفظ اوٚکنہِ استمال زِ ژکہِ چھُنہٕ یہِ کانہہ
بوٚڈ مسلے ۔ مگر اَتھ کیاوٗنہِ زِ نہ تگن چھُ کُنہٕ سانہٕ تجرٕ تہٕ شیٚنٛسترٕ وٕنہٕ ناوان ہٕنہ اصلس تہٕ برسم
کرِتھ ترٛاوان ۔

گوڈٕ یِم کتھ یوسہٕ یہِ وَنہِ یِژھان چھُس چھےٚ یہِ زِ یِموٚ وَنَ والین منز چھہِ کیٚنہہ
تِم یِم مےٚ ویٚدی چھہِ ۔ یِژر چھُ ای زِ یِموٚ منز چھہِ کیٚہ علمی تہٕ ادبی تواریخ تہٕ خاصکر یوٗرپی
علم وادبہٕ نِشہ یا تہٕ کم واقف نہٕ چھکھ نہٕ عالمی ادبچہ ارتقاٲئی عملہٕ کُن نظرے گژھان ۔ یوٗزکیا چھُ
تہٕ زانن تِم یِیا رٕ چھکھ نوٚن نیرنک تہٕ ہوٚس تہٕ سوگیہ انسانی کم ۔ وٗری یِمو وزٕ وزِ پیٚٹھ
جایہِ نوٚی تماشہٕ ہاوی مت چھہِ ۔ یِمن چیزن ہُند تہٕ چھُ یہِ نتیجہ زِ یِم لوکھ چھہِ یِژھ کتھ کرنس پیٹھ
مجبوٗر سپدان ۔ کتھ یِمن نہٕ یکن بایی چھُ ۔

اَمہِ کتھِ ہُند گوڈنیک ثبوٗت چھُ فنس، ہیٚئتہٕ تہٕ ادبس متعلق ییٚہندی بیانہٕ ۔ وٗلو ووہ
وُچھوا اَسہِ ییٚہندی وَنہٕ زِ اَسہِ کیا چھُ یِنُن ۔ مےٚ ستہِ کرٕو تہٕ سارٕی شاید اتفاق ییلہِ یہٕ بہٕ وَنہٕ
زِ جدید شاعری منز چھُ اَسہِ یِنُن واکھ شروکھ تہٕ وژُن ۔ گوٗ للہ دید، حضرت شیخ تہٕ حبہ خوتوٗن ۔
ابتداٲئی وژنہٕ علاوٕ چھہِ حضرت شیخن کیٚنہہ دینی احکامات تہٕ نظماوی مٕتہٕ ۔ سانہِ شاعری ہنٛز یِمہ
ہیٚئتہٕ چھےٚ للہ دیدِ ہنٛدِ پیٚتھ برونہہ کُن اَلہِ پَلہِ پانژن ہتن وُرِیَن برقرار روزان ۔ کاشُر
زبانہِ ہنٛد حوالہِ چھہِ اَتھ یخ بستگی مقامی حالات تہٕ زبردس ساتھ دِوان ۔ زمانس منز ہنا
بدلاوِ ییٚنہٕ کنہِ چھُ محموٗد گامی کنوٗ ہمہ صدی ہنٛدِس نصفس تہٕ آخری حصص منز یِمن شارٕ ہیٚئژن
منز مزید دوٚن اہم صنفن یانے غزٕل تہٕ مثنوی ہُند اضافہٕ کران ۔ یِمَن ہیٚئژن ہنٛز زان
چھےٚ اَمِس فارسی علم وادب پیٚری تھےٚ سپدان تہٕ یہِ پَزِر چھُ یِمَن ہُند اوسلوٗبے سٕطھا وان ۔

یِمہٕ چھےٚ تِمہٕ ہیٚژ یِمَن ستۍ فارسی زانَن وأنۍ کأشرۍ واقف پیدٕ ہیٚکہِ آسان چھہٕ۔ یِمَن چھِنہٕ یِمہٕ دوشوٚیہٕ ہیٚژ مقأمی کأشرِس تمدنَس ڈٕنب لٔجِمٕژ۔ یوٚدوَے یِمہٕ ووٚنۍ وقتَس ستۍ ستۍ کأشرِ ادبُک اکھ موٚلُل تہٕ اَژھَن حصہٕ بنےٚمٕژ چھےٚ۔ حالاتَن ہیٚنٛہ نظرِ تہٕ آسہٕ عام لُکَن یِتھِس ادبی زأوِ جارِس ستۍ سوٚ دلچسپی یوٚسہٕ پزٕنہٕ پأٹھۍ آسہٕ گژھہٕ۔ ییٚتھ آسہٕ تہٕ تِم، ماجہٕ زیوٚ ہیٚژ چھِنہٕ کِتھےٚ ہیٚنٛہِن زبانَن منٛز تہٕ جان تیدادِ رٔنگۍ پرٕنہٕ۔ یتہِ چھُ اکھ پزر زِ غزل اوس فارسی زبأنۍ منٛز عربی پیٹھٕ اوٚنمُت تہٕ مثنوی تہٕ آسہٕ تِمَن ہٕنٛز۔ یِمَن اوسہٕ یِمَن دوشوٚنی ادبہٕ زأژن ہُند آگُر ایران کینہہ یوٚدوَے فارسی والیو تہٕ ایرانیو یِمَن اندر پننۍ رنگارٔنگۍ تجربہٕ پیش کٔرِتھ یِمہٕ پوٚر پأٹھۍ پننہٕ بناوِ۔ ادبی مادأنس منٛز بنےٚ یِمہٕ وار وارٕ خاصکر ایرأنۍ تہذیب و تمدنٕچ شناخت تہٕ۔ یوٗنانس منٛز یِم تہٕ اہم شرایط مثنوی ہیٚژ ستۍ وابستہٕ کرنہٕ آمٕژ چھہٕ، تِم تہٕ چھہٕ مقدوٗر موجوب فارسی مثنوی نگارو تقاضَن تل تھأوِمٕژ۔ کأشرِ یوٚکوٚر کینژَن فارسی مثنوی ین ترجمہٕ تہٕ کانٛہہ کٔرکھ یِمہٕ نِ نموٗنَن پیٹھٕ پننۍ پأٹھۍ تہٕ تیار۔ وقت گزرنس ستۍ ستۍ گوٚو غزل تہٕ مثنوی تہٕ کأشرِ شارٕ سرمایُک اکھ موٚلُل حصہٕ بنتھ۔ وقت گوٚو بروٚنہہ پکان تہٕ ییٚمۍ اندۍ پکھۍ اَتھ مثنوی ہیٚژ لول بأگراون وأنۍ دِرٛلےٚ سُہ اوٚزرٕ یوٚکھ آو ییٚنہٕ اکہٕ پھر تبدیلی ہنٛدِس زدس منٛز۔ نتیجہ دراو یہِ زِ حالات بدلنہٕ کِنۍ سپُد مثنوی کُن کم توجہ ییٚلہٕ زن وژَن تہٕ غزل نیٚنٛ سفرطے کران روٗدۍ تکیارِ تِمَن روٗدۍ حالات موافق۔ یِمہٕ چھہٕ تِمہٕ تہٕ ادبی ہیٚژ یِمَن صوٗفی کیوٚ غأر صوفی شأیر اظہار رٔنگۍ وُہِمہٕ صدی منٛز۔ یِسلہٕ پأٹھۍ ورتاوان روٗدۍ۔ خاص کر روٗد ہیٚند اظہارُک مرکز وژَن ییٚتھ یِموٚ گرمہٕ گژھنکِس حدس تام لاوٕ داوٕ تُل۔ اَمہِ کِس نتیجس منٛز تہٕ زمانہٕ ییٚنہٕ ہیٚنٛ بدلنہٕ سِتۍ سپز۔ نوٚن سانٛجَن تہٕ ہیٚژَن منٛز باوتھ کرنٕچ ضروٗرت محسوٗس تِکیارِ ووٚنۍ آسہٕ یِمَن ہیٚژَن ہندۍ واقفکار اَتھ زبأنۍ منٛز پادٕ گامٕژ۔ یہِ احساس اوسہٕ ہوأیی کینہہ بلکہ آسہٕ یہِ کرنس تہٕ ٹھوٚس ثبوٗت موجوٗد۔ یِموٚ منٛز۔ یہٕ ییٚتھ کُھتَن گِینہٕ کِنژہٕ کِنژَن ہُند ذکر کرُن ضروٗری زانان چھُس۔

خاصکر پتہ مس ہتس ڈوڈس ہتس وٚریس یو سہ ہمہ پہلوٗ تبدیلی تہ ترقی
یوٗرپہ پیٹھ غار یورپی دُنیہس کُن واتنٔ تمہ ستی لوٚب واریاہو نوٚو حقیقژ وجنم۔ خاصکر
سیٚتھ یمن ہنٛز رفتار یتھ اکُو ہمہ صدی منٛز جادے تیز۔ یوٗرپن کوٚر یِنہ کلہم اسلوٗبہ ستی
خاصکر افریقہ تہ ایشیاہ تہ امریکہ زبردس متاثر۔ اکثر سیاسی نقشے بدلے یِمیک اثر تہذیب
وتمدنس پیٹھ پیوٚن لازمی اوس۔ زبانہ ہنٛزن اہمیژن بدلے یہ ترتیب تہ روایتی سوٗنچ
سپُد متاثر۔ ونُ چھِ زِ زندگی ہُند کلہم رنٛگے بدلیو تہ تمہ ستی فنونِ لطیفن ہُند متاثر
سپدن اوس اکھ قدرتی امر۔ باقی اہم کتھو علاوٕ سپدیو یِلہ پاٹھۍ یوٗرپکس علم وادبس تہ
قومن تہ مُلکن سیٚد سیوٚد تعارف۔ سائنس یِتھ طرفس منٛز۔ تہ ژھوکیو فارسی زبانۍ ہُند
اثر تمہٕ تیز رفتاری سان زِ انسان چھُ یِژی حیران سپدان۔ مقامی زبانو تہ خاصکر اُردو زبانۍ لوٚب
خاصکر شمالی ہندوستانس منٛز عروج یِمہ کِنۍ اکھ زبانۍ منٛز تہ یوٗرپہ پیٹھ تم نوٚی ادبی صنف
تہ آے یمن متعلق اکھ دِس تام کاشر زبانۍ قریب قریب زانٕنے آسہٕ۔ مثلن ناول، افسانہ
ایسے، پابند تہ اپابند نظم، بلینک ورس وغارہ وغارہ۔ یِتھ پاٹھۍ سپُد باقے کتھو علاوٕ سائنس
زبان تہ سون علاقہ یمن ادبی زاژن تہ اُنزٕ منٛزی۔ وارہ وارہ پیوٚ مغربی طرز زندگی ہُند اثر
تہ سائنس سماجس پیٹھ۔ تو ار برعکس اکھ پزرس اگر کانہہ مغرب زدگی ونہِ تس ستی اتفاق کرُن
آسہِ میانہِ باپت ناممکن۔

جان روز اگر اسی مغربی طرز زندگی پیٹھ تہ اکھ زِ کتھ کرو۔ پتلون لباسہ تہ
ہیے توس سام۔ کیا امہ رنٛگہ تہ چھنا اسی غار یوٗرپی لدہ اکہ نہ نہ یِنہ طریقہ یمن یوٗرپی مُلکن ہنٛز
تقلید کران ییٚنی کیشر وچھو تون۔ اسی چھنا اکھ لیٚنہ اندرتہ کوٹ۔ بوٗٹ۔ پتلون
شارٹ، بوشارٹ، ٹائی، اوورکوٹ، نوز کوٹ تہ جیکٹ ہُند استعمال کران۔ اسی
چھنا وونی کیتِن شعبن منٛز انگریزی زبانۍ ہُند استعمال کران۔ سانین شہرن منٛز چھنا
وونی بڑی بڑی انگلش میڈیم سکوٗل قایم سپدی متی تہ سپدان۔ ییٚنہ چھنا بڑی بڑی

انگریزی اخبارتہٕ ییران ۔ اُسی تہٕ چھنا بسنن دفترن منز انگریزی زبانۍ ہند ورتاو کران ۔ یتھ طرزس پیٹھ اُسی منٛز فوج بناوان تہٕ پننۍ ہسپتال چلاوان چھ تمن چھنا سُے یوربی اسلوب دِنہٕ آمُت ۔ سانۍ اپریشن تھیٹر کیا چھ وُنان تہٕ مرض تشخیص کرنکۍ یم تہٕ مغربی طور طریقہ چھ کیا اُسی چھنا ووٕنی زیاد بھروسہ تمنے پیٹھ کران ۔ زمین زراعتس منز تہٕ یُس انقلاب اُسی شکلاوان چھ تتھ پتہٕ کنہٕ تہٕ چھنا مغربک ٹیکنیکی شعور ۔ یم ایجادات ووٕنی پتہٕ ہیو سپنو نمتوٕ وُری یوٕ پیٹھ انسانن کرٕ یمن اندر یورپُک انسان زیادے بہل کران روٗد تموٕ ستۍ ہیوٕ تُن ناسون یہ اکہ وقتُک مختلف حصن منز باگرنہٕ آمُت دُنیا سیاسی، اقتصادی ، کاربارٕ ی، جغرافیایی طور نزدیک ترین ۔ چھا کانہہ ملک یُس ووٕنۍ الگ تھلگ روٗزِتھ پننۍ لوہ لنگرُ چلاوِتھ ہیکہِ تہٕ ترقی تہٕ پراوِتھ ہیکہِ ۔ ووٕنۍ اگر کانہہ ملک تہٕ کرِ سہٕ کرِ شِھ تا پرزٕ ھیون تہٕ قلاش ۔ تمی سُند زندگی ہندِس پرتھ ماداتس منز پرتھ رنگہٕ پسماند روزُن چھنا یقینی ۔ مے چھ باسان یرتھ حالت پانس پیٹھ قبوٗل کرنہٕ باپتھ چھنہٕ کانہہ تہٕ ملک بوٗڈ یا لوکٹ تیار ۔ توٕ ے چھِ دُنہکی ساری بڑی کیو لوکٹی ملک الگ اَستھ تہٕ پانس اکہ بڈٕ تہٕ عالم گیر برادری ہندی انگ محسوس کران ۔ اتھ خلاف بغاوت کرِنۍ گیہِ غربت تہٕ افلاس سال، کرِتھ اپنس برابر ۔ تمہ باپتھ آسہ نہٕ کانہہ تہٕ تیار ۔

اتھ عظیم تہٕ عالم گیر تبدیلی منز کیاژ تہٕ کتھ پیٹھ روزٕہن کاشری الگ تھلگ تہٕ سیدُن اوس ناممکن ۔ اردو تہٕ انگریزی زبانن ہندِس اثرس تل پتھ کرِ تموٕ تہٕ ہیٚتر تہٕ موضوعس پیش نظر نوٕ ی نوٕ ی تجربہٕ ۔ اظہار چہٕ نوٕ وٕ تہٕ مانڈنچہٕ دوٕ دور منز تہٕ نوٕ پرپسندی ہندِس جذبس تل وژٕن تہٕ غزل اتھن منز تھاو یتھے لگی تم نوٕ ہیٚتر ازماونہٕ ۔ یہ اوس زہ دق ییلہ کاشر زبانۍ نوٕ ورسم الخط دِنہٕ یوان اوس ۔ اُمی جیرن کرٕ کاشر نثر لیکھنچ وتہٕ تہٕ ہموار ۔ اَتھی نوٕ زُک دورس منز کوٗر کاشر لوٕ ادیبو، افسانہٕ نگارو، ناول نویسو تہٕ اپسے لیکھن والیو افسانہٕ، ناول تہٕ اپسے لیکھُن شروٗع ۔ شاعیرو کرٕ پابند تہٕ اپابند نظمہٕ تہٕ تخلیق ۔ یُس گوو

کاشرِ زبانٕ ہندِس تواریخس منز اکہِ بے نظیر دورُک آغاز۔ یم ساری ادبی سانچہٕ تہٕ یمہٕ ہیژٕ تہٕ آسہٕ غزلکی تہٕ مثنوی ہندی پاٹھۍ کاشرِ زبانٕ منز نووارد تہٕ ووہرے۔ مگر یمن ہیژرن اندر یُس تجربہٕ، یُس اظہار تہٕ یوسہٕ حساگی تہٕ یُس شعور شکلہٕ ووسہٕ اوس پیش کرن والین ہُند پنُن تہٕ پننہٕ وقتُک۔ افسانن تہٕ ناولن منز یم کِردار اَسہٕ سمکھادنہٕ آے تم ساری اسی پننی گرٕ ژ تہٕ زمانچ دآدی کانٛژرہٕ امیُک تضاد پیش کران۔ تمن منز اوس تہٕ کانہہ ووہر۔ تم ساری اسی کاشرۍ۔ امی حسابہٕ لیکھی شاعرہٕ پننین نظمن منز۔ تمن اوس پنُن تجربہٕ پیش کرُن تہٕ سہٕ کورہٕ تمو۔ کانسہٕ آیہٕ نہٕ تگہٕ کنہٕ ٹھوس تہٕ۔ تتھ ونو فنکارسٕنز پننی کمزوری۔ سُہ تگُن تہٕ نہٕ تگُن میلہٕ اَسہٕ پرانس تہٕ جدید ورتنس منز تہٕ تہٕ غزلس تہٕ مثنوی منز تہٕ۔ تمیُک الزام اگر ہیژٕ دِموٕ تہٕ آسہٕ غلط۔ تجہٕ زن کانسہٕ اپابند نظم لیکھنہٕ یاتھ منز ردیف قافیہ کمی تشبیہو، استعارو اظہارو تہٕ علامتو سٟتۍ پورٕ کرٕنی تمیُک قصور ماکھالو اَتھ ہیژٕ۔ یہاے کتھ چھے غزل تہٕ ورتنہٕ بابت تہٕ درُس۔ تجہٕ زن یمہٕ ہیژٕ جان پاٹھۍ ورتاونہٕ یتہٕ ماولو اُسی کنہٕ جوازٕ روٗس زِ یمہٕ نوِ ہیژٕ چھنہٕ سانِس مزاجس تہٕ تمدنس سٟتۍ واٹھ کھیوان۔ یتھ چھُ یہٕ اُترٕ فارسی تہٕ اُردو والیو تہٕ کورمُت۔ ہندی تہٕ باقی علاقائی زبانن منز لیکھن والیو تہٕ۔ مگر تتہٕ چھنہٕ اَسہٕ بیژھ بُنیادٕ روٗس کتھ کنن گژھان۔ اگر گژھن تہٕ جواب تہٕ سوال آسہٕ اکوے زِ کیا سانین جذبن تہٕ احساسن ہنز بٟنہٕ تہٕ وونُن چھا بٟین نش مختلف؟ کیا تمن مقابلہٕ چھا اُسی دگہٕ ورٕ اسان تہٕ شاد ورٕ باک ژھٹان۔

کیا سانو جذبو چھنا زانُن لوب مُت تمہٕ وے بُنیادی انسانی زورو تہٕ کمزوریو نش، خوبی تہٕ خامی نش، موختاریو تہٕ مجبوریو نش، فہمہٕ تہٕ فراسہٕ نش، دانایی تہٕ گاٹجار نش یم اَسہٕ بٟین قومن منز تہٕ نظر گژھان چھہٕ۔ سون مزاز چھُنا تہندی پاٹھۍ ارتقا پسند۔ اَتھ منز چھنا مزید بوختگی ہنٛز گنجایش، یہٕ چھنا بٹھس تہٕ موٗدرس منز فرق کرتھ ہیکان، اُمس چھنا بے زبان موسیقی ہنز زبان فکر تران، اُمس چھنا خاموش بیٹھکہٕ

ہُند حُسن واہ واہ کرناوان ، اگر تہٕ چھُ تیٖلہِ کتیت چھُ یہِ بیٚین نسش مختلف ؟

یس وَنہٕ یہٕ زیٖوٗر یہٕ جن ادبی ہیٚرٕن ہنز تقلید کٔرنہٕ اسی یوت بلکہ اسہِ وأے تہٕ واریاہو یمن اندر عرب، ایرآنی ، افریقی تہٕ ہندوستآنی زبانن ہندی اُدیب تہٕ شآمل چھِ ۔ یہٕ چھُس یہ اوٚکنی تہٕ وَنان زِ تمن جاین تہٕ اَس نہٕ تمن ادبیس نسش اَمہِ کانہہ روایت ۔ یمن ہیٚرٕن متعلق اوس نہٕ تمن تہٕ سہٕ یوربی سماج ییٚتہٕ یموٚ زتم لوٗب مُت اوس ۔ خود یورپس منز تہٕ کرٕ کیٚتیو مُلکو پننٕن تمن ہمسایہ مُلکن ہنز تقلید ییٚتہٕ یمہٕ ساٗنی یا کھٹو نو وارد آسہٕ ۔ یہٕ تمو کوٚرتی کور بیٚییو تہٕ تہٕ تی کوٚر اَسہٕ تہٕ ۔ تموٚ وَنہٕ پننہٕ کیٚھ تہٕ اَسہٕ تہٕ یہٕ وَنہٕ نسں لایق باسیو اَسہٕ تہٕ کوٚر یمن ہیٚرٕن منز پیش ۔ اَسہٕ بوو تمن منز ، شِلن پنٕن دوہ کھ دود ، پننٕ وچھن جس تہٕ زیننٕ جس ۔ سوکھ شہجار اُسن گنڈن تہٕ یتھ پاکھٹی کرٕ اکھ نوٚ روایت قآیم پننس ادبس منز ۔ یوسہٕ وُچھان وُچھان دوہ نی ساینہٕ کُلہم روایژ ہُند اکھ باگہٕ یوٚرت حصہٕ بنیتھ پھٕ چھے ۔

یہٕ کرٕ ییٚتہٕ اکہٕ پھر یتھ اہم کتھ کُن اشارہ زِ اَتھ نزدیکی ہیکہٕ نہٕ کانہہ تہٕ چیز دوٗر برترآوتھ ہکیاز ۔ یم چیز تہٕ چھِ سانہٕ زندگی وَیان تہٕ عیسی اوسود حال تہٕ بناوان ۔ دراصل چھِنہٕ انسان یہٕ زن مٹے غرض کوٚر تُنی یادی جذبن احساس کتھن منز اکھ اَکس نسش مختلف کیہنہ ۔ یہٕ تہٕ چھُ اکھ بوڈ وجہ زِ ڈاں کو یکذوٹ چھِنہٕ اَسہٕ اَناوانے یوت بلکہ سوچناوان تہٕ ۔ تی چھُ جاناتھن سوٗفٹ مُنند گلیورس ٹرولز پران پران تہٕ سیدان ۔ او تھیلومس یتی چھے اَسہٕ ہمدردی ضروٗر سیدان مگر ایاگو سہنٕرن حرکژن پیٹھ چھِ اُسی تشویش تہٕ ظاہر کران تہٕ پالیس تہٕ پیوان ۔ اما پوٚز دوہ پراٗنتھ تہٕ چھِنہٕ اَسہٕ یم دوہ پرباسان ۔ امیک اکھ وجہ ہیکہٕ یہ تہٕ اَستھ زِ یم چھِ دینُلاہ اَتھ دِتھ پننہٕ زمانہٕ کس کاٹجارس منز ۔ ییٚتہٕ یمہٕ پھروک پاکھٹی پننٕن ذہنن واشس کڈان ۔ موٗنہٕ زِ اَتھ فی صد تمدنی تہٕ تہذیبی یوٚت منظر آسنہٕ یمن چیزن متعلق اَسہٕ نسش ۔ مگر انسآنی سوٗنچ چھُ سوچناوان ۔ دوہ نی اگر اَسی یمہ نے ہیٚرٕن ہنٕرن زیرٕ نے بوتلن منز پننہٕ سماجک

کاٹھارُک تجربن تہٕ کلٕہم حِساگہی ہُندٕ مس پننیو فنکاری ہند بو بر پور ؤ لوکچ برٛو تمہٕ ورٕزِ ماآسہٕ اَکھ منزٕ سو وقت یور کُن مےٚ اشار کورٕ۔ یہ آسہٕ اَسہٕ وٕ وٕنی چھِرا ہنُن ۔ بڈ کتھ چھےٚ زبان ہٕنمیک تخلیقی ورتاو۔ یتہٕ آسہٕ نہٕ تقلید برائے تقلیدُک سوالے پاد سپدان ۔ ژھرٕ تقلید گیہٕ اَکھ کتھ تتھ منزٕ آسہٕ سانہٕ سوچس تہٕ سأنی شمولیت۔ تتھ منز پیہٕ نہٕ سانہٕ سماجچ تہٕ تمدنٕچ خوبصورتی ہُند حال کُنی۔ ییلہٕ اَسی پننہٕ زبأنی منزٕ تنقیدی تہٕ پانے تخلیقی تقلید کروأسہٕ آسہٕ یمن اسارہٕنے وِچاطہٕ کورٕمت۔ زبان پہ چھےٚ اُتھی جایہٕ اَکھ روٹ کران مگر گرٕژھ آسن سو ماجہٕ زلیو۔

یہ چھُ سہٕ یم پرٕ زبیٛش کرتھ تموٕ پرٕ رونٛش دامن بچاوُن یرٕتھان یمن ہُند تعلق تتھ اثرس سِتی چھُ یُس یور یہ کینٛہ لوکن غار یورپی لوکن ہُند بیومُت چھُ۔ مثلن اَزٕ کہ یورپچ حارتس منزٕ تراون واجینی سائنسی ترقی چھےٚ کُنہٕ حدس تام مرہون تمہٕ سائنسی ترقی ہنزٕ تہٕ یتھ عربویننس دورٕ عروجس منزٕ آے کونچھ تہٕ وجوٗد بخشس تہٕ یمہٕ رنٛش بر بور فائید تُلتھ اَکھ یورپن وَرٕژھ وأنجہٕ آے کأنچھ رنگہٕ رنگٕ وُسعت دِتھ دُنہکُ ناک نقشہٕ بدلاون بدلاوان یہ انتہائی عروجس پیٹھ واتنو۔ انسان ہنزٕ ترقی ہنزٕ ہانکلہٕ منزٕ چھُ پانے یتہٕ اَکہ کرٕچ حیثیت تھاوان۔ اَسی ہیکوٕ ہٕ یم دوشوے تمہٕ رنٛش الگ تھأوِتھ یتھ قدیم یونانین ہندی گاٹھارن تہٕ وجوٗد بخشس مُت اوس۔ سُہ تہٕ چھُ اَمہٕ ہانکلہٕ ہُند اَکھ اہم کوٗرٕ۔ دراصل چھُ انسان ایجادپسندٕ تہٕ نوٕ پسندٕ تہٕ ۔ یہ چھُ سُہ پرٕتھ چیز پانس پیٹھ حلال کرنہٕ بابت تیار سپدان یتھ منزٕ لگہ ہار پرٕ تہٕ ماری مندیت نظر گژھان چھُس۔

اَخرس پیٹھ واتہٕ یہ بنیہ اَکہ پھرٕ تتھی ٹاکار اثرس پیٹھ یُس یورپی زبانن ہُند تہٕ خاصکر انگریزی زبأنی ہند کأشرٕ زبأنی پیٹھ پیومُت چھُ۔ اَنی توٗکھ تم بے شمار لفظ نظرن تل یم یورپی تہٕ انگریزی زبانو پیٹھ سانہٕ کأشرٕ زبأنی منزٕ وأتہٕ مٕتی چھِہ۔ اگر اَسی یم یکجا کرنہٕ یہمو اَکھ جان فرہنگ سپدِ تیار۔ پیٹھ چھِنہٕ یمن لفظن ہنزٕ اہمیت تہٕ کم کینٛہہ۔ اگر اَسی ازیم

لفظ پننہٕ زیوٚ منز خارج کرو کھ یہ زبان روزی نہ کم از کم پٔنٛژہ صدی ہنز۔ زبان توے راوِ اتھ
نوٚکن نِشہ لگہٕ ہار برتہ۔ تکیازِ اَسہِ نِشہ چھُ لفظے چیز تہٕ یلہِ لفظے خارج کرنہٕ یِیہ تِتھۍ تہٕ سیدِ
چیز تہٕ نابوٗد۔ اَسی چھِ پننہٕ دۄہ دِش چہ زبانۍ منز یم لفظ ورتاوِتھ ورگہٕ پانژ پٔنٛژہ صدی
ہنز۔ نشان دہی تہٕ کران تہٕ پننس کامہِ کارس ستۍ تہٕ ستۍ پننس واتناورس تہٕ اکھ دوٗر لگہٕ ہار
دِوان۔

اَخرس پیٹھ چھُس بہٕ یہ کتھ ونٔنۍ اکہِ پھرِ وۄنۍ یتھان زِ کانہہ انسانی تجربہ یلہِ کُنہ
زمانس منز کامیاب واتناوِ برلیان چھُ تتھ چھُنہٕ پتہ ہنٛز زمانہٕ پننیسے دامنس تل تھاوِتھ
ہیکان۔ اگر تی آسہا تیلہِ گوٚڈ تھوہت کالک کانہہ رُت ادب قومی ملکی تہٕ علاقائی حد بندی لو
نِشہ آزاد سپدِتھ ییتھ کالس منز تہٕ قاریس حظ دین تہٕ دلچسپی ہندی سامانہٕ آسہٕ تن تھاوُن۔
روزنہ۔ ادبی ہیئتہٕ تمن ہنٛکہ ہر زمانس منز ادب اکہٕ نٔوۍ بٔنٛہ رنگہٕ اتھ ڈالِتھ تہٕ پانس موافق
بناوِتھ۔ یتھ کوشش چھُ پتھ کنُ کرنہٕ آمٕژ۔ مگر تمو ستۍ تہٕ چھُنہٕ ادبکس عالم گیر کردارس
پیٹھ پریتھ وِز کانہہ ناکار اثر پیومُت۔ بلکہ چھُ اَمہِ ستۍ اکثر فایدے ووتمُت۔ ییٚژھ چھُ
انسانس نو پسندی ہند چسکہ۔ یہ چھُ یتھی تجربہ کرنس تہٕ یمن ہندی نتیجہ وُچھنس منز لذتھ
محسوس کران۔ مگر اَسہِ پزِ یاد تھاوُن زِ تجربہ چھُ تجربے آسان تہٕ ممکن چھُ یہ ہیٚکہٕ نہ پریتھ
وِزِ مطلوبہ نتیجہ پیش کٔرِتھ۔

# فارسی یس تہٕ کأشرِس منز شاہنامہٕ

# اکھ تقابلی مُطالعہ

• پروفیسر مرغوب بانہالی •

"شہہ" یا "شاہ" لفظ چھُ فارسی یَس منز۔ پادشاہ لفظُک تہٕ شہنشاہ لفظُک مُشترک زٕھوچر یا مُخفف زانہٕ یوان۔ مگر یوٚہے لفظ چھُ کُنہِ جیٖرُک ہتھ۔ رتہٕ بجر محسوٗس کرناونکہِ غرضہٕ تِمہِ کِس ناوس برونہہ لوگ تہٕ بنان مثلاً شہباز وٕنتھ گوٚو سُہ پأزِیُس سارِنے قسمہٕ کین پأزَن منز۔ تیز، کیٛوتھ، وُچھ کِنہِ یا جرأت کیٛو طاقتہٕ کِنہِ سرس آسہِ۔ شہیر گوٚو اَمہٕ قسمہٕ کِس پأزُ سُند سُہ پَر یا پکھ یُس زٕھاے وُچھتھے یوت بَیَن جاناوارن تھرتھر اُڑان آسہِ۔ یِتھے پأٹھۍ گیہٕ شاہراہ سوٚ یٔڈ یا اہم وَتھ یتھ پیٹھ وقتہٕ کین جلیل القدر نفرن تہٕ کاروانن ہُندین گرٕھن آسہِ۔ اَمی آیہ گوٚو شاہکار یا شاہپارہٕ کُنہِ ادبُک تہٕ فنُک سُہ عہد ساز تہٕ قأبلِ یادگار نموٗنہٕ یُس قأبلِ تعظیم تہٕ قأبلِ انعام زانہٕ آسہِ آمُت۔ یہ گوٚو پادشاہن کُن منسوٗب شاہ لفظُک خوشگوار تغیرُ تہٕ اِرتقا۔ گویا شاہنامہٕ چھُ اَمی خوشگوار قبیلہٕ چن ترکیبن منز شأمِل تکیازِ یہ چھُ ایرأنی پادشاہو علاوٕ ایرأنی ولہٕ ویرن ہندین کارنامن باوتھ کرن وول اکھ بوٚڈ تہٕ اہم دفتر۔

مگر ییلہِ اسلأمی تعلیماتن ہنز مخلصانہٕ عمل آوری تحت شہنشأیتس برعکس خلافتس اِحترام کرنُک شعوٗر بیدار گوٚو ییلہِ ایرانہٕ کِس یزدگرد تہٕ کوٗفہٕ کِس یزیدس ہِوِس پرٕتھ پادشاہس علامہ اقبال ہتر۔

یِتھ آوازِ ستۍ ژ لہٕ پۄنی الہامی آواز کنہٕ گیہِ زِ ؎

سُلطانیِٔ جمہور کا آتا ہے زمانہ — جو نقش کہن تم کو نظر آئے مٹا دو

اُتی آو ساپہ بدلو وٕری یو پیٹھ شہنشاہن تہٕ پادشاہن ظِلِ اللہ یا خدایہ سُند ساپہ زانن والین محکوم تہٕ مجبور انسانن ہنز بیدار مغز۔ پُتہٕ "شاہ" لفظ خدایہ سندین بُلند کردار تہٕ ممتاز انسانن ہندین سرا قرار ناون بروہہ لوگ بناونک خیال یُس انتہایی عقیدتس تہٕ بصیرتس پیٹھ مبنی اقدام زانہٕ آو مثلاً فخرِ موجودات سید الانبیا حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلمن آو شاہِ مدینہ ونہٕ فخرِ عبادات سردارِ اولیا حضرت عبدالقادر جیلانی علیہ رحمس آو شاہِ جیلان تہٕ شاہِ بغداد وُنہٕ تہٕ اَمی بصیرت وعقیدتہٕ کس تسلسلس منز آو کاشرین ہندس محسن تہٕ مُربی حضرت میر سید علی ہمدانی علیہ رحمس تہٕ شاہِ ہمدان وُنہٕ۔ یِلہ "شاہ" لفظن اَمہ آیہٕ سعادتمندی ہنز تُوجہت لب یعنے یِلہ دِلن حکومت کرن واجنین رُوحانی شخصیژن ہند تھزرتہٕ بجر صاحب نظرن پادشاہو کھوتہٕ زیادٕ عظیم باسیو اُتی سپدِ یژھن شخصیژن ہندین انسانیت نواز کارنامن شاہنامہٕ وُنہٕ ییُک تہِ اکھ نوٚو دور شروع چنانچہ سپد کشیر ہندس مولانا عبدالوہاب شائقؔ ہوس پُرزگس تہٕ تِہنز تاریخ الاولیاہس شاہنامۂ کشیرؔ ونُنک جواز العایتھ پاٹھی تس پتہٕ قریباً سو آدٕ ہتھ وٕری گُزرتھ اُردو زبانی ہندس مایہ ناز شاعر ابو الاثر حفیظ جالندھری یس تاریخ اسلامس شاہنامۂ اسلام ونُنک جواز بلیژ یو۔ یِہنے زمینی پرزرن ہندس تناظرس منز چھُ مے پُتہٕ آمتس موضوعس تحت یِتھ مقالس منز فردوسی یس برونٹھ پانژٔن شہنامن بیلیہٕ تُس پتہٕ صرف کشیر منز اَمہ شہنامہٕ کین سام پہلوان ہوین کردارن ہند حوالہ یا اَمہ کین جزوی ترجمن پیٹھ مبنی کارنامن ہند حوالہ تہٕ ہِنز ژورن کاشرین قلمکارن تہٕ شاعرن ہُند تعارف کم از کم حاشیین منز دِین تہٕ لازمی باسان۔

یہٕ کتھ آسہ فارسی زبان وادب کیو طالبہٕ علمو منز تہٕ کھاپے کانہہ زانان زِ ایرانس منز اوس گوڈنیک شاہنامہٕ فردوسس برونٹھ قریباً ژور ہتھ وٕری یعنے نوشیروان عادل (۵۳۱ء - ۵۷۹ء) ہندس دورس منز "خوتای نامک" ناوس تحت پہلوی پاٹھی لیکھنا ونہٕ آمُت یمہ سٹھاہ اشتیاقہٕ سان تِہنز فرائی معالج حکیم برزویہ سِندی ڈسی کشیر پیٹھ سہٕ "تانترا کھیایک" نامی نسخہ ایران واتاوتھ پہلوی یس منز

ترجمہ کرناوِیووِیُس عالمی شہرت لبِن واجنبِن کلیلہ ودمنہ، پنچ تنتر بیٚیہِ انوار سہیلی ہشن کتابن ہند آگرُ ما نہٕ چھ یِوان۔ خوتائی ناملک ناوِکِس پہلوی شہنشاہس کرنوو عظیم علم پرور تہٕ ادب دوست خلیفہٕ ہارون رشیدنہٕ ابوجعفر منصورناوِکی جدن (۱۳۶ھ ۔ ۱۵۸ھ) ابن مقفع ہس اَتھ عربی یس منز۔ سیر الملوک ناوس تحت تھۓ پانٛژ ترجمہ بیتھ پانٛٹھی پہلوی تانتر اکھیایہ کِس مسودس اُمی ہےٚ اَتھ ترجمہ کرناوِ نہٕ اوس آمت۔ از کل نہٕ چھ سہ شیمہ صدی عیسوی ہند پہلوی شہنامے کنہٕ جایہ دستیاب تہٕ نہ اَٹھمہ صدی عیسوی منز نَمہ کِس ترجمس پیٹھ مبنی عربی سیر الملوکے۔ بلکہ چھنہٕ دٔہمہ صدی عیسوی دوران فردوسی یس برونٛہہ پہن لیکھنہٕ آمت المؤید بلخی سُند نثری شہنامہ تہٕ اَمِ پتے لیکھنہٕ آمتہ ابوعلی بلخی سندِ شہناکی پانٛٹھ کانٛسہ نِش موجود۔ خود فردوسی یس چھ پانس برونٛہہ لیکھنہٕ آمتیو بیو شاہنامو منز صرف تَمہ اکہ شہنامک جزوی مواد بکار لگان یُس خراسانکی سپہ سالار ابومنصور عبدالرزاقن بنیٚس ہمنام وزیر ابومنصور المعمری سندِ اشتراکہ ستی سیٚٹھاہ تفصیلہ سان لیوکھمت چھ آسان۔ اَمی آیہ جھیس مسعودی مروزی سٔندی کنہٕ تمام شعر تہٕ قدیم پہلوانن متعلق حماسہ سرائی زِنگی اَتھ یِوان۔ مگر اساطیری دورکین قدیم ایرانی حکمرانن متعلق باستان شناس محقق ہندِ وِنہٕ موجب تقریباً وُہن ساسن شعرن پیٹھ مشتمل یُس ضخیم دفتر فردوسی یس اَتھ لگان چھ سُہ چھ دقیقی سُند گرشاسپ نامہ یا شاہنامہٕ دقیقی آسان پیٹھ چھ فردوسی یس برونٛہہ فارسی شاعری ہند اظہار زیادٕ سلیس تہٕ روان بناوِن وول تُہند اہم ترین پیشرو تہٕ یوٚہے دقیقی آسان گویا تسٕ ہرے وَتھ رٕٹھ چھ فردوسی فارسی یس پیٹھ عربی لفظن ہند غلبہ کم کرنچ ترٲے رٹان شعر انجمس منز چھ دقیقی سندِس اَتھ امتیازس تہٕ کمالس کُن یتھ پانٛٹھ اشارہ کرنہٕ آمت۔ "جب دقیقی کا یہ کمال مشہور ہوا تو نوح بن منصور (سامانی حکمران) نے دربار (واقع بخارا) میں بلا کر شاہنامہ کی تصنیف کی خدمت اُسکے سپرد کر لی۔ دقیقی اپنے زورِ بازو کا اندازہ کر چکا تھا اُس نے یہ خدمت قبول کی اور کم و بیش بیس ہزار شعر لکھے... سب سے پہلے جس نے فارسی زبان کو دیگر زبانوں کی آمیزش سے رہا کر کے مُستقل زبان کی حیثیت قائم کی وہ دقیقی ہی ہے۔"

فردوسی چھنہٕ فقط پننہٕ شاہنامچ بُنیاد گُشتاسپ نامہٕ دقیقی بایتھ ٹھارنہٕ آمٕژ متقارب ناوچہ بحرِ پیٹھ قائم کران بلکہ وُسعت دلی کام ہیتھ از روے قدردانی دقیقی سندی ساسہ بٔدی شعر اکہ ساسہ شعرکہ اعتراف

سان تقریباً شیٹھن ساسن شعرن ہیٹھ مشتمل ہنٛنس شاہنامس منز شامل تھوان ۔ دقیقی سُند خوابس منز
ییتھ فردوسی ییٚس کینژن کتھن ہُند خاص مشورٕ دیُن چھ پایہ فردوسی یمن لفظن منز دٲیران :۔

ے کنون رازہا باز جویم ترا حدیثِ دقیقی بگویم ترا وہ ژٕ بوزناوتھ بہ ژٕ کیہنہ سہ کتھ دپھ ژٕ دقیقی
ہنٛدِ آسہ دژام ژٕ کتھ بوزناوِتھ

شہنشاہِ محمود گیرندہ شہر زِ شادی بہر کس رسانندہ بہر یادشاہن ہنٛد چھ پادشاہ واریاہ شہر فتح کرن وول محمود
غزنوی ییٚس چھ پرژھ اکس فاید واتناوان ۔

بدین نامہ گر چند بشتافتے کنوں ہر چہ جستے ہمہ یافتے اے فردوسی اگر تس میون شاہنامہ اَتھ ییہ ہے سہ
لبہہ ہے تہ سورُے یہ تس مطلوب آسہِ ہے ۔

شعرالعجم کِس مُصنفس سان چھ کیہنہ محقق دقیقی سُند کیٚن ساس شعرونس متعلق یہ شعر فردوسی
سُند اوڈُے پوٗز وننگ اقدام زانان تکیا زِ فردوسی چھ امہ پتے دقیقی ییٚس کمتر بناوِتھ پانس تھزر دیُن ہوان
ے زِ گشتاسپ وار جاسپ بیتے ہزار بگفتم سرآمد مرا روزگار یقول فردوسی چھ دقیقی خوابس منز بس ونان
زِ مےٚ اوس وُنہ کُل شعر ساسا (گشتاسپ تا ارجاسپ) وونمت اُتی آم اجل ۔ فردوسی چھ یہ شعر
تہ خوابی آمتس دقیقی ییٚس کُنہ منسوب کران زِ اگر میون یہ مولل تہ قابلِ قدر کارنامہ شہنشاہ محمودس
نش واتہ اُتی واتہ میون روح زُونہ ہیٹھ مگر ییتہ کامہ ہن خوابی آمتس دقیقی ییٚس ییتھ چھُنہ فردوسی
صِرف تسُند شعر سرمایہ ٹی شعر اکھ سوتہ سہنز اشرفی میلیچہ آشہ وائس ہنٛنس دفترس منز شامل کران
بلکہ چھ طوطِ چشم بُنتھ اَمہ پتے ہنٛنین شعرن مقابلہ تسُندی شعر اکس نابکار سنٛدی شعر قرار دِوان گویا اکہ پراز
تعریف کرنہ پتے چھ بییہ پراز تس لبکہ ژارنہ ہوان بلکہ چھ مدحہ منزے سہ ذم برآمد کران ۔ مدح ییتھ کُنے
گرانمایہ منز دِ شہنشہ رسد روانِ من از خاک برمہ رسد ۔ یعنے شہنشاہ محمودنہ یذیرائی ہتہ ییٚس شاہنامہ
خوش فہم دقیقی سُند روح زُونہ ہیٹھ واتناوِتھکہ شعر چھ فردوسی محض امہ غرضہ ہنٛنس شاہنامس منز
شامل کران ییتھ زن شہنشاہ فردوسی ہوس یوٚختہ کارس مقابلہ اکس نابکارس پانے پیرزناوِ مدحہ اندر
برآمد گومت ذم چھ یمن لفظن ہیٹھ مشتمل ے من این زان نوشتم کہ تا شہریار بداند سخن گفتنِ نابکار

فارسی شاعری ہُند صفِ اولک نقاد علامہ شبلی چھُ فردوسی ہندِس "اِسی سے ٹھنڈا اِسی سے گرم" اَتھ دقیقی
شکن زٕوٕ یُس کمپنہٕ گی وُنہٕ بجایہ بڈٕ شائستہ زبانہٕ منز یٕتھ لیکھان کہ "اگر دقیقی کا کلام نقل کرنے سے
اپنے اشعار کو چمکانا ہی مقصود تھا تو اُس غریب پر احسان رکھنے کی کیا ضرورت تھی۔ اس سے
اندازہ کرنا چاہئے کہ سلطان محمود کی ہجو میں کس حد تک واقعیت کا پہلو ہوگا"۔ مگر علامہ شبلی یُس برعکس
چھُ فردوسی کشمیر عبدالوہاب حاجنی تس جنس کوچن تہٕ گریستس وچاپہ گریوس لاگِتھ متان تہٕ کأشرِس
شہنامس منز فردوسی سُند فنکارانہ مرتبہ تسلیم کرتھ باوجود تتھ دِس کارنامس اَکھ پزیٕکھ بلند قرار دِوان
عبدالوہاب چھُ ذکر کرِس شہنامہ خوان مولوی صابنہٕ اَتھ کنتھ بیٹھ مشتغل گومُت آسان یِم وٕنمُت
اوس زِ تس کوٹھس چھُ فردوسی سُند شہنامہ مولانا رومی ہنز مثنوی کھوتہ تہٕ ٹوٹھ امی کنتھ ہُند اشتغال تہٕ تار
چھُ تس تقریباً وُہن ؤریٚن للہٕ وُن پیوان اَد چھُ سہ پانس بروٚنٹھ وَنہٕ آمتو کینژو جزوی کأشرِ بو
شہنامو نسبت ضخیم تر شاہنامہ بار سَس اَنتھ ہکان حالانکہ سُہ چھُنہٕ فارسی شاہنامُک پوٗر ترجمہ یا احاطہ
کران۔ ہم عصر مولوی صابُن خار ژلناوتہٕ بایتھ چھُ حاجنی فردوسی یُس تہٕ خبر ہوان یِلہٕ سُہ پننہٕ کارنامُک
سبب تالیف یتھ پاٹھی لفظاوان چھُ زِ مےٚ یُس شاہنامہ تس مولوی یُس نش کینژن دوہن برائے مطالعہ
اوٚنمُت اوس یِلہٕ تہٕ سُہ مولوی صابَس جل واپس میوٗل سُہ بیوٗ مرنس تہٕ کھٔسِن چن تراوِتھ شیٖنچھ ہیتھ
روٗد عبدالوہابس اَکس پتہٕ اکھ نفر وُگرایہ واتان آخری وُگرایہ وأنفرن ووٗنس:

چھُ گومُت سیٹھاہ مضطرب مولوی — چھُ تس ٹوٹھ شہنامہ از "مثنوی"
تہٕ بوٗزتھ یہ غیرت سیٹھاہ خار گوم — ازان کینہ زن مےٚ وَسے نار پیوم
سبب یتھ چھُ از خار بازی بنُن — گیم رائے شہنامہ کأشر ونُن
گرٕ چھیا تس کلام دروغ ہوا — زِ شرحِ احادیث بہتر یہ چھا؟
زِ شرحِ احادیث و آیاتِ حق — گرٕ چھس ٹوٹھ این قصۂ بے سبق!
چھُ سورُے کلام دروغ و خراب — چھُ راوی امیک یی وَنان از صواب:
"کہ ہرگز نہ این نظم آراستم — بگفتم درو ہر چہ خود خواستم"

به میدان بخاطر گنڈتھ دزاس ہوٗل | تہی دست چھِنہٕ اُتھے ہار نوٗل

الٰہی بہ خامی کوٗرُم کارِ خام | یہ قصہ ژٕ وونی واتناوُم تمام

عبدالوہاب چھُ فردوسی ہندِس "ہر چہ خود خواستم" وَننس کلام اللہ تہٕ احادیث بالائے طاق تھونکٕ ہیوٗ ارتکاب زانان بلکہ چھُ تس وَنِہ ڈوٗلمُت مجوسی یا آتش پرست قرار دِتہٕ والین نقادن ہندی پاٹھی تمِس تردید باطل کرنہٕ باپتھ ہوٗل گنڈان۔ امہِ لحاظ چھُ وہاب پرے فارسی شاہنامس ترجمہ کرنہٕ بجاے دراصل اتھ عالمی شہرتہٕ وٲلس کارنامس کینژن جاین ہجرتہٕ کینژن جاین اَربر کاسنکِ ارتکاب کران مثلاً ہجرکٕ بوڈ ارتکاب چھُ عبدالوہابنہٕ نظرِ منز۔ فردوسی تمن کران یَتہٕ سُہ ایرانچہِ قدیم آتش پرستی بیٚیہِ شاہ پرستی پیٹھ مبنی مُشرکانہٕ ایرٲنی کلچرس آے کانچھان چھُ تہٕ آتش پرستی کیٚو شاہ پرستی مۆوٗل پڑاٹن والین یا اسلامک تبلیغ واشاعت کرن والین عرب مُبلغن تہٕ غازین وۆنتھِ دود چینہٕ وٲلی تہٕ کِنکہ لچہٕ کھینہٕ وٲلی وۆنتھ حقارت کرنی چھُ ہوان یتھہٕ پاٹھی :

زِ شیرِ شُتر خوردن و سوسمار | عرب را بجاے رسیدہ است کار

کہ تاجِ کیان را کُنند آرزو | تفو بر تو اے چرخِ گردوں تفو

یِیمہٕ آیہِ فردوسی عربن بلا امتیاز ہڈان ہڈان آسمانس تہٕ تھوکہٕ لایان چھُ تمہٕ آیہِ چھُ کینژو نقادو بوا یسی فردوسی یس تہٕ سیٹھاہ بدرد وۆنمُت مگر عبدالوہاب حاجنی ینیتن فردوسی ہندِن مُتعصبانہٕ خیالن مؤمنانہٕ جرأتہٕ سان رد کران چھُ، تہٕ چھُ سُہ اُمراء القیس تام اشعر الشعراء زانِنک انصاف نظرِ تل اَنتھ فردوسی ہنز۔ فنکارانہٕ عظمت نہٕ وۆزِھ واُنجہ تسلیم کران مثلاً بیٚیلہٕ سُہ زمینس پیٹھ آدم زادن ہُند کُنہٕ ذات پاتہٕ روٗس بیٚیہِ عرب و عجم کہِ نسلی تعصبہٕ روٗس بارسَس یُن خود فردوسی ہندِ حوالہٕ کاشراوان چھُ اُتی چھُ وَنان ؎

سُہ فردوسیٔ طوس سرِ شاعران | چھُ در ابتدایی روایت کران

خُداین یہ خلقت کرِن یام بوٗد | اُنن خلق از پُشتِ آدم وجوٗد

رٕکھہ و مہہ دران وقت یکسان آسی | اُکس اکھ نہٕ تم زیرِ فرمان آسی

نہ اسباب اوسک نہ سترو پوشاک
یہان آسی غارن اندر بیم ناک

دہون سیتؔ اوسکھ شب و روز جنگ
توے آسی آسان پریشان وتنگ

وہاب حاجنی چھُ ہمزبانن تعصب ژٕلناونکہ غرضہٕ شاہنامہ کس ترتیبس بیتھ وپس کرنک
اشارٕ دِنہٕ علاوٕ غیرتس تحت کاشرِ بیٚنہٕ پسماندہ تہٕ شاہی رعایتو بشہٕ محروم ماجہ زیوٚکُن تہٕ ییٚتھ پاٹھی
متوجہ کران :-

زِ غیرت دِلس گوم غالب ہوٚس
یہ شہنامہ کاشرٕ وونم پیش وپس

تھوٚوُم کاشرِ کیٚت یہ شہنامہ ڈالی
تھکن تم تہٕ وونی آسہ چھ شہنامہ والی

بُبازار ارزان یہ تھوُوم کرِتھ
یٚژ داو دُردانہٕ تھوُوم جرِتھ

واریاہن جاین فردوسی ییٚس سیتؔ شدید نظریاتی اختلاف ہ ونہٕ باوجود چھُ عبدالوہاب حاجنی تیٚندی
پاٹھی سلیس تہٕ روان اظہار کاشرِ زبانی منز بھاپنھلاونک امار للوان مگر سہٕ چھُ طوالتس برعکس زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ اختصارس کام ہیوان مثلاً شاہنامس اندر یم قصہٕ فردوسی ین جمشیدنس عروج وزوالس
تقریباً ترین ہتن شعرن منز۔ نظماوی تہٕ چھ تہند تلخیص چھُ عبدالوہاب تقریباً پانژٕہتھ سلیس شعرن منز
بیٚتھ کران مگر یہ کرنس دوران چھُ سہٕ قدیم ایرانکؠ ژور پانژھ اساطیری کردار تہٕ چھیٚنہٕ دِوان بلکہ چھُ
سہٕ ضرورہ تہٕ کھوتہٕ زیادٕ اختصارس کام ہیتھ عقیدتس تہٕ عقل وحکمتس پیٹھ مبنی ییٚتھی ہوی شعر تہٕ مُچھ
ترٛاوان ۔

بنامِ خداوندِ جان وخرد
کزین برتر اندیشہ برنگذرد

خداوندِ نام وخداوند جای
خداوندِ روزی دِہ و رہنمای

زِنام ونشان وگمان برتراست
نگارندۂ برشدہ گوہر است

توانا بود ہرکہ دانا بود
بدانش دلِ پیر برنا بود

ازین پردہ برتر سخن گاہ نیست
بہستیش اندیشہ را راہ نیست

خرد افسرِ شہریاران بود
خرد زیورِ نامداران بود

| | |
|---|---|
| برنج اندراست اے خِردمند گنج | نیابد کسے گنج نابردہ رنج |
| اگر چشم داری بہ دیگر سرائے | بنزدِ نبیؐ و وصیؓ گیر جائے |
| دِلت گر براہِ خطا مائلست | ترا دشمن اندر جہان خود دِلست |

فردوسی ہندِس مفصل وطویل اظہارس برعکس کرمہ قسمکُ تلخیص چھُ کاشرِ شاہنامُک مؤلف بارسس انان تمیک عکس ہیکو تھوُ ایرانہ کین اوین ستن اساطیری حُکمرانن ہندِس مفصل تعارفس ژرہ کیٹ کرنہ آمتین یمَن ژتووُہن شعرن پیٹھ مبنی منظرنامس منز بخوُبی وُچھتھ :-

| | |
|---|---|
| ۷ اول نامِ شاہی یمَس اِرث اوس | تمَس ناو شاہ کیومرث اوس |
| کرُن استقامت بہ سرِ تشکری | اُنن خلق تمی زیرِ فرمان بری |
| سیامکُ تمَس خاصہ فرزند اوس | سُہ ماَلِس کھوتہ بُڈ خِردمند اوس |
| دِیوا اکھ ستمگار پُرہول و بیم | مُقابل تمَس آو ناگاہ غنیم |
| کوُرُن مار شہزادِ در کارزار | پیپی خلق آوار ساری بزار |
| بہ یک سال تتھ ماتمس اوس شاہ | پریشان با رنج وافسوس و آہ |
| پس از سال تس آو ناگاہ ندا | گیُس کنَن یتھ از دور غیبی صدا |
| بہ جلدی ژ کر جنگہ کُے اِنتظام | ہیوان گرژھ دیون خونہ کے اِنتقام |
| تہ بوزِتھ کیومرث گو دفوج ہیتھ | بہ صد کینہ دیون کرُن بستہ وتھ |
| بہ مردانگی دیو مارِکھ تمام | ہیوُتکھ وار شہزادُ سُند انتقام |
| چھُ راوی لیکھان شاہ طہمورث مود | تسندُے پتہ گوُ شاہ جمشید روُد |
| سُہ جمشید شہہ اوس فرخندہ خوے | بہ حکمت کوُرُن درجہان جُستجوے |
| بتدبیر اسبابِ آہن گری | گزارن شب وروز پانژاہ وُری |
| تمی کوُرُن پنہ در تہ یونے تیار | ژ آہن بحکمت کڈن پیرہ نار |
| بہ نوروز احوالِ سالِ تمام | وُچھان اوس جمشید از روے جام |

سیٖن مست و مغرور از مال و زر — سپن پزٕتھ اکھا تس نشے نامور

وذٕنے تمہٕ سرِ لشکر و اہلِ کار — میٖنے کوٗر مال و اسبابِ دُنیا تیار

دیتھٕوُیہٕ تمہٕ تو ہے زور تے زُوتہ جان — و نان کو پہ چھوتس خدایے جہاں

اُہِن یام جمشید شاہس خوٗدی — بہ مستی دِتِن تمہٕ دِم ایزدی

ز نخوت بدرگاہِ حق رد سپٕن — خُداین لوٗدُس راہ مُرتد سپٕن

سُہ یامتھ خُدایس سپٕن ناسپاس — بہ ذلت سپٕن گیر افلاس آس

بہ جنگ آوری آو ضحاک تس — بخو آری کوٗڈُن جانِ ناپاک تس

عبدالوہاب حاجنی چھُ فردوسی ہندی پاٹھیٖ صنایع بدایع ورتاوتہ علاوہ یِنہٕ زبأنی ہندی محاور تہٕ اُستادانہٕ چابکدستی سان بروے کارانان مثلاً جمشید مارنہٕ یِنہٕ برٛونٹھ سرِ دربارتس تہٕ ضحاکس درمیان واقع سیٖدن والہِ مکالمہ کیٛن یِمن کینژن شعرن اندر :-

~ دوٗپُس باز جمشیدن اے سر فراز — ازین بیش پر پادشاہی مہ ناز

بہ کوٗر تھس ترٛے آوارِ تے دربدر — ژٕ تے بیا کھاکٕڈی لغر. شے مغزِ سر

تہ بوٗزِتھ سہ ضحاک خونخوار گوو — ویٖرِ ہیٛس کیا؟ تمس زن پیٖنژے نار یوٗ

سُہ چھُ لفظ "نار" کِہ حوالہ یِنہٕ ژکھِ متعلق اکھ زوردار تشبیہہ محض اُمہِ غرضہٕ بارسس اُنان یُتھ زن اُیرِ بس شہنامس مقابلہ یِنہٕ بس پیٖٹھ مبنی مثنوی سرس آسیٖ کیٛتھ سارنے محسوس کرناوِ

~ تہٕ بوٗزِتھ بہ غیرت ہٕٹھاہ خارِ گوم — ازان کینہٕ زن میٖنے وُسے نار یوم

چھُ تمہید این داستان یِرٕتہ دروغ — بس از جہل و نار استی بے فروغ

دہاب پرے چھُنہٕ بنٕس وُیتہ ہاوکس تہٕ بیشتروُس نیم دِلانہ تعریفو زنگی تھوٗ د تُلتھ دب دِیٖنہٕ بدخوی ہاوان بلکہ چھُ سام نامچہ شکلِ منز جزوی شاہنامہ لیکھن وأنس امیر شاہ کریری سُندبے پناہ احسان باوُنٛز منز اُنان یُتھ پاٹھی :-

~ بکشمیر سامس کوٗرُن زندہ نام — دیتِنُ دادِ عشقِ پری دُخت و سام

سُہ صاحب چھُ اَز قوم سادات و بیر    درین وقت مشہوٗر سیّد امیر
تھٔدِس پریتس آب کھوٗرن تمی    بصد پختگی مُحنتہٕ ہورُن تمی
تسِندی شعر زَن شکر و قند چھی    بہر بیت صد نکتہٕ پند چھی

امیر شاہ کریری سُند یُہے بجُر تہٕ امتیاز چھُ کاشُر شاعری ہندِس بہلہٕ پایہ محقق عبدالاحد
آزادس یہ پرٔز رونہاوان زِ کاشرس منز چھِ اُمی سارِوٕے کھوتہٕ جان جنگ نامہٕ لیکھمٕتی۔ یہ کرِ
آزادنس اَتھ بیانس یہ اضافہ تہٕ زِ وہاب پرے تہٕ علی شاہ ہُرل ہوِین رزم گو شاعرن منز۔ امیر
شاہ کریری شامل آسہٕ نہٕ تو چھُ رزم گویی اندر کمراز مرازس تیوٗتے سرس یوٗت پختہٕ کارانہٕ غزلگویی منز۔
محمود گامی تہٕ مہجوٗر ہوِین لولہٕ شاعرن منز۔ رسول میر شامل آسہٕ نہٕ تہٕ مراز کمرازس پیٹھ سرس بنیوو مُت
چھُ بلکہ چھُ تِھس رزم گوٗ سُند پختہٕ شعور تہٕ باریک بین مشاہدُ و چھتھ امین کامن سُہ کھلیہٕ مُچ بیان یا
SWEEPING REMARK تہٕ قابلِ تردید باسان لیس پرٔتھ کاشرس رزمس جنگہٕ روٗس جنگنامہٕ زانگ
تاثرُ دِوان چھُ۔ تقابلی مطالعہ کتھ اَنٛد واتناو تہٕ برونٛٹھ چھُ لمحۂ فکریہ۔ یاد کرن واجنین ثقافتی اہمیتہٕ
ہنزن پرٛتھن کتھن تہٕ سنٛز زِلیس تعصب فردوسی علم پرور تہٕ حق پرست عربن خلاف ظاہر چھُ
کران۔ اَتھ برعکس چھُ وہاب پرے تہٕ امیر شاہ ہیو پرٛتھ کاشر مثنوی نگار ایرانی ین احترام تہٕ عقیدت
پیش کران بلکہ چھُ یہ یقین زِ تمو آسہ ہے بنین پیشرو سنسکرت موٗرخ شاعرن ہند تشکر تہٕ ورٛثہ وانجہ
کوٗرمُت اگر یمن اَتھ قابل غور نوکتس کُن ظون آسہ ہے گومُت زِ صدی وادن (اژہ داہمہ صدی برونٛٹھ)
ایرانس تہٕ کشیرِ درمیان قایم روٗدی متین تجارتی تہٕ ثقافتی رشتن ہندِس تناظرس منز چھُ ڈٔہمہ صدی
عیسوی دوران عالمی شہرت لبن وول شاہنامہ کاشرین حکمرانن تہٕ شاعرن کیٛتہ تہٕ اکھ چیلنج بنان
یمہ کِس نتیجس منز کہمہ صدی ہندِس راجہ اونتی ورمن ہندِس ونس پیٹھ رتناکر پران تہٕ بٔہمہ صدی ہندِس
راجہ سوسلنس ونس پیٹھ کلہن پنڈتن راج ترنگنی یا راز نامہ بارسس یوان چھُ بلکہ یہ ٹیکہ سلسلہ زینراج
تہٕ شری ور ہوٕ شاعر تہٕ برونہہ پکناوان چھُ۔ یوٗتس دِمو اُسے فردوسی ہندین تقریباً شیٹھن ساسن
شعرن ہُند شہنامہ صرف کاشرین تقریباً شن ساسن شعرن منز۔ وہیر اونک کمال ہاون واتس وہاب

صائبس داد بقولِ "خذ ما صفا ودع ما کدر" اصوٗلس تحت کاشرِ پاٹھی شہہ نامس شوٗزر بخشتھ اکھ اکھ طبعزاد کارنامہٕ باسناوُن والین تِہنٛدین کینژن ییٚچھِن بامحاورہٕ تہٕ پُرحکمت شعرن ٹُنتھ :-

ع

الٰہی یہ خامی کوٚرُم کارِ خام — یہ قصہ ژ وہ نٚی واتاوُم تمام

نہٕ شعرُک شعوٗرا نہٕ میٚے عقل ورائے — برائے سفر دراس بے دست و پائے

وہاہو درین قصہ تعجیل کر — بہ غیرت ژٕ ئے پانس ہیوٚتھ دردِ سر

بخامی ژُھنُھ پائے نارس اندر — یِتھس کثرتِ کاروبارس اندر

درین تنگی و کثرتِ کاروبار — شب و روز محنت کرٕم اختیار

میٚے اوسُم نہٕ در دِل یہ کہنہٕ اعتماد — گرژھم نم شہنامہٕ طبع زاد!

سپُن ختم از فضلِ پروردگار — تھوٚوُم نام خود زندہ در روزگار

•

گو از کارِ خود رُستمِ پہلوان — پریشان، پراگندہ تے نیم جان

بجلدی دِیتن سجدہٕ بر روئے خاک — و دان دِل اوٚرن سوے یزدانِ پاک

الٰہی پراگندہ تے خوار چھس — بہ چنگالِ دشمن گرفتار چھس

الٰہی بیٚیے لوٚچرِ کی زور دِم — فتح بر بداندیش فی الفور دِم

خدایا ازین فوجِ بیداد گر — دِتم ژٕ ئے رہائی بہ فتح و ظفر

ل زمانچہِ اتھ ستم ظریفی کیا ڈٕنو زِ شیخ، میر، گنائی تہٕ صوٗفی نفظن ہندی پاٹھی آو "شاہ"، لفظس تہٕ اخلاقی تہٕ اقتصادی پستی والیو کینژ و خود نما نفرو یا خاندانو دِسی ناخوشگوار تنزل حصہٕ خاص کرِتھ بنیٚو یہ لفظ کرام یا ذات بدلاون والین ہند ہدف سنٛم، ییمہٕ کنہِ قابلِ رحم کُلی فقیرن ہندی پاٹھی واریاہو تو دولتیو تہٕ وزیب کاروتہٕ پانس شاہ ونُنک ارتکاب کرِتھ پرٛنی رشتہٕ گارنُک یا توٚہِن بستی ین متر۔ پانس تھرکھالنُک اقدام

کوٚر۔

۲۵۔ ڈہمہِ صدی عیسوی دوران مکمل گٔژِ ھتھ عالم گیر شہرت لبن والہِ فردوسی ہندِ شاہنامُک فوری اثر کٲشیرِ ہندِین رازن تہٕ شاعرن پیٹھ پیوٚن ہیکَو نہٕ اَسی ہرگز نظر انداز کٔرِتھ خاص کٔرِتھ یہ پزِ نظرِ تل اَنِتھ زِ ژٕوداہمہِ صدی عیسوی دوران ایرانی ساداتن تہٕ وسط ایشیائی مُبلّغن ہندِ کٲشیرِ ینہٕ برونٹھ اوس صدی وادن کٲشیرِ تہٕ ایرانس درمیان مضبوط ثقافتی کیوٚ تجارتی رشتہٕ قایم یٔمہ کِنۍ کہمہِ تہٕ ہُہمہِ صدی عیسوی دوران بالترتیب رازہ اونتی ورمن ہندِ ونہٕ رتناکر پُران تہٕ رازہٕ سوسلہٕ ونہٕ کلہن ہنز۔ راز ترنگنی یا رازہٕ نامہٕ نظما ونہٕ یُن تہِ چھُ غور طلب حدس نام شہنامہِ نِشے تحریک لبنک نتیجہِ اوسمُت۔ مگر لفظ شاہنامہٕ باضابطہٕ ناوس منز۔ شامل کٔرِتھ یُس کارنامہٕ درجواب آن غزل بارسس آوسہ اوس عبدالوہابنہِ کاشر شہنامہٕ برونٹھ تقریباً ڈٕو ڈہتھ ؤری سنہ ۱۱۷۳ھ یا سنہ ۱۷۶۰ء منز۔ مولانا عبدالوہاب شایقن راجہ سُکھ جیون مل سنز فرمایشہِ پیٹھ رواں تہٕ سلیس فارسی ییس منز مکمل کوٚرمُت شہنامۂ کشمیر۔ یتھ موضوع کہ حوالہ روضۃ الاولیاء ناد اوس تھوونہٕ آمُت تہٕ تاریخِ تصنیف کڈنہٕ بایتھ اوس ریاض السلام تہٕ وُنہٕ یوان۔ کشمیری سلطانن ہندی پاٹھۍ فارسی شعر وادبٕچ زبردست قدر دانی کرن واجس راجہ سُکھ جیون ملُن ذکر چھُ شاہنامۂ کشمیر کیو اضافی ناوٕ وسان ہے وُنِس تام دستیاب گامتین قریباً اکوہن سائن پیٹھ مشتمل ترِن مخطوطن اندر یمن افتتاحیہ شعرن ہنزِ شکلِ منز۔ نظر گژھان:-

ریاض السلام ۱۱۷۳ھ آمدہ نامِ این ۔۔۔ ہمین است تاریخ اتمام این
چو از ذکرِ سادات شد جانفزا ۔۔۔ توان گفتش روضۃ الاولیاء
جہان پہلوان راجۂ کامران ۔۔۔ بہ رزم است چون رستم داستان
تہمتن بمیدان اگر پُرفن است ۔۔۔ زشاگردئ راجہ سُکھ جیون است
ززر بخشیٔ آن بہارِ سخا ۔۔۔ بہ چو گُل ہر یکے شُد مُرصع قبا
بہ پیشش رسد ہر کہ زِ اہلِ قلم ۔۔۔ بسر سبزیٔ سرو گردد علم

شُد از لطف، آن راجہ نُکتہ دان | بہ من از لبِ لعل گوھر فشان
کہ خواہم ز اعجوبۂ روزگار ! | بماند بہ مانامۂ یادگار !
کہُن گشت شہنامۂ ہای قدیم | بُود تازہ مقبولِ طبعِ سلیم
زِ تاریخِ کشمیرِ جنت نظیر | ز ہر واقعۂ کان بُود ناگزیر
سخن پروران قصہ ہا سر کنند | مُنظّم سخن عقدِ گوہر کنند۔
بہ نظم آوَرَد ہر یکے قصۂ | بنامت مقرر شُد از حصۂ
بعرضش رساندم ز روی نیاز | کہ با عود نمی بینم ایں برگ و ساز
کہ از عہدۂ آن بر آیم نکو | مرا نیست سامانِ این گفتگو
ولیکن بفرمانت ای نامدار | شوم نغمہ سنجِ وطن چون ہزار
سخن از بُزرگانِ دین سر کُنم | من این نامہ را گنجِ گوہر کُنم
کُنم ذکرِ ساداتِ روشن روان | ز شاہان بتقریب سازم بیان
نویسم زِ ساداتِ والا تبار | دِگر از شیوخِ سعادت شعار
ہم از ریشیانِ کرامت نشان | ہم از عالمانِ عمل اقتران

یم شعر چھِ شاھنامۂ کشمیر کین سارِنے معنوی تہٕ موضوٗعی پہلوٗن مُنز اکھ جامع تہٕ فکر انگیز احاطہٕ کران لہاذا پَزِ ثقافتِ کشمیر زانُنک شوق تھوٗن والین اتھ تہٕ ضروٗر مطالعہ کرُن۔

# یوسف زلیخا

ناجی منور

## تقابلی سام

حضرت یوسف علیہ السلام مُنْہند قصہ چھُ عالمی ادبُک واحد قصہ یُس تاشوقہ قصہ آستھ تہ تقدُس تہ عرفانُک آگرُ چھُ مانہٕ یوان، یتھ منز مردانہ جمالُک جلال تہٕ موجوٗد چھُ تہ نسوانی کمزوری ین ہنز باوتھ تہ تِتھی پاٹھی کرنہٕ آمژ چھےٚ ینہِ حسنُک بیکر پیغمبر حضرت یوسف ہندِس اتھ قصس چھُ قرآن کریمس منز احسن القصص وننہٕ آمُت " نحن نقص علیک احسن القصص بما اوحینا الیک ھذا القران"۔ یعنے اے محمدؐ! "یہ قرآن چھِن اَسی بہترین طریقہ واقاتن تہ حقیقتن منز بیان کران"۔ یہ الہامی قصہ چھُ عالمی ادبس منز گوڈنیچھے سارِوے کھوتہ زیادٕ مقبوٗل رُودمُت۔ اتھ قصص یُوتاہ تھوٗد تقدُس اسلامس منز حاصل چھُ تیوتے تھ رچھس عیسائے مذہبس منز تہ۔ بائیبل تہ قرانِ کریمس منز چھُ یہ قصہ ہونے واقاتن ہیٹھ مشتمل تہ حضور اکرم محمد مصطفےؐ ہِن ہیٹھ چھُ یہ قصہ اَوِ سبہ نازل سپُدمُت یتھ زن یمہ والی لوکھ عبرتھ رٹن تہ تہ کرن نہ یہ حضرت یوسفسؑ ستی پننیو وِہ ربایو کوٚر۔

لقد کان فی قصصھم عبرۃ لاولی الالباب

یعنے۔"پرانہ زمانہ کین لُکن ہندین یمن قصن منز چھُ عقل تہ ہوش تھاون والین ہندِ خاطر عبرتھ"۔

اَمہِ قصک آگرُ چھُ دریائے نیل تہ دریائے اردنک سُہ علاقہ یتھ منز سامی النسان

ذٲژ ہندِ بن عظیم پیغمبرن ہند سلسلہ وۄتھمُت چھ۔ اتھ علاقس منز آسی حضرت ابراہیم خلیل اللہؑ تہندی
فرزند حضرت اسماعیلؑ تہٕ حضرت اسحاقؑ تہندی فرزند حضرت یعقوبؑ روزان۔ حضرت یعقوب
علیہ السلامس آسی ژورن آشنین ہندی باہ فرزند یمو منز حضرت یوسف علیہ السلام تہٕ تُہند
لوکٹ بوے بن یمین اَکی ہے آشنہٕ ہندی آسکھ۔ لوکُٹ، حیلن تہٕ وُتھینل آسنہٕ کنی اوس
یوسفؑ حضرت یعقوبسؑ سارِوے کھوتہٕ ٹوٹھ اولاد، یُہُے موجب تسندین ووربایین حضرت
یوسفنؑ سخت پھوشان آس۔ بائیبل ہندِ بوعالمو مطابق آسی تِم اُزی کِہ ناوکس نابلس شہرس
منز روزان تہٕ تِہنز یادٲلیش چھےٚ حضرت عیسیٰؑ ہس برونہہ ۱۹۰۶ء منز پیٹھ۔ تِم چھونان
زِ تِہندِ امہٕ قصک آغاز چھُ ۱۸۹۰ ق م منز سپدان بیلہ حضرت یوسفن مٲلِس نِش پننہٕ خارج باوتھ
کرٕ۔ بائیبل مطابق چھ تِمہٕ زمانہٕ کین مصری بادشاہن فرعونے وَنان یتھ تہٕ قرآن کریمہ تصدیق
چھُ کران۔ اسلامی عالمن ہندِ تحقیقہ موجب آسی تمہٕ وقتہٕ بہلی پادشاہ HYKSOS KINGS
حکومت کران۔ یمن پادشاہن ہنز پانہٕ واٲنی منزکری کنی سپُد حضرت یوسفسؑ تہٕ عروج حاصل تہٕ
بنی اسرائیل قبیلس پیٹھ مصرس منز بسنچ وتھ مویسر، مصریکی عالم چھ وَنان زِ تِم آسی تہٕ حملہ آور
پوان مانہٕ تہٕ حضرت یوسفسؑ پتہٕ پانژ ہتہ وُہری گئے یمن بنی اسرائیلن خلاف تحریک شروع۔ یِم
پہلی پادشاہ آسی عرب نسلکی یمن تہٕ مصری مذہب کین دیوتاہن پیٹھ یقین اوس۔ حضرت یوسفؑ
نہٕ وقتہٕ یُس بادشاہ مصرس پیٹھ حکومت اوس کران تمس اوس اپوفس APOPHIS ناو۔
شاید چھُ قرآن تہٕ اسلامی روایتن منز اُمی ہے پادشاہس عزیزِ مصر وَنان تہٕ تمی سنز آشنہٕ زلیخاہٕ
ہُند ناو چھُ گوڈنیتھ "تلمود" کتابہ منز لیکھنہٕ آمت۔ عزیزِ مصر سندِ مرنہٕ پتہٕ چھا زلیخاہٕ ہُند نکاح
حضرتِ یوسفسؑ سِتی سپدمُت تمیُک چھنہٕ اسلامی تواریخن منز کُنہٕ جایہ ذکر۔

بہرحال دُنیہکس ادبی تواریخس منز چھ حضرت یوسفؑ نس قصس سٹھاہ تھز اہمیت
حاصل سپزمژ، امہٕ قصک اکھ اکھ واقہ چھُ پرتھ زبٲنی ہندس ادبس منز۔ تلمیح زنگی ورتاونہٕ یوان
تہٕ یہ سورُے قصہ چھُ اکھ سو علامتھ یتھ منز انسٲنی زندگی ہندی کتیاہ شی ووگنی مثلن حُسن،

معصومیت، جلال، جمال، تحمل، حسد، بوغض، ظلم، ماے محبت سازشہٕ، انتقام، معافی سارٕے کتھ بروٚنہہ کُن یوان پھنے۔ تاشوقہٕ قصہٕ آسنہ تہٕ چھُ یہ قصہٕ عرفانُک تہٕ آگہی ہُند سوٚدُر مانہٕ یوان، اتھ منٛز چھُ مردانہٕ جمالُک احساس تہٕ گنان تہٕ نسوانی خود سپردگی ہنٛز مثال تہٕ بروٚنہہ کُن یوان۔ امہِ قصکی اہم واقات چھِ توم :-

۱۔ شُری لازی منٛزٕ حضرت یوسفنٛ خاب وُچھن زِ کاہ تارکھ تہٕ زوٗن، افتاب چھِ تمس بروٚنہہ کنہِ سجدہٕ دوان، امہِ خابچ باوتھ ماٗلس تنشہِ۔

۲۔ ووٚرِ باین تنشہِ خابُک تہٕ تمہِ کہِ تعبیرُک انکشاف تہٕ تہنٛزٕ سازشہٕ۔

۳۔ ڈے دوہس یوسفس ازا دیُن تہٕ چھس لایُن۔

۴۔ کاروان کہ ذٕرِ یہ چاہ منٛز تیرُن تہٕ وُنہِ دیناران کہنہٕ یُن۔

۵۔ عزیز مصرنس دربارس منٛز غلام بنُن تہٕ تتہٕ مُلکی معاملات ہیچھنِ۔

۶۔ عزیز سنٛزٕ زنان زلیخا تس پیٹھ فریفتہٕ گژھنی، تسندِس زالس منٛزٕ نہ پھسِتھ تس اپُز الزام لگُن تہٕ سُہ بے قصوٗر ثابت گژھُن مصرچہِ زنانہٕ تسند حسن وُچھتھ پنٕنی اتھ ژٹنی۔

۷۔ مصرکین امورِ سلطنتن منٛز تسُند عمل دخل تہٕ وارِ وارِ مصرُک حکمران بنُن۔

۸۔ کنعانُک قحط تہٕ ووٚرِ باین ہنٛز ابتر حالت۔

۹۔ بِن بیمنس ستی ملاقات، پنُن جامہٕ حضرت یعقوبس سوزُن تہٕ تسنٛزٕ ن اعمی اچھن گاش یُن۔

۱۰۔ انجام۔

حضرت یوسف علیہ السلام سُند یہ قصہٕ آسہِ میانہٕ خیالہٕ دُنیچہ ہرکُنہ بجہ کیو لوکچہ زبانی منٛز نظم کیو نثر دوشوٕنی صورتن منٛز لیکھنہٕ آمُت تہٕ ہر کنہٕ صورتس منٛز آسن بیوٚن بیوٚن شاعر وکیو نثر نگار و اتھ منٛز بیوٚن بیوٚن فنی زاوی جارٕنی کٔڈی متہٕ۔

سہ ژوٗبوٗتھ قصہ علاوٕ چھہٕ اَمہٕ کین واقعاتن ہندکہ اشارٕ تلیمحوٗ زٕ نگی غزلن نظمن، رُباعین تہٕ قصیدن منز پتھ وُتھ ورتاونہٕ یوان ۔ مےٚ نش یِم صوٗرژ ووٗنی کین اَمہٕ قصہ چہٕ قرآن کریم تہٕ بائبل علاوٕ برونہہ کنہٕ چھہٕ تِم چھہٕ یِم :-

۱۔ زلیخای فردوسی قلمی نسخہ ۱۲۷۸ھ (احمد حکیم کھوکھر ہامہ)

۲۔ زلیخای مولانا عبدالرحمان جامی، سہ قلمی نسخہ یُس محمود گامی یَس کاشرِ پاٹھی زُلیخا لیکھنہٕ وِزِ برونہہ کنہٕ اوس۔

۳۔ تفسیر سورہ یوسف قلمی نسخہ بزبان اردو تصنیف حکیم محمد اشرف کانڈلہ (تحریر ۱۲۶۶ھ بدسخط مصنف)

۴۔ تفسیر سورہ یوسف بزبان کشمیری از مولوی انور شوپیانی چھاپ ۱۳۲۵ھ

۵۔ یوسف زلیخا از محمود گامی کلیات محمود گامی

۶۔ یوسف زلیخا از مقبول امرتسری قلمی نسخہ ریسرچ لائبریری سرینگر

۷۔ یوسف زلیخا از محی الدین مسکین سرائے بلی۔

یِم سَتہٕ وَے کتابہٕ چھےٚ مثنوی ہنزٕ شارٕ ذاژ اندر لیکھنہٕ آمژٕ۔ اردو زبانی منز مولانا اشرف کانڈلہ سنز۔ مثنوی تہٕ کاشرِ زبانی منز مولوی انور شوپیانی سنز۔ مثنوی چھےٚ دعویٰ سان قرآن کریم کہ سورہ یوسف کہ تفسیر کِس صورتس منز لیکھنہٕ آمژٕ۔ دوشوٕنی مثنوی ین ہند تفسیر چھُ آیہ بہ آیہ بُیدمُت مگر دوشوے مُفسر حضرات چھہٕ تِمہٕ داستانوی اندازٕ نِش لوٚب ہیکی مِتی روٗزِتھ یُس فردوسی ین یا مولانا جامی ین ورتومُت چھُ۔ مولانا انورن چھُ زلیخایہ ہندِ زادو بومُک قصہ کتابہ ہندِس گوڈس پیٹھے لیوٗکھمُت تہٕ مولانا اشرفن تِتھ جایہ پیٹھہٕ یِن مصرس منز حضرت یوسف ٹلی چھُ یوان ہیٚنہٕ۔

یتھ جایہ کرو اَسی ہیٚنہٕ مِسو کتابو منز کینژن مقامن ہند تقوبل پیش تہٕ وُچھو اتھ قصس منز کوتاہ امکان چھُ سوخن آرائی تہٕ معنوی تہہ داری ہند۔ فردوسی چھُ پننہٕ مثنوی منز یوسف

نہ خابک واقعہ نوٚمن شارن منز بیان کران ؎

شبی خفتہ یُد یوسف پُر ہُنر
در آغوشِ آں کار دیدہ پدر

شنیدم کہ آں شب شب قدر بود
درخشندہ از لیلۃُ البدر بود

بخوابش نمود آنکہ خواب آفرید
بگل و آتش و باد آب آفرید

کزیں اختراں یازدہ اسپہر
ابا ماہِ تاباں درخشندہ مہر

نہادند سر پیش وے بر زمیں
ز تقدیر حکم جہاں آفریں

چناں دیدہ یُد یوسف دیں پرست
بلرزید از خواب نوشیں بجست

یوٚہے واقعہ چھُ مولانا جامی تتھ لہجس منز لیکھان زِ شاعری ہندی ساری اِمکان چھِ پُرن واٲکس واشگاف گرِتھان۔

دلش بیدار و چشمش در شکر خواب
ندیدہ کس چنیں بیدار در خواب

بخوابِ خوش نہادن سر ببالیں
بخندہ لعل نوشیں کردہ شیریں

ز شیریں خندہ آں لعل شکر خند
بدل یعقوب را شوری در افگند

چو یوسف نرگس سیراب بکشاد
چو بخت خویش چشم از خواب بکشاد

بدو گفت ای شکر شرمندہ تو
چہ موجب داشت شکر خندہ تو

بگفتا خواب دیدم مہر و مہ را
ز رخشندہ کواکب یازدہ را

کہ یکسر داد تعظیم بدادند
بسجدہ پیش روئیم سر نہادند

حضرت یعقوبؑ ین ٚ ٚ بُوزنہ بون پوتھر لرِ شونگتھ ہتہ تس وُتھن پیٹھ معصوم اُسن کھولان ہتہ یوٚہے واقعہ محمود گامی پننہِ مثنوی منز نوٚمن شارن منز بیان کران ؎

موج موٚیس معصوٗمس تے
پوٚچھ روٚچھن پننہِ دستے

ڈوٹھ کیا گو وتس یعقوبس
اوس مُشتاق راتس دوہس

اوس ہ نمن ہ حراب ہمن
سجدہ کران گل یوسمن

اوس یعقوبس نِش شوٗنگِتھ | اَتھ کھور آسی تَس مَانزٕ زٕنگتھ
ہیوٗتن اَسُن خابس اندر | یتھ زُون آسہِ آبس اندر
گوو سُہ بیدار پرٛزٕھنَس حالی | خاب پنُن کرتم حالی
زُون افتاب بیہِ تارکھ کاہ | آیہِ سٕمتھ دیُت ہم سجداہ

مولانا انور شوپیانی ین یوٗ دوٗے یہِ دعوا چھُ کوٗرمُت زِ تہنٛد لیوٗکھمُت قصہٕ چھُ قرآنِ کریمُک ترجمہٕ تہٕ تفسیر مگر تمی تہٕ چھُ گوڈٕ زلیخا یہِ ہندِ زاد وبوٗمُک تہٕ تہنٛدٕ بِن خابن ہُند حِصہٕ وونمُت یوٗ تام تَسُند ملاقات حضرت یوسفؑ سٕتۍ گژھان چھُ، یمَنِس ترجمس متعلق چھُ وَنان ؎

نہٕ ہاوٕنی شاعری دانشوری چھم | مگر کُنہٕ ہنرٕ وُنی بالاتری چھم
یہٕ کشمیری زبان کمی تاں چھُ ووٗلمُت | بیانُس منزٕ مگر قرآں نہٕ اوٗنمُت

(کمی تام، لفظُک اشارٕ آسہِ لازمی من محمود گامی یَس کُنہٕ لیُس نہٕ واریاہن حسدٕ کِنہٕ چکارس چھُ کھوٗتمُت۔ یتھُے مثال بقول عبدالاحد آزاد سُہ واقعہ چھُ ییلہٕ پیرعزیز اللہ حقانی یَس نِش قدیر شاہ قادرن یوٗہے قصہٕ نظم کرِتھ اوٗن تہٕ ہیوٗتن بوزناوُن ؎

سُہ گامی زانہٕ کیاہ شعرچ نزاکتھ

حقانی صابن کرنوو ژھوپہٕ تہٕ دِتی نَس یور تزٕ شعر لیکھتھ ؎

تہٕ کرزاہ یوسفس کوٗرمُت چھُ بایوٗ
یہٕ یتھ قصس چھُ کوٗرمُت ناخدایوٗ
چھُ یتھ قصس سٕٹھاہ بس قول جامی
پتو گوو ختم بر محمود گامی
تمِس یتھٕ ہاوِ کانہہ نوزُک خیالی

(یا کھ مصر وو کھ آسنہٕ کِنہٕ لیکھُن چھُنہٕ مناسب

کاشرِس منز چھُ اَمہِ قصٕک بیاکھ رۄپ مقبوٗل تہٕ ترجمُک یُس یقیناً مقبوٗل امرتسری سُنٛد آسُن گژھِ۔ اَمہِ ترجمکی زٕ نُسخہٕ چھِ ریسرچ لایبریری منز محفوٗظ تہٕ اکھ آرکایوز محکمس نِش۔ یمن نُسخن نظر دِتھ چھُ ننان زِ مقبوٗلن تہٕ چھُ یِنُہ ترجمہ مولانا جامی سٕنٛز مثنوی پیٹھے کوٚرمُت نکہ فِردوسی تہٕ زلیخائے فِردوسی پیٹھ تِکیازِ واقعاتن ہنٛز ترتیب یوٗسہٕ مولانا جامی یَن دِژمٕژ چھےٚ سوے چھےٚ مقبوٗلن سیٚٹھاہ اختصار ہسان لیچھمٕژ۔ یعنے حمد تہٕ نعتہٕ پتہٕ چھُ قصہ حضرت آدمؑ سٕنٛدِ پیٹھ شروٗع گژھان۔ پتہٕ باقے انبیاہن ہنٛدی حالات یوٚتام حضرت یوسفؑ باہ وُہر واتان چھُ۔ حضرت یوسفنؑ سُہ خاب یُتھ منز تمن تارکھ تہٕ زوٗن اَفتاب سجد چھِ کران چھُنہٕ مقبوٗل نہٕ مثنوی منز لیکھنے آمُت۔ اَتھ جایہ چھُیتے درج زلیخایہ حضرت یوسفؑ پوچھ نِشہٕ الگ سپُد تہٕ پتہٕ سپُد مالی پوٚتھرِ اکھ اَکِس دیدار وارہ کالی۔

سَپُن ییٚلہِ مالی پوٚتھرِ وصلِ دیدار ۔۔۔ وُچھتھ تی دُشمنَن تھٕنٛدِن گوٚنٛڈُن نار

اَمہِ پتہٕ چھُ زلیخایہ سٕنٛد احوال لیکھنہٕ آمُت۔ مقبوٗلن کیُتھ ورتاو چھُ اَتھ قصس سٟتۍ کوٚرمُت تہٕ تمۍ کم شاعرانہٕ جوہر چھِ تٔمۍ کٔڈۍ متۍ یا شاعری منز چھا تمۍ ترجمہ کاری ہنٛد حق پوٗرٕ کوٚرمُت تہٕ وُچھنہٕ خاطرِ دِمو اَسی کیہنہٕ شار زلیخایہ ہنٛدِ ہفت خانہٕ کہ منظر منز۔ مقبوٗل چھُ لیکھان ؎

سُتم خانہ لدُن تمۍ چرخ ہفتم ۔۔۔ عقل تتھ کُن وُچھتھ حارٲن گژھُن گُم

کرِن زِ تتھہٕ ستوٗن تتھ منز زری کار ۔۔۔ مرصع از درو فیروزہ دیوار

بزیرِ ہر ستوٗن آہوی از زر ۔۔۔ منقش کٔرۍ نہٕ پُر از مُشک اذفر

کرِن تتھ منز کُٹھین ہر سو بہر جا ۔۔۔ بہتھ نِکھہٕ تل سُہ یوسُف با زلیخا

بیک جا یک دگر معشوق و عاشق ۔۔۔ کراں تِم اکھ اَکِس بوسہ موافق

تہِ ڈیشتھ ڈیشہٕ وُن بے تاب گژھِہے ۔۔۔ زِ حیرت شین زِن تس آب گژھِہے

غرض تتھ بنگلس منز اَسی یک جا ۔۔۔ بہر سو ہر طرف یوسفؑ زلیخا

مولانا جامیؒ

بہفتم خانہ ہمچوں چرخ ہفتم | کہ ہر نقش و رنگی بود از و گم
مرصع چل ستوں از زر برافراخت | ز وحش و طیر زیبا شکلہا ساخت
بپای ہر ستونے ساخت از زر | غزالی ناف و پر مشک و اذفر
دراں خانہ مصور ساخت ہر جا | مثالِ یوسفؑ و نقش زلیخا
بہم بنشستہ چوں معشوق عاشق | ز مہر جان و دل باہم موافق
بیک جا آں ز لب ایں بوسہ دادہ | بیک جا ایں میاں آں کشادہ
اگر نظارہ کی آنجا گذشتی | ز حسرت در دہانش آب گشتی

ظاہر چھُ ز مقبولُن ترجمہ چھُ شار بہ شار سپدمُت اگر مقبولن زلیخای جامی یُس تھےٚ پاٹھی تریتھ شارس ترجمہ آسہا کورمُت کاشر زبانہِ ہند خاطر بنہ ہے یہ نادر تحفہ۔ مگر تو تہ چھ تمی شارن ہنز ژارٕ بڈٕ مہارتہ سان کرمژ یُتھ زن تھسکُ لبِ لباب بروٗنہہ کُن ییہ۔ اَتھ برعکس چھُ محمود گامی یمہ کتھ ہند دعویٰ کران ترمٕت چھےٚ زلیخا یہ جامی کاشری پاٹھی پھرمژ مگر تتھ ہکونہ ہر گز ترجمہ وٚنِتھ۔

در زلیخا وٚنن یہ حضرت جامی ین | اوٚن تہ کاشری پاٹھی محمود گامی ین

محمود گامی ین چھُ نہ ہفت خانک منظر بیانے کورمُت، اَتھ جایہ چھن یا اَتھ ژٕ ترے لیکھی متر ؎

اے ماہِ کنعان وے راحت جاں | کاستم ملالے آستم مہرباں

دٔیم باتھ ؎

اندِ کیاہ یتھ عشقہ نیاس | کندِ ژالیس مژ دیوانے

یہ تریمس باتس منز چھُ ہفت خانس متعلق نوم شار درج ؎

وُچھ یوسفن زیر و بالا | عاشق تہ معشوق یکجا

گوٗتس تہٕ موٗجبتھ پاٗدا — لوٗگ زالہٕ زُلفہٕ تہٕ جالے
تِم دوٗشوٗے اوٗش ہاران — تاٗجیل و تاٗخیر کران
غم صاحبہٕ سنٛدے براٗتی — یک خوش تہٕ یک خوشحالے
میرفت از ہفت خانہ — آزاد سرو روانہ
نیرتھ گوٗو مستانہ — نوان ہرنہٕ ژھالے

اُتھ برعکس چھُ حکیم محمد اشرف کانڈلہٕ پننہٕ اُردو مثنوی منز ہفت خانک منظر تمی آیہٕ لیکھان یمہٕ آیہٕ فردوسی ہنز مثنوی منز درج چھُ ۔

بنایا مربع وہ موتی کا گھر — صفائی پہ جس کے نہ ٹھہرے نظر
کئے چار اس گھر کے سُنہرے ستون — خبر اُن کی کسے تھی وہ تجھکو دوں
لگا اک ستون کو وہ سنگِ رخام — اور اک کو لگا سنگ مرمر تمام
کئے بیچ میں اور چالیس ستون — میں ان کا بھی احوال تم سے کہوں
بنائی ہر اک کی تلے شکل گاو — بہت خوب دیکر کے چاندی سے تاو
اور اک شکل گھوڑے کے زر سے بنا — مرصع جواہر میں اسکو کیا

وارِیہو شعر وُنِتھ ۔۔۔

درو در پراس کے کھنچی لا کلام — زلیخا اور یوسف[ع] کے صورت تمام
کہ گردن میں ڈالے ہیں دونوں نے ہاتھ — وہ یوسف ہے لپٹا زلیخا کے ساتھ
زلیخا کے گردن میں اک ہاتھ تھا — دھرا اُسکی چھاتی پہ تھا دوسرا
تلے اور اوپر یمین و یسار — درودر پہ ہر جایہ نقش و نگار

زلیخایہ ہند ہفت خانہ پتہٕ چھُ اَمہٕ قصک سُہ منظر وُچھن یِہوان یتھ منز اکہِ طرفہٕ معصومیت چھےٚ تہٕ بیٚیہ طرفہٕ گوناہن ہند ہوس، اکہِ طرفہٕ مجبوری تہٕ لاچاری بیٚیہ پاسہٕ فریب تہٕ ژھل بازی ۔ دامنِ یوسف[ع] چھُ اُتھی جایہٕ سو علامتھ بنان یوسہٕ شعر وادبس

منز جایہ جایہ ورتاوِنہٕ چھِ یِوان تہٕ فیض احمد فیض تام پننہٕ اظہارچ وتھ کڈان سہ

جاں بیچنے کو آئے تو بے دام بیچ دی
اے اہلِ مصر وضع تکلُف تو دیکھیے
انصاف ہے کہ حکم عقوبت سے پیشتر
اِک بار سوئے دامنِ یوسف تو دیکھیے

ہفت خانہٕ کہ منظرکی پاٹھۍ چھُ محمود گامی اتھ جایہ سیٹھاہ اختصارس کام ہیوان تہٕ نغمس منزے سورُے واقہٕ صرف دون شارن منز بیان کران

| | |
|---|---|
| میرفت از ہفت خانہ | آزاد سرو روانہ |
| ییٚرتھ گوو مستانہ | توان ہرنہٕ ژھالے |
| شماہ زن گےٚ ژھتےٚ | لاران لس پتہٕ پتےٚ |
| تھپھ لاے نس تالہٕ پتےٚ | سخ وول نس پرکالے |

مولانا جامیؒ ین چھِ اتھ واقہٕس پننہٕ شاعرانہٕ اظہارکی طومار کری مِتی

| | |
|---|---|
| بدنیساں دردِ دل اظہار میکرد | بیوسف شوق خود اظہار میکرد |
| ولے یوسف نظر باخویش میداشت | زبہم فتنہ سر در پیش میداشت |
| بفرش خانہ سر افکندہ در پیش | مصوّر دید ما او صورت خویش |
| رخ خود در خدای آسماں میکرد | بسقف اندر تماشای ہما کرد |
| فرودش میل ازاں سوے زلیخا | نظر بکشاد در روی زلیخا |
| زلیخا زاں نظر شد تازہ امید | کہ تابد بروئے آں تابندہ خورشید |
| زدانمت سالہا در تاب بودم | زشوقت بیخور وے بیخواب بودم |
| لب از نوشیں دہانش پر شکر کرد | زساعد طوق از ساقس کمر کرد |
| بہ پیش ناوک جانزاہدف ساخت | زشوقِ گوہرش تن را ہدف صد ساخت |

ولی نکشاد یوسف ہر ہدف شست | پئے گوہر صدف را مہرہ بسکست
---|---
دِلش میخواست در سُفتن بالماس | ولی میداشت حکمِ عصمتش پاس

مُفسّرِ سورۂ یوسف مولانا انور شوپیانی سند تفسیر منز تہ چھ اتھ واقعہس پیٹھ کینہہ زارۍ مۍ شعر پیش خدمت ؎

قدم ہفت خانس اندر ترٛوو تمۍ | خدائیس پننٛ پان پشرٛوو تمۍ
---|---
وُچھن سر بسر زن سو جود وگری | زلیخائی تتھ اندر زن پٔری
کرٕن بند درواز تتھ یک بیک | ونن چھس بہ حاضر چھسے جلد پکھ
چو پروانہ گِتھ شمع رویس کرٕن | گہے زند آسن تہ گاہے مرٕن
زِ آہ زلیخا تمس گو و اثر | زلیخا دِوٕن پان دأرِتھ پتھ
بہ تحقیق تمۍ قصد کوٚر ستی تس | ارادہ تسُند پأدِ گو و یوسفس

حضرت یوسف علیہ السّلام نہ قصک ہیٚر مُم واقعہ چھ بلکل منفرد دوشوے عاشق تہ معشوق وصلہ باپتھ آماد گژھان مگر ایزدی مشیتس برونہہ کینہ سارنے سر خم، انسان یُس تہ تدبیر کرِ پننٛ مقصد حاصل کرنہ خاطرٕ سُہ چھ خدایہ سندس منشس نش بے کار تہ یوٚہے پیٚزر ہاوٕنس منز چھ قصے حضرت یوسفؑ بیان کرٕن وألی ساری شاعر کامیاب گمٕتی مگر یوسہ نزاکت مولانا جامی سندٕن شارن منز درینٛٹھ چھے گژھان سو چھے عنقا۔ تمۍ چھ اچھرس اچھرس منز دِلس مُہن وول رنگ بوٚرمُت۔ زلیخائے جامی ہندی کیتاہ شار چھ ترٕ یمو زبانن ہنز حد بندی چھٹرٕ اوتھ مثالن تہ ضرب المثلن ہنز جلے چھے ژٕٹمژٕ، کینژٕ ہن کتابن ہندٕ ن سرورقن پیٹھ، مکانن ہندٕن دروازن پیٹھ تہ گچھِ کھمٕبن منز۔ برکتھ منگنہٕ ژٕنگی چھ زلیخائے جامی ہک گوڈ شار لیکھتھ آسان ؎

الٰہی غنچۂ امید بکشائے
گلے از روضۂ جاوید بنمائے

بحرحال ہفت خانہٕ کہ واقہ پتہٕ یُس ستی دوٚیِم واقہ چھُ سپدان سُہ چھُ شاعرانہٕ نزاکتہٕ کِنۍ سیٹھاہ اہم ۔ یانے زلیخا چھےٚ مصرٕچین زنانن منز بدنام گژھان زِ سو کیٛاہ کٔنۍ چھےٚ اکِس غلام ہندِس عشقس منز فلوا گمژ ، پننۍ رسوائی دوٗر کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ زلیخا اکھ کارگر ترکیب کران زِ مصرٕچین سارنٕے اشراف باین چھےٚ دعوت دِوان ، دعوت چھےٚ پرُ تکلف آسان ، قسمہ قسمہٕ ضیافژن ستۍ چھہ رنگارنگ میٛوٕ برونہہ کنہٕ یوان تھاونہٕ ، عربی ترُنجن ستۍ چھہ کاشہ کرنہٕ خاطرٕ قلمتراش تہٕ تھاونہٕ یوان تہٕ اَتھی منز چھُ یوسفؑ تہٕ محفلِہ منز اَنہٕ ناونہٕ یوان ، سارۍ سے چھُ گاہ بیوان تہٕ امیر باین چھُ یکہٕ قران کریمکہِ یہٕ آیہٕ زبانی ییٚتھ کھسان ۔

**حاش للہ ما ھٰذا بشرًا ان ھٰذا الا ملکٌ کریم۔**

یانے حاشاک اللہ یہ شخص چھُنہٕ انسان یہ چھُ کُستام بوٚڈ فرشتہٕ تہٕ ترمہٕ چھےٚ ترُنجو بدلہ پننۍ اَتھہ نوان ژٹِتھ ، مرزا غالب

سب رقیبوں سے ہیں ناخوش پر زنانِ مصر سے\
ہے زلیخا خوش کہ محوِ ماہِ کنعاں ہو گئیں

ڈلوٗسی وُچھو مولانا جامی یَن کمِن شارن منز چھُ یہ واقہ بیان کوٗرمُت ۔

| | |
|---|---|
| زخلوت خانہ آں گنج نہفتہ | بروں آمد چو گلزار شگفتہ |
| زناں مصر کاں گلزار دیدند | زگلزارش گل امید چیدند |
| بیکدیدار کار از دست شاں رفت | زمام اختیار از دست شاں رفت |
| ززیبا شکل اور حیراں بماندند | زحیرت جوں تن بیجاں بماندند |
| ندانستہ ترنج از دست خود بار | زدست خود بریدن کرد آغاز |

فردوسی ین تہٕ چھُ امہٕ دعوتُک نقشہٕ بییٚس کوٗرمُت یُتھ کم وبیش مولانا جامی ین کوٗرمُت چھُ ، سارنیٚ زنانہٕ چھےٚ دعوت کھیوان تہٕ ووٚنی ہیٚہن ترُنج ژٹنہٕ زِ یوسفؑ چھُ محفلِہ منز اَنہٕ ناونہٕ یوان ۔

چو میخواست ہر یک بُریدن ترُنج　　زلیخا برون خواند ویرا ز گنج

بروں آمد از خانہ یوسف چو باد　　فروغ ز خالش علم بر کشاد

زناں را دل و دیدہ آشفتہ شُد　　دل بخت بیدار شاں خفتہ شد

بجای ترنج آں بتاں ناز عیش　　بریدند یکسر کف دست خویش

ساںنو کاشرِ زبانٕ ہندیو شاعر وِ تہٕ چھےٚ اَتھ واقہس پیٹھ پیٹھ آیہ وَکھنےٚ کرٕنہٕ ـــ محمود گامی ین چھُ باقے مثنوی ہندی پاٹھۍ یہ واقہ تہٕ سیٹھاہ ژھوٚٹرِتھ بوومُت تہٕ کوشش کرِمٕژ زِ کُل واقہ ہُک روح گوٚژھ سُہ پیٹھ مثنوی منز بیاں ہیکُن کرِتھ ؎

ژاو یوسف سالہٕ رِہنٕ آب ہیتھ　　سو تہٕ طشتھ تے رو یہ سُند افتاب ہیتھ

اَتھ دیُت نکھ ژوٚنتھ قلم تاش تے　　اَتھ ژٕٹکھ یوسفنہ پرٕ اگاشتہ تے

بیٹھۍ پیتھ گیہٕ سارینے بیقرار　　گُو ژٕٹھ سارِوے بے اختیار

محمود گامی یس برعکس چھِ محی الدین مسکین تہٕ مقبول دوشوے ترجمٕک حق ادا کرنٕچ کوشش کران ۔ دوشوی شاعر وچھ ژارٕ متیٖن شارن ہُندے ترجمہ کوٚرمُت مگر محمودُن ہیوٚ اختصار کرنہٕ لُنش چھِ بیتھ رٕودی تہٕ مسکین چھُ نومن شارن منز یہ واقعہ لیکھان ؎

یہ مجلس ژاویا مُتھ چُست و چالاک

وُچھتھ تس کُن تمن سینہٕ پیتھ چاک

اکی دیدار سارن رنگِ رو ڈوٚل

اتھے از جاں شیریں زن تمو چھوٚل

بہتھ سارینے بدیا ہاے زیبا

تن بے جان زن تصویر دیبا

ترُنجس کُن نیکھ بیخود قلم تراش

ز بیہوشی اتھن بیوٚن بیوٚن کرِکھ قاش

حضرت یوسفؑ ہندِس اتھ الہامی قصس منز چھُ اسرار و رموزن ہند اکھ بے پناہ خزانہ موجود یُس یتھ وتھ انسانن وتہ ہُوک چھُ بنان رُودمُت۔ اتھ قصس منز چھُ یوسفؑ مرکزی کردار یُس اکہ طرفہ پننِس مالِس سٕتۍ ژن اُچھن ہُند گاش چھُ تہ بیٚیہ طرفہ زلیخایہ ہُند سورُے زُو زِہتہ تہ چھُ، اتھ گاشس چھِہ تہندی وۍ وہبای ژھتہ پرتھان کُرن مگر خُدائی منشس خلاف کام کرن واکی چھِہ ہمیشہ ناکام گژھان آمتۍ، یوسفسؑ خلاف یوسہ تہ سازش کرنہ آیہ سو بنے یہ تٕہنزِ ترقی ہند ذریعہ۔ یہ قصہ چھُنہ تمہ نے شاعرن ہند موضوعِ سخن رُودمُت یموکلھُم قصہ نظم چھُ کوٚرمُت بلکہ سانہو عظیم صوفی شاعر وچھِہ امہ کین جزیاتن منز اسرار تہ رموزن ہنز کیژ جویہ جاری کرمژہ۔ مولانا عطارؒ سٕنز اکہ حکایژ ہند خلاصہ۔

دوہ اکہ اُس زلیخا وتہ بیٹھ بیمز، بے مار، یتنہ یانہ نش بے خبر اُچھن نہ گاش، یوسفؑ یوسفؑ ونان۔ یوسفنؑ وُچھ تہ وۄن نس ژکیاز نے یکھ پیغمبر سٕنز بدنامی ہند قصہ۔ حضرت جبریلؑ دوٚتھ تہ وۄنُن یوسفسؑ خُدائی پاغام۔

چو اورا دوستی تست پیوست

مرا با او زبہرت دوستی ہست

# اَدَبی تجربن ہُند تقابُلی مُطالعہ

غلام نبی خیالؔ

دُنیہکین ییوٚن یوٚن مُمکن تہٕ زبانن ہُند ادب الگ الگ زمانن ہندِس پس منظرس منز اکھ أکِس مقابلہٕ انُن تہٕ پرزنٲوِتھ مطالعہ چہِ کہوچہِ کھارُن ییکہِ اکھ عام اصطلاح اٰسِتھ مگر اُمکی امکان تہٕ واضح تصویر ہیکن نہٕ توٚتام بدِ کڈِنہٕ یتھ یوٚتام نہٕ اتھ تقابلی مُطالعس تاریخی، سماجی یا ثقافتی رُنگ کُنہٕ حدس تام ہشر آسہِ نہٕ نہٕ آسِس حالاتن تہٕ تاریخ ساز واقعن ہُند اکھ أکِس نِشہِ مُتأثر سپدنُک عمل ڈٲکھِس۔

مثالے پیٚلہِ اُسی عُمر خیامنہِ یہِ رُباعی چھ پرٲن ؎

مے خوردنِ من نہ از برائے طرب است
نہ از بہر فسادو ترکِ دین وادب است
خواہم کہ بہ بے خودی برآرم نفسے
مے خوردن ومست بوُدنم زیں سبب است

یتھ زن مےٚ یتھ کُنہ ترجمہ چھ کوٚرمُت ؎

مے کسٕ تہٕ چھُمنہٕ مطلب گرٛنہٕ تہٕ شادیاہ فرحتھاہ
لااُبالی منز نہٕ چھُس کاُفر نہٕ چھم دینُک طمع
چھُمنہٕ کینہہ یار وامایوٚز ہول ہیوٚ چھم یتھ دِلس

بَس دوٚہَس راتس گوٚژھم روزُن سرٕوٗداہ مسٕتیاہ

سانِہن ذہنَس منٛز چھُ یاٚنۍ پانَے یہِ خیال یِوان زِ غالبس چھُ تمہٕ وِزِ اُمی احساسُک اکھ نقشہٕ دِلس کھٔنِتھ گوٚمُت یێلہِ تٔمۍ ونیو دس

مے سے غرض نشاط ہے کس روسیاہ کو

یک گونہ بے خودی مجھے دن رات چاہیئے

یِتھین پَچھے یہِ کتھ لازمَن نظرِ تَل تھاوُنۍ لایق زِ یِمَن دوشوٚنۍ حوالن چھِے اکھ اکۍ سندِ تہذیبی تہٕ ثقافتی پتھ کالچہِ ملہِ مشہِ منٛز ہم آہنگی حاصل۔

اَتھ برعکس یێلہِ حافظ تہٕ گوٚئٹے سُند ادبی تہٕ ذہنی تعلق یا دِ گرٛزھِہ کیٚن ہیٚبن ژھار چھِے یِوان دِنہٕ تمہٕ ساعتہٕ چھُ ٹاکارٕ پاٹھۍ لبنہٕ یِوان زِ یِمن دوٚن ادیسن ہٕنز سماجی یا ثقافتی پسِ منظرس منٛز اکھ اکِس سۭتۍ کانہہ واسطہٕ۔ صرف پَچھے حقیقت یہِ زِ گوٚئٹے سُند دیوان حافظ جرمنی زبانۍ منٛز پرُن تہٕ تمیک سوٚن اثر قبول کرنے چھُ تس خیامس تہٕ غالبس نکھ انان یێلہِ زن سُہ تہِ "ساقی نامس" منٛز اکھ بدھوٚنہٕ تہٕ انزان ہاحول سرتاز کرِتھ وَنان چھُ

بدست جوانۍ چھِہ شراہٕ محتاج

مگر اَسہِ سارنے پَچھے بے خودی ٹاٹھ

تِکیازِ اگر بُجرِ یێترِھ سورِ ہمتین دوٚہن آکو دیُن

تێلہِ چھِہ شرابہٕ ورائے کانہہ ڈوٚکھاہ

زندگی پَچھے یِتھین چھوکن پانے مہلامہٕ لاگان

تہٕ شراب چھُس اَتھ سارِ سۭتۍ دگ تھلاوان

گوٚئٹے ہندس مغربی دیوانس منٛز پَچھے اکھ نظم یتھ ناو چھُ "جِنیج بشارت بوزن والی۔" نظمہِ ہند پوٚت منظر چھُ غ۔ وہٕ بدر۔ یتہٕ تارکھ نب ہیٚتھ اکھ رات یتھ منٛز آنحضورنٛ ہنٛز آواز ہیچھ پاٹھۍ یمَن، لفظن منٛز کنٛن گرٛزھان پَچھے

دُشمنِ ایمان کافرس دِیو پننین دٕہر باجن ہُند ماتم کرنہٕ
مُشرک چھِ وونی تمتین یمتِ
بیٚتہٕ پیٹھ پہٕ کانہہ پوٚت پھیرٲن چھُ
وونی یم سٲنی یم بٲے بیٚتین یمتِ چھِ
یہندِس شہادتس پیٹھ مہٕ کٔرِو ماتم
یم چھِ وُنی کیٚس تارکن ہندِس زوٗلس منز۔ بھٹراوکٕرتھ
ستوٗ آسمانوٗ چھِ یمن پراران پراران
یننین کوٚچھن ہندی برٚیِہ تراٚوی ہتہٕ
تہٕ یم چھِ جنتہٕ کِس دروازس
چکہٕ چاوٕ سان ٹھُک ٹھُک کران
یہندِ بایتھ چھُ تیٚہٕ ۔۔ تہٕ سورُے موٚیسر
یِنہٕ یم خابس منز تہٕ ہکہٕ ہٕن وُچھتھ
مےٚ چھُ یہٕ سورُے بیٚنو چشمو دیدماہہٕ وُچھمُت
سُہ اوس شبِ معراج
تہٕ بہٕ اوسُس بُراقس کھٔستھ
دوٗر دوٗر تام کایناتکی عجیباتھ وُچھان

اَمہٕ پتہٕ چھُ گوٚیٹے اکھ طویل مگر بےمثال نظمہٕ منز شہلی کُلین، رُس دار میوٕن، رنگارنگ پوشن تہٕ حوٗر نعمن ہُند تہٕ جہادک تہٕ شہادتک تتھ کٔنی تذکرٕ کران زِ اکھ فن پارس حرفہٕ حرفہٕ تہٕ سطرِ سطرِ قرانس سٕتی تقابلی مُطالعہٕ کرنہٕ ورِزٕ ہیکو صاف پایہٕ ٹھٕ یہٕ راے دِتھ زِ یہٕ نظم چھےٚ سیدِ سیوٚد قرآنی آیتن ہُند ترجمہٕ۔ فرق چھےٚ صرف یژہے زِ

گوئٹین چھُ اَتھ منز اکھ سہ رومانی تہٕ آفاقی تصوُر پادٕ کورمُت یتھ اسطوری ملہمِش تہٕ پچھے تہٕ ییمہٕ نِشہٕ قرانِ پاک مُنزہٕ چھُ۔

حافظن سدا بہار اثرٕ ستیٖ سرشار سیدِتھ چھُ گوئٹے اَسہِ بیٚیہِ یےشونکھ پأٹھۍ غالبنِس مخصوص عالمس منز واتناوان یئلہٕ سہٕ ونان چھُ سہٕ

بہٕ چھُس وُنی کیس میخانس اندر

تن تنہا کُنے زون رٕہتھ

مےٚ برونٹھ کنہٕ چھُ جام تہٕ سُرٕے

اَما۔ ییمہٕ کھوٚتہٕ کیاہ زن ہیکہِ خلوکھ جایاہ آستھ

نہٕ چھُ ییتنِن محتسب سُند خوف

تہٕ نہٕ وعظ خوانہٕ سُندٕے بیم

مےٚ آندی آندی چھُ میانہٕ وٕے خیالو کلاے زن گوٚنڈمُت

تہٕ بہٕ چھُس اکہٕ بے ناو شارٕ گرفتار کورمُت

یہٕ مشہور جرمَن شاعر تہٕ فلسفہٕ دان چھُ یُتہٕ بیٚیس اَکس مشہور نظمہِ "ہجرتس" منز سہٕ پُراسرار تہٕ پُرخمار ماحول پادٕ کران یُس اَسی عام پأٹھۍ حافظ، سعدی، نظامی تہٕ غالبس ستیٖ وابستہٕ کران چھِ روٗدی متیٖ سہٕ

North and West and South are breaking,
Thrones are bursting, kingdoms shaking.
Flee then, to the essential East,
Where on Patriarch's air you'll feast.

اَمہٕ نظمہِ ہُند آغاز یُس زن مغربی ادبس منز اکھ نوو آغاز بنیو یُتہٕ زبأنی منز پھرُن چھُ ییتنِن باسان ضروری تاکہ اَتھ منز یُس مشرق تہٕ PATRIARCH آہتی چھِ تمن ہُندٕ ییہٕ ہناو ہٕ بڑھنے تہٕ کرنہٕ۔ تہٕ کأشری پأٹھۍ ہنکھ یم مصرٕ یتھ کُنہٕ تأرتھ سہٕ

شمال، مغرب تہٕ جنوب چھہ چھلہٕ چھلہٕ گرٛھان
شاہی تخت تہٕ تاج چھہٕ لایہٕ پوان
حکومژن چھہ بنیٖن ژامُت
ییٚکو ۔ کرو تیٚلہٕ اَسہِ مشرقس کُن ہجرت
ییٚمیک اَسہِ حاجت چھُ
ییٚتہٕ زٕ ھتی اَسہِ سُہ پھوکھ دِن
یُس سانٛی ضیافت بنہٕ ۔

PATRIARCH تلہٕ چھُہٕ گوئیٹے سُند مُدعا کُنہِ سلطنتُک حاکم یا کُنہِ قبیلُک سردار، سُہ چھُ یمَن ہنسبت ینہٕ بیزاری پانہٕ باوان ۔ البتہ یہ PATRIARCH چھُ مشرقُک سُہ خُدا دوس تہٕ صاحبِ دل پیٖر بزرگ ییٚمہٕ سُند پیٖر پھوکھ بیمارن تہٕ بیزارن نوٚ ولٕس بخشان ۔ گوئیٹے چھُ اَتھی پھوکس بہترین ضیافتُک معنہٕ دِوان ۔

یہ فن پارہٕ چھُ تیٚسند خیال آرائی ہندِس سفرس منز تمیٚس تتھ پتھ کالس کُن کل کڈان یتھ بہلین ، خضر، کلُبن ، قہوک ، کستوٗری نانکُ تہٕ بابا پارمنڈی ین تہٕ سرین ہند الف لیلوی دُنیا وُنو ۔

مغربس مقابلہٕ مشرقس آلو لایتھ تہٕ سُہ نالہٕ مَتہٕ رٹنکھ ارمان ہیتھ اوس تمہٕ ساعتہٕ گوئیٹے لیس سُہ مشرق خابی آمُت ییٚس اکہٕ خاص تہٕ سرورٚ بخش ماحولُک تہٕ انسان نواز تہذیبُک ، آگرُ اوس تہٕ ییٚس سانہٕ بدن وُرین ہند بو جاری تا تہٕ انسانی شرافتُک پیکر تہٕ عظیم انسانی قدرن ہند ترجمان تہٕ راچھدر اوس بنیو ومُت ۔

گوئیٹین اَس ینہٕ زمانس منز مغربس تہٕ خاص کر یوٚرپس اندر یوٚتُس پتھ خانہٕ جنگی ین فتنن تہٕ فسادن تہٕ انقلابن منز خوٗن ریزی وُچھمژ تہٕ سُہ اوس اَمہٕ وحشت ناک ماحولہٕ نشہٕ بیزر آمُت ۔ اَوے باسیو تَس حافظن مشرق اکہٕ پُر سکون تہٕ خوشگوار فضہُک مُشک زنہٕ دُن

ہٕ انسأنی حیاتس آے نہٕ پأے کانچھ وُن بدلے دُنیا۔

اُتھی نظمہِ منز چھُ گوئٹے، حافظ شیرازی یَس خراج تحسین اداکٔرتھ اعتراف کران زِ "یێلہِ میون محبوب کنہٕ آبہٕ جوٗیہِ لنش مشک بار زُلفن واٗش کڈِتھ نہٕ ناز نہٕ نخرٕ ہاوِتھ میون دل رنیہِ تمہِ ساعتہ بیکھ منے ژٕے یاد۔"

اثرپذیری نہٕ اثراندازی ہندی اَمہِ سلسلن دِژ گوئٹےٚ یس دلیوان حافظ پٔرِتھ پننُ دیوانِ مغربی تخلیق کرنٕچ ترغیب نہٕ یێلہِ اقبالن پیامِ مشرق لیوٗکھ سُہ اوس اَمہِ سے اطالوی شاعرٕ سندِس دیوانس جواب یتھ اقبالنِ ووستاد پروفیسر نکولسنن اکھ تھٕبکُن لایق جواب ناوکوٚر۔

حافظن کوٚر گوئٹے یتھ حدس تام متأثر زِ دِژنس اکھ سٕر ثوبوٗت مغربی دیوان تخلیق کرنٕچ تحریک نہٕ یوٚہے گوئٹے یێلہِ اقبالس سٕنتھ گوو تمیٚ لیوٗکھ پیامِ مشرق یُس فارسی زبأنی منز تَسنزِ بہترین شاعری ہنز سوٚمبرن چھےٚ۔

مگر عجیب کتھاہ چھےٚ یہِ زِ اقبالن کوٚر پانہٕ حافظ رَد بلکہ کٔرنس لعنت ملامت نہٕ۔ حالانکہ اقبالن اوس حافظ براہِ راست فارسی زبأنی منز پوٚرمُت نہٕ گوئٹےٚ سندی پأٹھی اوس نہٕ تمیٚ اَمِس شاعرِ شیرازٕ سُند کلام جرمنی ترجمَس منز پوٚرمُت۔

۱۹۱۵ ہیس اندر سپز اقبالنٕ "اسرارِ خودی" چھاپ نہٕ تَتھ منز آے حافظس زنگہٕ زنگہٕ ناوکڈنہٕ نہٕ تس آو شرأبی، ژھاوج نہٕ باغہٕ سٕرف تام وَننہٕ ے

هوشیار از حافظِ صهبا گُسار — جامش از زهرِ اجل سرمایه دار

نیست غیر از باده در بازارِ او — از دو جام آشفته شُد دستارِ او

طوفِ ساغر کرد مثلِ رنگ مے — خواست فتویٰ از ربابِ چنگ و نے

گوسفند است و نوا آموخت است — عشوه و ناز و ادا آموخت است

مارِ گلزارے که داد و زهرِ ناب — صید را اوّل همیں آرد بخواب

بے نیاز از محفل حافظ گذر          الحذر از گوسفندان الحذر

گوئٹے سُند حافظُن اثر دلہٕ جایہٕ قبوٗل کرُن تہٕ اقبالُن شاعرِ شیراز س ذہنی طور
نکار کرُن چھُ دراصل یمہٕ حقیقتُک تفسیر زِ گوئٹے یمہٕ دُنیہُک بسکینہٕ اوس تہٕ باسے یہ تس دیوانِ
حافظ اکھ ترتھ آواز یمہٕ سأری سے جرمنی شعوٗرس تہٕ احساس کنِن توٗگنِ گرائے کرِ تہٕ نوٚین سوٗرن
دِتُن ضرب۔ اقبالس اوس یہ سورُے ویوٚد تہٕ تِمی کوٚر پنُن جہاد پسند تہٕ خطر پسند فلسفہٕ کس
مقابلس منز حافظُن مست و مخموٗر دُنیا قبوٗل کرنس نہ صرف انکار بلکہ کوٚرُن پنیُن تہٕ باند باند
زِ تِمہٕ روزن امہٕ خیألی دُنیا لِنشہٕ دوٗر یتھ منز حافظ "گاسہ بنہٕ منز زہرِ پلہٕ سرفہٕ پندی پأٹھۍ
زاگرِ چھُ" چھُ گوڈٕ پنتس شکارس بے خود کران تہٕ پتہٕ تس اَم کران "۔

ہندوستان تقسیم سپدن وقتہٕ یِم فسادوٚتھی تہٕ یِمن ہند شدید تہٕ منفی اثر بنگالس
تہٕ پنجابس خاصکرِ تھ پیوٚ تِمیُک ماتم چھِے امرتیا پریتم تہٕ کران تہٕ تس تہٕ چھِ پنجابکی ڈری یاو
خوٚنہٕ سٕری گرتھان پِوان بوزنہٕ۔ مگر دلچسپ کتھ چھِے یہ زِ سو چھِنہٕ پننین احساسن ہند اظہار
بایتھ تمہٕ دوٚیمہٕ جنگِ عظیمُک کانہہ حوالہٕ دِوان یُس برابر پانژن وٕری ین شین کرورن لُکن
ہُند قتلِ عام کرِتھ تہٕ نصف دُنیہس ڈہِ ڈاس کرِتھ صرف ترےٚ وٕری برونہہ یعنے ۱۹۴۴ء
یَس منز اند اوس ووتمُت۔

اَتھ برعکس چھُ امرتیا پریتم سند خیالُک سِلسِلہ لازمی طور تس پننی زبأنی ہندِس
بُزرگ رِشتہٕ دارس یعنے وارث شاہس سِتۍ وابستہٕ پِوان لبنہٕ یُس کُن سو عارِ برزو چشمو
دُچھان تہٕ یِم ودِ اکھ لایان چھِے ؎

Once wept a daughter of Punjab,
Your pen unleashed a million cries,
A million daughters weep today,
To you, Waris Shah, they turn their eyes.

Awake, decry your Punjab,
O Sufferer with those suffering!

Corpses entomb the fields today,
The Chenab is flowing with blood.

کٲشِر ہِندِ بوٚ ہم عصر ادیبو یوٚدوَے زَن مختلف ماحولن ہِندِین الگ الگ مرحلن پیٹھ نیبرِم اثر قبوٗل کرنٕچ تہٕ تِمن ہُند ردِ عمل ہاوِتھ ادب تخلیق کرنچ کوشش کرِتہٕ مگر اَسہِ یوسہٕ اکہِ مخصوص پیٹھ کاپِچ تہٕ تِمہِ کہ ثقافتی تہٕ ادبی دُنیہچ بُنیاد چھِ یمہٕ تتھ ہیوٚکہٕ کٗنہٕ زٔنگ کانٛہہ شگاف سَپدِتھ۔

کاشرِس ادبس منٛز۔ مغربیتُک دخل تہٕ چھُ وارِہس حدس تام موجوٗد مگر اَتھ مقابلہ چھِ ساٚنۍ شاعر زیادٕ ترحافظسَ تہٕ خیامسَ۔ غالبسَ تہٕ اقبالسَ تہٕ فیضسَ تہٕ جوشسَ لَرِ لوٚر پے پکان۔ یِم رلہٕ ووٚنۍ خیال تہٕ چھِ اثر پذیری ہِندِس اَکِس خاص پسِ منظرس منٛز۔ وۄپدان۔ لہٰذا ہیکوٚ نہٕ اَسۍ یِمن گوٚنہٕ ماتِن ستۍ تہٕ کٲشِرِ ہنٛز جدید شاعری ہُند تقابلی مطالعہٕ اکھ مسلسل موضوع بناوِتھ۔

مزاحمتی ادب چھُ سارِنے زبانن تہٕ سارنے ملکن منٛز۔ لیکھنہٕ آمُت تہٕ لیکھنہٕ چھُ یوان۔ اَتھ منٛز تہٕ اگر اَسۍ پرانۍ مثال بدِ کڈو، تہٕ تتھ آسہ برابر سانہٕ وطنکِ حالُک کانٛہہ حسبِ حال رنگ تہٕ روٗپ۔ سُہ کرِ نہٕ اَسہِ منٛز۔ حاراَنی ہُند کانٛہہ جذبہ بیدار تکیازِ بتان چھُ زِ تمہِ ساعتہٕ تہٕ آسہَن تِمےَ حالات یِم اَز دُنیہکین کتین علاقن منٛز۔ موجوٗد چھِ۔

مثالہٕ پأٹھۍ چھِ گوٚیٹے ہنٛز۔ اکہِ نظمہِ ہِندی کینہہ شاریوسہٕ تِمۍ اَز بروٚنہہ تقریبن زٕ ہتھ ؤری لیچھ۔ وُچھُن چھُ یہِ زِ کتھ حدس تام چھِ لفظ لفظہٕ مِصرٕ مِصرٕ سانہٕ اَزِکہ ماحولچ تصویر کشی کران۔

اَمہِ نظمہِ ہُند پیرایہ ورتاوِتھ چھِ آنحضورؐ اَکِس شاعرس کُن یتھہٕ پأٹھۍ خطاب فرماوان

کیا تٕہہ چھِکھا مُسلمانن ستۍ رلہٕ ووٚن کانٛہہ انسانی روٗح؟
کیا تٕہۍ چھِتھا خُدایہ سنٛز وَتہٕ منٛز جہاد کوٚرمت؟
کِنہٕ بیٚیہِ کانٛہہ کمَے کرِتھ چھُک آمُت؟

ژٕے منز چھا جانبازی ہنز کانہہ کتھاہ ؟

کِنہٕ بٔلۍ چھک جنت ژھاران ؟

یِکھ — بروٚنہہ یِکھ !

تُلۍ پننین چھوکن پٔلوٚ نھوٚد تہٕ ہاو

اگر چانۍ زخم چانہِ حقہٕ گواہی دِن

بہٕ تراو اٗزی چانہِ باپتھ

جنتکۍ سارۍ درواز یلہٕ !

گوٚئٹے ہنز یہٕ نظم اٗسٕتن دُہہس منز کِنہٕ تہٕ جایہ تَتہٕ کیٚن حالاتن ہُند اٗنہٕ ہاوان مگر اَتھ پیٹھ لیُس بنداٗتی اثر بیوٚ مُت چھُ سُہ چھُ آنحضور صلی اللہ علیہ وسلّم ہندین غزوٚن ہندِ مقصدُک تہٕ معنی ہُک ہرترأسہٕ تام واتناوان۔

اَدبہٕ کِس وسیع تہٕ وِشال دُہہس منز چھےٚ کیٚہنہ تِژھ کتھ یا یہٕ ڈٕلِزہٕ تِتھۍ معجزٕ تہٕ سپدان زِ یِمَن وول چھُ ششدر روزان۔ سانین اکثر صوٗفی شاعرن ہنزِ شاعری منز چھُ عجیب پاٹھۍ یوٗنانکہ کلاسیکی ڈرامہُک اسلوٗب تہٕ وُطیر حاراں کُن حدس تام درینٹھ گژھان تہٕ واقعن ہِنزٕ لیُس ورناو کرنہٕ چھُ آمُت سُہ تہٕ باسان زِن اکی ذہنُک تہٕ سونچُک نتیجہِ۔ خیالن ہنزِ اَتھ حیرت ناک ہم آہنگی تہٕ ہم نوائی وَنہٕ ہوٚ ٹیلی پیتھی ( TELEPATHY ) مگر سو چھِنہٕ ادبی اصطلاح اما پوٚز یِموٚ مثالو تِلہٕ چھےٚ یہٕ کتھ ٹاکارہ پاٹھۍ نِنٛ نیران زِ ادبن تہٕ زبانن ہُند پوٚر پوٚر اثر چھُ عام طور دوٚن بیوٚن بیوٚن علاقن تہٕ تہذیبن ہندین قلم کارن تہٕ فکری تہٕ تخلیقی رٔنگۍ تیوٗتاہ نزدیک اٗنان زِتِم چھ اکی تجربٕکۍ تمہٕ کہ اظہارکی تہٕ بیانکۍ ترجمان باسان۔

ہیٚلہٕ یوری پیڈیز ونان چھُ سہٕ

اولمپس منز روزن وول زیوس

چھُ وارہین کامِہن دِس تُلان

دیوتا     دیوتا چھِ کہرٕ تیرٕ کتھ اَند واتناوان

یمَن تام نہٕ سون گمانہٕ واتِتھ ہیکہٕ

یہ اَسی سونچان چھِ تہٕ چھُنہٕ پوٗرٕ سپدان

تہٕ ییمیک نہٕ اَسہِ ظون تہٕ آسان

دیوتا چھِ تتھ اَند پوٗر دِوان

اَسہِ چھُ ییمنَن کینژن صوفی شاعرن ہندِس کلامس منز تہِ یوٗری پیٹھ یژٕن یہ نادیدٕ

گمانہٕ پھری پھری بروہنہ کُن یوان۔

رحمان ڈار ونان ؎

تدبیر کران عمر مالہِ راوم

تقدیرٕ آم تو وَنے

یی لانہِ لیوٗکھنم لوحِ محفوظس

تی چھس نکھ والان

تہٕ نعمہ صاب تہٕ اَتھ فلسفس ووکھنے کران ؎

ہا میانہٕ ازلہٕ لانہٕ

کس کیاہ لیکھتھ گوکھ

کرمہٕ لون کسوٗ زانہٕ

سُے نو مٕتے وُنہٕ آو

مُلکی نظامن منز سماجی تبدیلیہٕ، زمانن ہندی سماجی انقلاب تہٕ قومن ہنز حاکمی تہٕ غلامی

چھ وقتہٕ وقتہٕ زبانن ہنز علاقہٕ واد حدبندی پھُٹراوِتھ یمَن ہُند سفر تہٕ منزل تہٕ بدلاوان

تہٕ اَتھ عملہٕ منز چھ غالب تہٕ زوردار تحریکہٕ ہنز اثر قایم کران۔ ادبس پتہٕ تہٕ چھیے یہ عمل ساپ

وادو وٗری یوٗ پیٹھ جاری۔ جبری اثر اندازی یا رضا کارانہٕ لین دینک یہ سلسلہٕ چھُ گاہے زبانن

ہُند نام ونشان تام نابوُد کران تہٕ تِمن ہُند ادب تہٕ چھُ بیتہٕ پاٚنی پانٔے گال کھاتِس گژھان۔

کاٚشُر زبان تہٕ چھےٚ ناہموار تہٕ خوشگوار مرحلو منٛزی گُذریمژ۔ مگر امہِ چھُ ساٲری موافق تہٕ مخالف اثر قبوٗل کرِتھ یا تِمن سینہٕ سپر بیٚیدِتھ پننِس سرِ ثوٗبوٗت وجوٗد قائیم تھووُمُت بلکہ چھِہ یم رنگہٕ رنگہٕ اثر تہٕ تبدیلیہٕ اَتھہٕ یوچھرِ تہٕ وُسجار بخشنک تہٕ باعث بنیمژٕ۔ یوٚہے چھُ کاٚشرِ زبانِ ہِند عظمتُک تہٕ امہِ کِہ ذٔسی ادبُک حسُن تہٕ رِژر پاٚنی راوُنکُ تہٕ بیتہٕ سُہ ورتاوُنکُ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ثبوٗت۔

# شاعری ہنز زبان

پروفیسر شفیع شوق

مبالغہٕ چھُ شاعری ہنزَن بُنیادی خصوٗصیژن منز شامِل تکیازِ مبالغہٕ ورتاوِتھ ہیکہِ نہٕ شار بنِتھ۔ معروٗف تہٕ معموٗلکین چیزن، احساسن تہٕ جذبن اظہار دِنَس منز چھُ شاعرس حقیقتٕ تہٕ تجربِ لسانی باوتھ منز باگ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ فاصلہٕ پادٕ کرُن پیوان تاکہ شاعر سُند پیش کوٗرمُت پزر بنِہ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اندیشہ سوو۔ تِم ہیکن نہٕ توتام پرن وٲلِس متاثر کٔرِتھ یوتام نہٕ محبوبہٕ سندِس کمرس مَس وال وَنن تہٕ سیدٕ ساد جوانن شاہین، تہٕ شاعرن چھُ یہ وَل ورتاوُن منز تیوٗت تگُن زِ شاعری پیٹھ فریفتہٕ پرن وول چھُ مُشبہ تہٕ مشبہ بہ کُنے زانان۔ یتھے ہیوٗ مبالغہٕ چھُ شاعرٕ وَنِنہِ شاعری متعلق تہٕ ریژہ پاٹھۍ ورتووُمُت۔ اَتھ مبالغہ بازی ہندِس شوقس منز چھِہ مشرق کیو مغربکۍ شاعر ہوی شریک تہٕ یہ ریت چھنہٕ تنی پیمرٕ تہٕ شاعری ہنز کتھ وُرتھ۔ افلاطوٗنن ووٚن شاعرس رسوٗل۔ "شاعر چھُ مقدس چیز اَیُس لوٚت چھُ تہٕ یُس پکھ چھنے۔ اُمِس چھِنہٕ توتام کانہہ فن آسان یوتام نہٕ الہام میلِس تہٕ یوتام نہٕ سُہ جسہ ہوشہٕ ڈولمُت آسہِ تہٕ پانس تام آسِس نہٕ کہنہ روٗدمُت۔ یوتام نہٕ تَس یتھ کیفیتس منز پیہِ توتام ہیکہِ نہٕ سُہ پننہٕ الہام ظاہر کٔرِتھ۔" (ایان) یتہٕ گُساسہٕ بدی وٚری تہٕ شاعرن چھنے شاعری متعلق ییہے راے۔ مثالہٕ چھے بسیار۔

یِیارٕ رُوٗد ادبی تنقید گوڑ پیٹھے شاعرِیہ سٟتۍ مغلوب ۔ نقادَن رُوٗدی شاعرِیہ ہُنٛز
زبانہِ متعلق مبالغہ آرأیی کران تہٕ اَتھ منٛز اکھ اَکِس سٟتۍ مان کران ۔ شاعرِیہ آدجود وَنہٕ، یِیلہٕ
زن نہٕ جود پانہٕ کانٛہہ وجوٗدے چھُ تھوان تہٕ شاعرِیہ منٛز کیاہ آسہ جود، 'طلسم خانن بَرٕ مُٹرٲوِنی ہوو
قصیدہ کیاہ معنی چھِ تھوان یِیلہٕ زن ہنہٕ کُنہٕ طلسمے چھُے تہٕ نہٕ چھُ کُنہٕ کانٛہہ طلسم خانے ۔ شاعرس دوٚپکھ "دیدہ بینائے
قوم" یِیلہٕ زن پَرٕزٕریہ چھُ زِ شاعر چھُ نہٕ شاعرِیہ منٛز پانسے ژھارُن تہٕ پرزناوُن کوٗشش کران، یِمیٚن
کیاہ ژھارُن تہٕ پرزناوِ ۔ شاعرن تہٕ شاعرِیہ متعلق یِتھی سروٗنٛٹھ چھ دراصل "شوخیٔ تحریر" تہٕ بیٚیہ نہٕ
کِہنہٕ ۔ تشبیہ تہٕ استعارٕ گرنک پرون شوق تہٕ یِتھی کلمہ چھنہٕ اَسہ شاعرِیہ متعلق کانٛہہ تہٕ نوٚو زان دِوان ۔
اَتھ کرتب بازی ہِندِس شوقس منٛز چھِ مغرب تہٕ مشرقکی نوٚوی کیو پرٲنی اکثر نقاد ہوی ۔

پَرٕز چھُ ژکہِ یہِ زِ بیٚتہٕ زبان ورتاونکۍ واریاہ طریقہٕ چھِ مثلاً اخلاقیات، مذہب،
سائنس، فلسفہ، کتھ باتھ، خآر پاٹھ، تَتہٕ پَتھے شاعری تہٕ اکھ طریقاہ ۔ فرق چھُے مقصدچ نہٕ
زِ زبانہِ ہُنٛز فطرژ ہُنٛز ۔ اَسہ بَرونٛہہ کُنہٕ چھُے ساسہ واد وُرِیَن ہُنٛز عالمی شاعری یِکہ ملہ ووت
لکن نٕنیس سوگھس آرامس ڈاکھ کرِتھ اَمہِ شاعرِیہ ہُند مطالعہ کران ۔ مگر ازتام کیاہ میوٚلُس،
کُس ہیوٚک کُنہٕ طلسم خانُک کانٛہہ بَرٕ مُٹرٲوِتھ، کُس ہیوٚک گنجینۂ معنی طلسم مُٹرٲوِتھ، کُس
ہیوٚک دیدوری حاصل کرِتھ، کُمی سُند اَتھہ میوٚل کس شفا؟ یِمن سانہ بدن وُرِیَن کیاہ دِیت
اَسہ شاعرِیہ اَمہِ ورأے زِ انسان۔ بِچور چھُنہٕ کِہتی زانان تہٕ شاعر کیاہ آسہ پانہٕ زانان؟ سٕٹھ
کرور وُری پَرٕزون انسان یِتھ پاٹھۍ تیٚلہِ بُترآتہٕ بیٹھ کھیٚن جیٚن تہٕ جاے ژھارنہٕ موکھ
حالِ حآران تہٕ پریشان اوس، تِتھے پاٹھۍ چھُ ازتہٕ ۔ فرق آیہ ہناہ آمن تہٕ ہتھیارن ہُنٛز شکلہِ
منٛز ۔ تہذیبچ تام ہناد ترقیہِ سٟتۍ سٟتۍ رُوٗد انسانہٕ ہُنٛز دہیہ منٛز ۔ تٕمی سٕندِس وحشتس تہٕ دہشتس
منٛز ہُرہ یِس دان تہٕ تٕمی سُنٛز تنہائی روٗز دوہہ کھوتہٕ دوہہ زیادٕ کرِتھ بنان ۔ دُنیہکی ساری شاعر
آیہ سانہ بدبو وُری یو بیٹھ آسی دِیہ ہُنٛز، دہشتہٕ چہ، تنہأیہ ہُنٛز دٔلیلہ بوزناوان ۔ اَمنٛزی
اُمُزی رُوٗدِ تھی افسانوی دُنیا تہٕ آباد کران یُتھ یہِ پرٕزر برونٛہہ ڈکن یِیہِ تہٕ سٟتی ہکن اَسہ اَمکہ

احساسہ نشہِ دوٗر نتھ ــــ مأنِ تو یہ تہٕ اکھ کأماہ (یِژھوِ باقی کامہو منز) یتھ منز پرٛتھ زمانکۍ پرٛتھ قومکۍ شاعر آوری چھِ تہٕ برونٛہہ ٹکُن تہٕ ماروزن۔ اَتھ کامہِ منز یُس خام مواد شاعر ورتاوان چھِ، سُہ چھُ زبان۔ سو تہٕ نہٕ پننی زبان بلکہ ساسہ بوٗد وٕری پرأنی اَتھ روٗس پھِر ورتاوٕمٕژ زبان۔ کھرِ اِرن ہندِ آسہ ڈرامژ پرٛاہ وار زبان۔ یمیک پرٛتھ کانہہ ورتاو کینژہہ وقتس منز فرسود چھُ سپدان تہٕ پتہٕ ہے بینیہ تہٕ بینیہ ورتاوہ یہِ کتھ چھِنے بنان اسنس لایق۔ یأری چھُ یاکھ سیایہ یہِ زِ پرٛتھ زبانہِ ہندی لفظ چھِ محدوٗد تہٕ کتہٕ زمانس منز مقرر۔ اَتھ لفظہِ راتس منز ہے اکھ لفظ تہٕ ہر، سُہ آسہ کتہِ اہم تمدنی تبدیلیہ ہند نتیجہ۔ اَتھ صورتحالس منز کرِ ہے شاعر تہٕ کیاہ کرِ۔ برونہہ کالہ اوس شاعر امہِ تنگ کنڈلہِ منز نیرہ نہ موکھ اسطورن ہند ڈوکھ رٹان۔ (حالانکہ اَیأری تہٕ اُس شاعرن مان مان تِمیاز اسطور تہٕ آسی نہ لامحدوٗد۔) مگر اَزِ کِس یتھ زمانس گٔے ساری اسطور چھلِہ چھانگرِ تہٕ انفومینیا INFO - MANIA چھُ پرٛتھ کأنسہِ ہندِس دماغس تیزی سان آوراوان۔ کانہہ کتھاہ چھنہٕ یوسہ اسطورن ہنز گوژرِ منز روٗزتھ ہیکہِ۔ یتھ ہے شاعد روایتی استعارس کرِتہٕ کیاہ کرِ۔ براہن شاعرن ہنز کتھ چھِنے پرٛانہِ زمانچ کتھ۔ تمن چھُ تتھی زمانس منز گژھتھ وُچھن تہٕ زانُن۔ سُہ ہے بِرون زمانہ والیس انہِ تہٕ کتھ؟

مگر شاعر یہِ چھُ اکوُہمہِ صدی منز تہٕ شاید زندے روزن تہٕ تمہِ پتہٕ تہٕ ما، سُہ کوسہ زبان ژھارِ؟ تس نش چھنہٕ کانہہ تہٕ شارہ زبان تس چھِنے بینہٕ شاعریہ ہنز زبان ژھارنی۔

"شارہ زبان" تہٕ "شاعریہ ہنز زبان" چھِ زِ بیوٗن بیوٗن تصور۔ شاعریہ ہنز زبان ہیکو آسی تیٖلی زانتھ یٖلہِ اَسی "شارہ زبانہٕ" ہند سیایہ اَنز راؤو۔ یوٗز یہِ کھٕر چھِ تموے لکوٗ ٹمُت یِم اَتھ کارس ستی روٗدی ہتی چھِ۔ اَزِ کِس زمانس منز۔ گوو یہِ کھُر زیادے کروُتھ تکیازِ سائنس زمانس منز چھُ شعری جمالیات پرٛتھ زبانہِ منز اکھ خود مختار تہٕ خود کفیل سُہ علمی شعبہ بنیومُت یتھ شاعریہ ستی کیٚہ رشتہ چھُ تہٕ کار چھُس اصطلاح سازی۔ پرٛتھ

کاٗہہ نقاد چھُ نوٗ کتھ وَنہٕ کس جنونس منز۔ کاٗہہ نوٚو اصطلاح گرہٕ موکھ ساٚری ہے وٲنہٕ شاعری ہنٛز دوٗر روٗزتھ شاعری پیٹھ کتابہٕ لیکھنہٕ پنٕن نفع بخش پیشہ بناوان۔ عصری تنقید چھُ سنسکرت جمالیاتکی پاٹھۍ نظریہٕ سازی یہ شاستر زکر وہس منز پھسیومُت۔

سنسکرت جمالیاتس منز چھےٚ نظریات یا شاستر ن ہنز رمبہ وۄنہٕ مندور لدنہٕ آمٕژ خاصکر کشیر منز یتہٕ سنسکرت صرف دربارس تامے محدوٗد اوس۔ ) مگر سنسکرت ادب وُچھتھ چھُ باسان زِ یمہٕ مندورِ چھےٚ ہوائی قلعہٕ تکیا زِ تتہٕ چھنہٕ تیٚشتھ کنِہ یتھ کرٕژھ یم مندور شوٗبہان۔ عصری ادبی جمالیاتک تہٕ چھُ یوٚہے حال۔ یٚتی یوت نہٕ بلکہ امریکہ ہس منز تہٕ یتہٕ کینژو شاعرو خاصکر تھ زنانہٕ شاعر ولفظن ستی گیندن، گرُن تہٕ پھٹرُن پنُن شوغل بنوومُت چھُ۔ اوٚکنۍ چھُ جان یِ زِ شار زبانہٕ تہٕ شاعری ہنز زبانہٕ ہنٛد بحث یمہٕ عصری تنقید چہ شکل پنٛدریہ ہنٛز ڈلیتھ کرہٕ۔

شاعری چھےٚ تجربک لسانی اظہار تہٕ تجربہ چھُ زِ کہ ناقابل اظہار۔ زبان ییلہ نہٕ دود دگ، مز، مشک، دچھمُت، لوٗرمُت بیان ہیکہ کرتھ، تخیلی تجربہ کتھ پاٹھۍ سنا ہیکہ کرتھ۔ یہرتھ کاٗہہ شعر چھُ بذاتی اظہار بایتھ ژھرٕ ژھرکھٕ تہٕ امہ بایتھ چھُ سہٕ ابلاغک ناکافی وسیلہ اختیار کران۔ اُسی چھ یمنہٕ تجربہ کین حسی حُرزن ناد دِوان۔ امہ ناد دِنہٕ ستی چھ اسی منتشر حسی محرکاتن ہندس رد عملس منز یادہ گمژتس انتشارس ترتیب تہٕ تقویم انُو یٚرتھان یُتھ اسی اتھ بیٹھ سوٚچتھ ہیکَو۔ یہ زن گوٚ اسی چھ اندری اندری ہنٛس حسی موادس یمنہٕ زبانہٕ منز ترجمہ کران۔ یتہٕ ییلہ اُتھی ژھوپہ زبانہٕ، زیو کڈتھ یا قلمہٕ لیکھتھ اُسی صوتی یا تحریری اظہار چھ دِوان، یہ چھُ ترجمک ترجمہ بنان تہٕ ادٕ ییلہ یہ ترجمہ قٲرِس تام واتان چھ تمس منز تہٕ چھُ ترجمک ترجمہ شروع سیدان۔ یتھ کتھ سنا پاٹھۍ ہیکہ تنقید شاعری ہنز ورتھنیہ تہٕ فکر تاریخہ عملہ منز مددگار اسِتھ؟ لفظن ہنز علامتیت چھےٚ حساٚوی تفصیلن خیالس تہٕ دِجدانس منز تبدیل کران۔ یوٚہے بتر چھُ الشانہٕ سُند امتیاز ــــ تہٕ یوٚہے چھُ امی سُند بوٚڈ

المیہ تہٕ۔ امتیاز اوکنہٕ زٕ زبانہٕ ہنٛد وسیلے چھہٕ اُسی ساسہٕ بدٕن وٕرین ہندی تمام انفرادی تجربہٕ ژٕ ہتہٕ وٕترس منز سوٚمبراوٕتھ بیہٕ پتھ بیہٕ پکناوان آمتی۔ تہٕ المیہ اوٕکنہٕ زٕ اُسی چھ مجبور گرٕتھان زٕ لفظن ہندس یہٕ پھبس منز برونٹھ کُن آہر پرتھ کتھ ہتی چھ اُسہ یا تہٕ اختلاف کرُن پیوان یا اتفاق ۔ نتیجہ : دُنیاہس منز جنگ وجدلک اژھن سلسلہ۔ مشہٕ گرٕتھان اُسہ زٕ لفظ چھہٕ حقیقت بلکہ حقیقرٕ منز کٕڈ ہتی سأنی اندری معنے۔

پرتھ لفظس چھ اکی آنہ گوڈ بتھے زٕ معنے آسان ؛ گوڈنیک گوو نیری معنے یا وُنو EXTENTIONAL MEANING یُس نہ زانہٕ صوتی اظہارس منز وُپرتھے ہیکہٕ۔ (کُنہ بوزنہ کن ہاوٕو اونگجہ ہتی گمر" بوزنہ" ہُند ناو مہ ہیو۔ یہ تھٕہ وُچھان چھو تہٕ چھ سہ بونی۔) دوٚیم گوو ارادی معنے یا INTENTIONAL MEANING یُس اُسی بیان کرنچ کوشش چھ کران۔ مثلاً 'بوٗنی' لفظک معنے آسہٕ ونُن، دیو بوٗنی چھ اکھ بوڈ بارکُل یتھ موٗڈ تنگ تہٕ بے شمار لنجہٕ آسان چھ تہٕ یتھ پرتھ بنہٕ وٗتھرس ترٕ کھانٹھ آسان چھ تہٕ یُس . . . . بیترٕ۔ یہ گے تہٕ تھے ہِش کتھا زٕ سکوٗل دوہن اوس لکھُن پیوان زٕ گائے ایک پالتو جانور ہے جس کی دو آنکھیں، دو کان، چار ٹانگیں . . . . اُتی چھ ننان زٕ شاعر کیاہ سُنا آسہ کران یلہ تس پننن اُدیبن زاوٕلن تہٕ کھرٕ دار معنین زٕلو آسہٕ دِنی پیوان۔

دود سودای تتق بست آسمان نامیدمش
دیدہ برخواب پریشان زدجہان نامیدمش
دل زبانرا رازدان آشنا میہانخواست
گاہ بہماں گفتمش گاہی فلاں نامیدمش (غالب)

اگرہے شاعر یہ ہندٕن لفظن تہٕ لفظ ورتاون منز حقیقت بیان کرنچ کانہہ اہلیت آسہٕ ہے۔ تیلہٕ آسہے شاعریہ منز اکھ مستقیمی ارتقا سپدمُت تہٕ یتھے پاٹھی امہٕ کہ ذریعہ حقیقرٕ ہندِس ادراکس منز تہٕ۔ اُزکی شاعر آسہٕن قدیم یونانی شاعروکھو تہٕ پرٕتھ تہٕ تھٕ۔ شاعری تخلیق

کران، یا دیہو مستقبلکی شاعر آسن سانہٕ کھوتہٕ بہتر شاعر۔ اَسہٕ آسہے تیلہٕ انسانہٕ سُند سورُے
اوٚندر نیبر زونہٕ مُت تہٕ بروٚنٹھ کُن آسہن اَتھ منز نوٕ کامیابیہٕ ممکن۔ مگر ژٕکہٕ چھ اَز تہٕ اَسی تتھی
ناو دِنہٕ کس ژکرِ وِہس منز، گاہے کُنہٕ یہ ونان گاہے ہُہ۔ یوٚت اَسی زانان چھ تیوٚت چھ
اَسی زانان زِ اَسی چھینہٕ کہنی تہٕ زانان ۔ یِتھ پاٹھی چھے انسانہٕ سنز کُلہم شاعری تمام زبانن منز زبان
وَرتاونُک محض اکھ مخصوص ورتاو، یُس ساجس منز کانٛسہٕ کانٛسہٕ ہیچھنہٕ پیٚہ عادت چھُ بنان۔

شاعری منز ورتاونہٕ یِنہٕ واجنہٕ اَتھ زبانہٕ متعلق چھ واریاہ نظریہٕ دِنہٕ آمتی، یِم ساری
نظریہٕ ہیکو کھ اَسی ترین بڈین نظریہن منز باگراوِتھ؛ تقلیدی نظریہ، نامیتی نظریہ تہٕ دریافتی نظریہ۔
تقلیدی زبان مانَن وٲلی چھ زانان زِ شعری زبان چھے شاعرس بروٚنٹھے وجوٗد تھاوان۔
شاعر ہیکن یتہٕ کوشش ستی پننہٕ زبانہٕ اندر موجوٗد صاحبِ کمال شاعرن ہند تقلید کٔرِتھ یا ووستادن
نِش گرشِھتھ سبق پاٹھی ہیچھِتھ۔ یہ چھُ بذاتی کلاسیکی تصور یُمہٕ مطابق پرتھ صنفہٕ ہنز شاعریہ
باپتھ موضوع تہٕ اسلوٗب گنڈِتھ ژِوٕ پرتھ چھ یِمن ہند ورتاو چھُ انفرادی صلاحیژ پیٹھ دارمدار
تھاوان۔ موضوعکی تہٕ اسلوٗبکی قاعدہ تہٕ ضابطہٕ چھ بروٚنٹھے مقرر، یِمو نشہٕ گریز کرُن گوو یہندی
رکھ پھیٚنچ پارٕ زان نہٕ آسُن۔ افلاطونوی کیو ارسطوبی چھ یِتھ کتھ پیٹھ رلِتھ زِ پرتھ کانہہ
تخلیق چھے پننہٕ مکمل صوٗرت پراونچ کوشش — تہٕ کمل صوٗرت چھے عینی۔ ادکنی کانہہ
تہٕ صنف آسی تن، تتھ منز شاعری وَنن وول یا لیکھن وول چھُ عینی صوٗرت پراونہٕ موکھ سفرس
نیران۔ دارمدار چھُ یِتھ کتھ پیٹھ زِ کانہہ کوٚتاہ اہلیت چھ تھاوان تِم اصوٗل ضابطہٕ تہٕ قاعدہ
ورتاونچ یِم تس پننیو پیشرو و میسر چھ تھاوی متی۔ یہ اہلیت ییٚہ تیلی ییٚلہٕ ہیچھن وول کل تہٕ
ژیڈ کرِتہٕ راتھ دوہ پرانین وُچھ وُچھ ہیچھان روزِ۔ ہورس (۶۵-۸ ق م) چھُ "شاعریہ
ہُند فن" مقالس منز لیکھان زِ شاعریہ ہنز زبانہٕ ہُند لازمی شرط چھُ پاراو یا DECORUM
یِتھ ارسطوون 'پریپان' PREPON' ووٚنمُت اوس۔ اَتھ منز کمال پراونہٕ موکھ اوس تمُ سُند
تجویز زِ رومہٕ کین شاعرن پزِ راتھ دوہ ہومرنین تخلیقن ہُند مطالعہٕ کران روزُن۔

BE HOMERS WORKS YOUR STUDY AND DELIGHT

READ THEM BY DAY, AND MEDITATE BY NIGHT

ترٛیمہٕ صدی یہ منز اٗنی لانجاینس پٮ۪نِس PERI HUPSOS مقالس منز کیہنہ
رومٲنی تصور بروٚنٹھ کُن یتھ شاعرِیہ ہنٛز زبانہٕ متعلق شٹھنیارس منز ہنا کو ملُن ییہ ۔ مگر تہٕ کرٕتھ
زِدن تمی زٕ شاعرِیہ کیُت چھُ مرتفع ( SUBLIME ) اسلوب جاییز ۔ اَتھ منز چھینہ ہیٚنی ہیٚنی پاٹھی
ہیکِیچ کانہہ باتھ ۔ لانجاینس اوس زانان زِ تخلیقی زبانہٕ ہُند مدا تہٕ مقصد گژھِ مجنونہٕ وار جلاو
آسُن یُس تخلیقہٕ ہِندِ ارتفاع کِین پانژن جُزن ہندِ یکہٕ وَٹہٕ آسنہٕ سٟتی ووتلان چھُ EKSTASIS
(۱) مرتفع تصور کرنٕچ صلاحیت (۲) الہامی تہٕ پُر قوت جذبہ (۳) تشبیہہ سازی (۴) مہذب
زبان تہٕ (۵) کُلی شان ۔ یمو جُزو منز چھِ گوڈنکی زٕ جُز فطری صلاحیت دِوان یوسہٕ پرٛیتھ
کانٛسہِ نِش ہیکہِ آسِتھ ، باقی ترٛے جُز چھِ فنی تقلید کرنہٕ سٟتی حاصل سپدان ۔

مغربی تنقیدس منز رود کلاسیکیٚژ ہُند غلبہ برابر اردا ہمہٕ صدی یہ تام ۔ یوٚدوے اَتھ دورس
منز مغربن شیکسپیرس ہوی باغی شاعر تہٕ ڈرامانگار تہٕ پٲدٕ کرٕی ، مگر تقلیدی تصور نِشہٕ ہیوٚک نہٕ کانہہ
تہٕ دوٗر ژلِتھ ۔ یانہٕ شیکسپیر ہیوٚک نہٕ موضوع تہٕ بیان کِین وٗسلن ہُند انتخاب کرنس منز زیادٕ
آزادی نِتھ ۔

یُپاری رود مشرقی جمالیاتس منز شعری زبانہٕ ہُند اکوے نظریہ تہٕ یہ چھُ انہ تام تہٕ قایم
زِ شاعری پھٕتھ قاعدٕ ہُند ۔ سنسکرت جمالیاتکی ژٕ نوے مدرسہ ، یعنی النکار شاستر ، ریتی شاستر
رسا شاستر تہٕ دھونہٕ شاستر چھِ ژکہِ اَکی سے کتھِ پیٹھ بحث زِ شاعری ہنٛز زبانہٕ منز کتھٕ پاٹھی
چھُ تخلیقی حسُن یا 'واکروتی' پٲدٕ یوان کرنہٕ ۔ چونکہ قاعدٕ تہٕ دستوٗر چھِ گنڈِتھ ، وُچھُن چھُ زِ
اَتھ منز کیاہ چھُ قبُح یا دوش ——— تہٕ کیاہ چھِ صفت یا گون ۔ بھاما ، یامن ، داندن ، لوت
بھٹ نایک ، آنندوردھن ، ابھنوگپت ، ممٹ تہٕ جمالیاتہٕ کیو باقی ماہرو چھُ اظہار ، بیان ، ترسیل
تہٕ ابلاغ ہِنٛزہٕ بجنگُ موضوع بنوومُت تہٕ یہ بحث چھُکھ جارٕ ان تہٕ پریشان کرنہٕ کِس حدس تام

زیٹھر ووُمت۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھ ہیند بجنٛکی ژور مرکزی خیال، تہٕ زن گوو اُپما (تشبیہہ) رُوپکا (استعارٕ) دیپکا (تشبیہہ) یمکا (صوتی تکرار یا قافیہ)۔ یمن ژوشونی ہندی ہٕتہٕ واد قسم چھکھ بدٕکڈِمتہٕ تہٕ پتہٕ چھکھ ہٲوِمتہٕ یم ورتاونکی ہٕتہٕ واد دوش تہٕ گون۔ یم ساری چھِ اُکس کتھِ پیٹھ زُلتھ ژور دِوان زِ شاعرس گرٕژھِ اکھ فطری صلاحیت یعنی "پرتبھا" آسنۍ۔ یہ پراد پہٕ موکھ گرٕژھ روایژ ہنز پوٗر پوٗرٕ زان آسنۍ۔

عربی۔ ایرانٛی شعری جمالیات تہٕ رُود علم بلاغت کین حدن اندر اندر روٗزِتھ شاعری ہنز زبانہٕ ہندِن دستوٗری اصولن زیادٕ زیادٕ واضح تہٕ ضابطہٕ بند بناوان۔ اَکیٚگ نتیجہ دراو زِ علم بلاغت بنیوو اکھ خود کفیل علمی شعبہ یُتھ منز ماہر و بنٛنہٕ پتہٕ پاٹھۍ کمال ہوو۔ پھِری پھِری آو یُتھ کتھِ پیٹھ زور دِنہٕ زِ شاعرس پزِ امِہ علمچ اطاعت کرٕنۍ۔ بلاغتکی ژور ذیلی شعبہ یعنی ۱۔ بیان (تشبیہہ، استعارٕ، رمز، کنایہ) ۲۔ بدیع (لفظن ہند معنی تہٕ ہند صوتی مزاج)، ۳۔ عروض (آہنگ، وزن تہٕ بحر) تہٕ ۴۔ قافیہ چھِ شاعری ہنز زبان روایژ ہندِس دایرس اندر نوان تہٕ پرتھ کانٛسہٕ ہند خاطرٕ روایژ ہنز اطاعت لازمی زانان۔

شاعری ہنز زبانہٕ ہند دوٚیم نظریہ یعنی نامیتی زبانہٕ ہند نظریہ چھُ کلاسیکی دستوٗرس خلاف رومانی بغاوت۔ یوٗرپس منز بیلہ مطلق العنانیت اند واتٕژ تہٕ جمہورژ ہندِس کھُلہٕ ہنہٕ منز علم تہٕ ادب درمیانی طبقہٕ کین عام لوکن تام تحریری شکلِ منز۔ واتن ہیوتن، شاعری تہٕ درایہٕ تکراری ترتیب تہٕ آرایشی موسیقیہٕ ہندِ قادٕ منزٕ نیٖبر تہٕ ہیوتُن انفرادی تجربس تہٕ مشاہدس نِشہِ یُن۔ شاعری متعلق سپُز یہ رائے عام زِ اَمِچ ہیت چھےٚ خود رو آسان یو سہٕ پننی زبان ہتھ زاینہٕ لبان چھےٚ۔ "شاعری چھےٚ پُر قوت احساسن ہندیٚ پھریک اظہار۔" وَردٕزورتھن دیپیوو۔ یہ زبان ہیکہ نہٕ کُنہ قاعدٕ بند اسلوبس منز قادٕ روٗزِتھ۔ یہ چھےٚ پننہٕ زمانچہ روزمرٕ ورتاوچہ زبانہٕ منزے پننی شدت حاصل کران۔ رومانی نقادو ووٚن زِ شاعر گرٕژھ فطری اظہار پژاو پہٕ سوکھ بانس اَندٕ نِکھی معموٗلی بلکہ دہقانی عوامچ زبان بانہٕ تاوٗن۔ تکیازِ یہ چھےٚ قدیم کالی لکن

ہنٛزٕ زبانہٕ ہندی کیٛنہہ آثار رٕھزٕ رِتھ ییمہٕ کنٛی اکھ اہم جسا اَدی مزاز ڈیٛجہٕ چھُ۔ ووں گوو تمو زٕون زٕ عام زندگیہ تہٕ عام زبانہٕ منٛزٕ پنٛنہٕ شاعرانہٕ تجربیٛ ندرت تہٕ اہمیت دریافت کرٕنی چھُنہٕ پریتھ کانٛسہٕ ہند طاقت۔ کولرجن ووٚن اوٚسے شاعر ہیٚکہ نہٕ توٚتام کانٛہہ کمال پراوِتھ یوٚتام نہٕ تس وسیع مطالعہٕ آسہِ۔ یہ چھُ مطالعہٕ ستی ممکن زِ اَسی چھ تخیل تہٕ منطق کیٚن ضابطن ہُند شعور بھاوان تہٕ مطالعہٕ ستی چھ اَسی یمن تجربہٕ کیٚن ترکیبی جُزن منٛزٕ تبدیل ہیکان کرِتھ۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ چھ سارِی رومانی شاعر اَکس کتھہِ پیٹھ متفق زِ شاعریہٕ ہند اصلی آگر چھُ فطرت۔ شاعریہٕ ہنٛزٕ زبانہٕ ہندِ یہ نظریہ کوٚر تمو سارِوے شاعرو اختیار یمو کنٛو ہمہٕ ہندِ یہ منٛزٕ تہٕ تمہٕ پتہٕ سماجی تبدیلی اَنٛنس منٛزٕ شاعری کامہٕ لاج

شاعریہٕ ہنٛزٕ زبانہٕ ہند دریافتی نظریہ چھ امہٕ چہ موزوٗنیتُک ہند قایل یُس امہٕ کیٚن سارنٕے آمرانہٕ قاعدن ہُند نفی چھُ۔ وہم صدی اَتھ وُنے ووٚتھ تیوٚ یہ نظریہ، خاصکر تھ فرانسیسی جرمن تہٕ انگریزی زبانن منٛزٕ۔ دوِیو عالمی جنگو پتہٕ آیہ فکرٕ منٛزٕ تتھی کیٛنہہ انقلاب یمو شاعریہٕ ہندس جمالیاتس پیٹھ سروٚن اثر تراوو۔ دوٚہہ کھوٚتہٕ دوٚہہ آو یتھ کتھ پیٹھ زور دِنہٕ زِ تجربہٕ چہ باوتھ خاطر چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ زبان برونٹھے طے آسان۔ یکبارٕ اَزی کس انسانہٕ سند تجربہ چھُنہٕ قاعدٕ بند تہٕ رسمی۔ تجربہ چھُ بذاتی مختصر آسان یُس مخصوص زمانس تہٕ مکانس منٛزٕ روٗنما سپدان چھُ مگر ییمکی موٗل قدیم کالی انسانہٕ ہندِن اولی تصورن منٛزٕ چھ۔ زبان تہٕ ادب پراونہٕ بروٚنہہ چھُ انسان یتھ مُتراتھ پیٹھ پچھ بدن ورِین زندٕ روٗدمُت۔ اَتھ طویل زمانس برونٹھ کنٛی چھ زبانن ہندی تہٕ ادبکی کرُتھ تام ساس وٕری تہٕ آمنس برابر انسانہٕ سند "انفرادی" تجربہ چھ زبانہٕ ہنٛزٕ صورت رٹِتھ تہٕ قدیم کالی انسانن ہندِن بےناو زمانن ستی اَتھ ھین رشتہٕ بھاوان۔ شاعرس چھے لہذا پریتھ کنہٕ تجربہٕ خاطر موزوٗن تہٕ لامحال زبان دریافت کرٕنی آسان۔ امہٕ خاطر چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ چیز تیار بہ تیار۔ پرٛون ادب آسہٕ یا نوٚو، اَتھ منٛزٕ چھے تیٚلی کانٛہہ تخلیق سانہٕ موکھ اہمیت تھاوان ییلہٕ اَتھ منٛزٕ مخصوص فردٕ سند ذٕسی کنہٕ

مخصوص زمانس تہٕ مخصوص مکانس منز۔ مخصوص ترتیب ہیتھ کانہہ مخصوص تجربہٕ پیش آسہٕ
آمُت کرنہٕ سُہ تہٕ تیتھ پاٹھۍ زِ یہٕ آسہٕ ناقابلِ تقلید۔ شاعرٕ ہنز پریتھ کانہہ تخلیق چھےٚ
لکھنہٕ آمتہٕ نصابٕچ صورت پرٛاوِتھ شاعر سنز شخصیژ ہنز مقامی صورت بنان تہٕ اہمیت
لبان۔ شاعرٕ ہنز تخلیقی عمل چھےٚ خارجی دنیاہس نِشہٕ بیوٚن سپدِتھ اکھ نجی مصروفیت
یُتھ منز خارجی دنیاہس منز کُنہِ وزِ رونما سپدیمتہٕ واقعہٕ ستۍ یادٕ سپدیوومُت ذہنی صورتحال
زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ صفائی سان پیش کرُن چھُ آسان تہٕ اَمہِ خاطرٕ چھےٚ محنت کرٕنۍ پیوان۔
شاعرٕ سنز یہے محنت چھےٚ شاعرٕ ہنز زبانہٕ دریافت کران تہٕ اُمیک حسُن بنان۔ ذہنی تاثرُ
اظہارس منز تبدیل کرُن چھُ بذاتی ناممکن تہٕ پریتھ کانہہ شعری تخلیق چھےٚ اَمہِ باپتھ محض اکھ کوشش
آسان۔ اَتھ منز پوٗرٕ کامیابی پرٛاونۍ چھُ اکھ سراب۔ اَمہِ باپتھ چھُ شاعرس نِش اکوے وسیلہٕ تہٕ
سُہ وسیلہٕ چھُنہٕ تَس پننُ، سُہ چھُ جماعتی تہٕ نسلی۔ تہٕ زن گوو سو زبان یتھ منز سُہ لیکھہِ۔ یہٕ چھےٚ
یہے نسلی تہٕ جماعتی زبان یوسہٕ تمۍ سندِ انسدلالک اکتسابی تعمیراتی مواد چھےٚ فراہم کران۔ اَتھ
مجبورِیہٕ ہنز حالژ منز چھُ انفرادی تجربہٕ پیش کرن وول شاعر تمے بشر صورت تہٕ ماورائی تصور
کامہِ لاگنس پیٹھ مجبورٕ یم تیتھ زبانہٕ منز برونٹھے موجود چھِ تہٕ یمو منز ہیرِتھ سُہ "پننۍ" زبان
دریافت کرنٕچ کوشش چھ کران۔

ڈاکٹر فاروق فیاض

## مہجور تہٕ جوش

# شاعرانہٕ رویہٕ تہٕ تأریخی حقیقژ

یہ بحث اوٚک طرف ترأوِتھ زِ ادب یا فن چھا علاقأیی یِنہٕ بندی ہُند قایِل کِنہٕ عالمی سرِن ہُند علمبردار یِہ کتھ چھنہٕ سکہٕ زِ کانہہ تہٕ ادب یا فن یارٕ ہرگاہ کوٚت تہٕ فرد ہِندِ ذأتی سوچن ترایہٕ یا نوترأتی ژھایہ گژھِن ہُند اظہار آسِتن چھُ بہرصوٗرت تِمن متضاد ذہنی رٕوین، سماجی نزٲین، تأریخی حقیقژن تہٕ فکری گژھِن ہُند آیہٕ ہاوان یِم اُکس مخصوٗص سیأسی، سمأجی، اقتصادی یا تہذیبی گرتس منز زایِہ لبان چھِ تہٕ یِم سأری اظہار چھِ کُنہٕ نہٕ کُنہٕ رنگہٕ کہے اِشارن، کہے علامتن، کہے تمثیلن تہٕ کہے پٔرژن تہٕ کہاوژن منز پرٛتھ کُنہٕ زبأنی ہِندِس ادبس منز ضروٗر میلان۔

تواریخ تہٕ ادبکہ سنجیدٕ مطالعہ تلہٕ چھنہٕ یِہ کتھ واضح سپدان زِ تقریباً چھُ پرٛتھ کُنہٕ زبأنی ہِندِ ادبکی مولہٕ اظہار لگ بگ ہوی آسان ووٚنی گوو تہذیبی سوتھرس پیٹھ یِم علاقأیی اظہار زبأنی تہٕ ادبہٕ کین مختلف صوٗرژن منز آسہٕ درینٛٹھ چھِ گژھان۔ تِم چھِ تمہٕ سوسأیٹی ہِندِ ین مخصوٗص جغرافیأیی حالاتن منز زایُن لبن والین تِمن لُکہٕ وٕطیرن ہنز یاوتھ آسان یِم تواریخ کین مختلف دوٗرن منز تعمیر لبان تہٕ تشکیل پراوان چھِ۔ ووٚنی گوو شاعرس کوتاہ تخلیقی پٔژر آسہٕ نظر کاژاہ سرٛٔنی آسِس تہٕ ذہن کوتاہ پرژھلی آسِس تیوٗتاہ آسہٕ تمہٕ سِندِس کلامس شارت تہٕ باقی شاعرانہٕ گوٗن تہٕ۔ یُس ادیب، شاعر، فنکار سُہ یُمن وٕلن پیٹھ ووستادانہٕ دسگاہ

آسہ ۔ تمۍ سٕند فن پارٕ چھُ پرٛزی شاہپارٕ ہیکان ہٕنتھ تہٕ یتھ پأٹھۍ چھُ یتھۍ فن کارو سٕنٛز ہند تہذیبی توأریخکی ڈیکہٕ ٹِکہٕ بنان ۔

کُنوہمہٕ صدی ہُند آفتاب یٔلہٕ برصغیرکس نیٚبہٕ ڈٕندس پیٹھ لوسنس تیار اوس ہندوستانس منز ییٚلہٕ انگریز سامراجی نظامس تحت وارِیاہ مذہبی، سماجی تہٕ سیأسی انجمنہٕ ہُند زال وٕہراوِنہٕ یوان اوس تہٕ ساسہ بدٕن وٕرین ہند فیوڈل STRUCTURE کُنبیل اوس محسوٗس کران ۔ کٲشرِ منز تہٕ اوس کُنوہمہٕ صدی ہنٛد منز کالہ پیٹھے یورپی مُہِم بازن ماہرِ نباتات، کرِسچن مِشنرِین، مُنتظمین تہٕ سوشل سکالرن ہندی ڈٕسی یُتھ ہوا نواہیٔو تمٕت یأد کرٕتھ یُس پتہٕ کینہہ کال گرٕتھ کٲشرِ منز کلچرکیو سیأسی رٕ بٕنسا ہیچ بنیاد بنیہٕ ۔ اُتھی تبدیلی تہٕ TRANSITION کس دورس منز یعنے کُنوہمہٕ صدی ہندس آخری دون ڈٕہلین اوریورٕ زاے ہندوستانس تہٕ کٲشرِ منز زٕ تِتھی عصر شناس نفر یمو ذہنی بالیدگی پراوِتھ پتہٕ تخلیقی جدت تہٕ ستی نہ صرف اکھ تیُتھ معتبر تہٕ معطر ادبی فضا یأد کوٚر بلکہ یمو پتہٕ شعری ستی سیأسی منظرنامکی زُلف تہٕ شیٚری ۔ یم چھ غلام احمد مہجورٕ تہٕ جوش ملیح آبادی ۔

مہجور ییوٚو ۱۸۸۶ء منز بٔڈی تہٕ جوش ۱۸۹۸ء منز ۔ میانہٕ یمہٕ مقالکُ مقصد چھُنہٕ ہرگز تہٕ یہ زٕ یمن دون شاعرن ہُند شاعرانہٕ حُسن یُی بدٕ کڈٕ تہٕ بلکہ تم IDENTICAL تأریخی صداقتہٕ برٕ وہہ کُن انُن ییمہٕ ستی تہند شاعرانہٕ رٕوٚیہٕ اکھ مأری موٚند ارتقا چھُ پراوان ۔

یہ منے گوڈٕے عرض کورٕ زٕ مہجورن تہٕ جوشن سُند دور اوس تبدیلی تہٕ زبردست سیأسی کیو سماجی کھٔسہٕ وٕسہٕ ہُند دور ۔ جاگیردارانہٕ نظامس تحت مستحکم سپدنہٕ واجنہٕ سماجی تہٕ ثقافتی قدرن ہند چھکراوُک عمل اوس شروٗع گومُت نوٚ سماجی تعمیرُک، مذہبی اصلاح پسندی تہٕ قومی تشخصکی آکار بٕدٕ کڈنس کُن اوس عوامُک ظٔون بیدار ہیٚو تمُت گرٕتھ یمن سارنے تبدیلین ہندی آثار تہٕ اظہار چھ اُسہٕ فنی پوختگی سان جوشس تہٕ مہجورس منز ییٚلہ پأٹھۍ میلان ۔ اگرچہ اُردوہس منز جوشس برونٛہہ حالی آزاد تہٕ اقبال ہوٚ ہوبہٕ ہُشار نفرو

یہِ تبدیلی برونٛہہ ژینہٕ منٛز آسن مگر کاشُر زبانؠ تہٕ ادبس منٛز بنیو وامہٕ نوٚ آگہی ہُند نقیب ہیکہٕ رٔے۔

قیموڈُل نظامس پوٚت ژھایہِ ہیم جمالیٲتی قدر ادبی منظر نامس ہیٚچھ مختلف قومن ہندِس ادبس منٛز دوٚ تلیبہِ، تمیک اثر اوس برصغیرکس ادبی منظر نامس پیٹھ تہٕ پیوٚن لازمی۔ مہجورٕ تہٕ جوش سٕنز جوانی دورٕچ شاعری ہنٛد مطالعہ تکہٕ چھےٚ یہِ کتھ نٔنۍ ییران زِ یم دوٚ شوٚے شاعر آسی حُسنہٕ کس ماچھ گنن وِلوٚر تُلنہٕ سٕنٛخ تہٕ سپٔرل کل تھاوان۔ مہجورٕ تہٕ جوش دوٚشوٚے اُسی حُسنکی دلداد یہِ حسُن اوس نہ زمانہ ومکانہٕ کِہو حدو ہیرٕ کانہہ ABSTRACT MANIFESTATION بلکہ چھُ حسنُک یہِ تصوٗر بُتراتھ ہنز کوچھ پھو جمٕش اُکس خوب روہ تہٕ ماری منٛز حیینا یہِ ہنز CONCRETE صورت۔ دوٚشوٚنی ہُند حُسن اوس ارضی تہٕ دوٚشوٚنی شاعرن ہندی تقاضہٕ تہٕ آسی بشری۔

بقولِ مہجورٕ ؎

یارٕ سُند مار موٚت سارٕ چھِمہٕ تھاوان
یارس لریان ساوان چھُس
کامہٕ دِ یار چھُنہٕ جامہٕ مُشراوان
پوشنٕ مالہٕ کرناوان چھُس

یہے جنسی تیہٕ نفسیاتی بوچھ تہٕ وُبھ یھیٚشن واجبن کیفیژ چھےٚ اسہٕ جوشنۍ شاعری پٔرِتھ سیدان۔

ہائے کیا گوری کلائی میں ہے لچھا دل فریب
ہائے کیا چاندی کی ہیکل ہے سنہرا ٹھائی ہوئی

جوش ہنٛدِس مجموعہ کلام "نقش ونگارس" منٛز یتھ پاٹھۍ "شباب تہٕ حُسن" گیتہٕ مارلن بلنہٕ چھُ یوان، مہجورٕ نہٕ لولہٕ شاعری منٛز تہٕ چھ دلبر سینہٕ مُشرِتھ نزٕ آلونس پیٹھ مجبور کرناوان۔

بار بار آنکھیں اُٹھاتی سانس لیتی تیز تیز
اِس جوانی کا گھنی پلکوں سے ٹپکاتی ہوئی

جوش تہٕ مہجورٕ دوشوٕے چھِ جمالیات حُسن ستۍ ستۍ شِدت جذباتکۍ تہٕ پرستار۔ مگر یہِ جذباتیت چھِنہٕ محض خارجی حالاتن ہُند دیُت بلکہ چھِ یہِ ہیجان خیزی بشری ضرورتن ہِند تکمیلک آرزوٗ تہٕ بقول محمد یوسف ٹینگ مہجور ایک رِند بھی رہا اور حُسن مجاز کا پرستار بھی۔ آزاد تہٕ چھُ اتھ حقیقتُک عارضس لیکھنہٕ آمتس اکِس خطس منز اِشارٕ دِوان۔

آج بوڑھے نظر آتے ہیں۔ نتیجہ بھی دیکھو ان کی محفل میں
عورت کی جگہ خدا لینے لگا۔

وُہمہِ صدی ہندِس دوٚیمہِ ڈٕہلکِس شرٛوعس منز پیٚیہِ ہندوستانس منز NON-COPERATION MOVEMENT تہٕ خلافت تحریکہِ کِس پوٚت منظرس منز قومی تہٕ وطنی جذبن نوٚ آیہ کاڑ ہیوٚت کڈُن تہٕ سامراجی طاقتن، ہندوستانی لوکن ہُند قومی جذبہٕ لتہٕ موجنہٕ کرنکۍ توٚی تہٕ ظالمانہٕ وٕل استعمال اَنٕنۍ ہیٚتۍ۔ امہِ ستۍ ووٚت لیو لوکن منز انقلابُک جذبہٕ زیادٕے پہن تہٕ پرٛتھ طرفہٕ گوو سیاسی بیدآری ہُند اکھ نووٕے ہوا نوا پادٕ۔ سماجُک حساس طبقہٕ کیٚتھ ہیکہِ امہِ تبدیلی ہِند احساسہٕ نش مچھِ رووٚزتھ۔ شاعر رُومان بنے یہِ شاعرِ انقلاب۔ کشیرِ منز تہٕ اوس مہاراجہ پرتاپ سنگھنہِ مرنہٕ برونہہ کینہہ کال موزوٗرن ہِنز اکھ تحریک زبردست طاقتہٕ ستۍ دیاوِنہٕ آمٕژ۔ مگر امی تحریکن دیُت آزادی ہِندن نوٚین مجاہدن وُتش تہٕ پتہِ پاٹھی آیہ گوڈنچہ لٹہِ شخصی راجس خلاف سیاسی منصوبہٕ منظم پاٹھی تیار کرنہٕ۔

وُہمہِ صدی ہندِس دوٚیمِس ڈٕہلکِس آخرس پیٹھ اُس سیاسی بے اطمینانی تہٕ معاشی بدحالی ٹیس پیٹھ۔ یمیُک نقشہٕ ییمہِ آیہ SIR ALBION BANNERJI دٔیراوان چھُ۔

" JAMMU AND KASHMIR STATE IS LABOURING

UNDER MANY DISADVANTAGES, LABOURING UNDER POVERTY AND VERY LOW ECONOMIC CONDITIONS OF LIVING IN THE VILLAGES AND PRACTICALLY GOVERNED LIKE DUMB DRIVEN CATTLE - THERE IS NO SUITABLE OPPORTUNITY FOR REPRESENTING GRIEVANCES AND THE ADMINSTRATIVE MACHINERY ITSELF REQUIRES OVERHAULING FROM TOP TO BOTTOM TO BRING IT UP TO THE MODERN CONDITIONS OF EFFICIENCY

P.N BAZAZ چھُ لوٗکن خصوٗصاً مسلمانن ہنٛز معاشی بدحالی ہُند اظہار یِتھٕ آیہٕ کران۔

THE POVERTY OF THE MUSLIM MASSES WAS APPALLING, DRESSED IN RAGS WHICH COULD HARDLY HIDE HIS BODY AND BAREFOOTED, A MUSLIM PEASANT PRESENTED THE APPEARENCE RATHER OF A STARVING BEGGAR THAN OF ONE WHO FILLED THE COFFERS OF THE STATE.

یمن حالتن منٛز کیٛتہٕ روزِہا مہجوٗرس محبوٗبہٕ سٕندی زلفہٕ پیچان یاد۔ تمۍ کوٗر جوش سٕندی پاٹھۍ انقلابس تہٕ بغاوتس ہنٛز بانٛگ وکھ۔ جوش اگر اَمہٕ شعری رُویہٕ کہٕ تبدیلی ہُند اظہار یمہٕ آیہٕ چھُ کران۔

ہٹ کہ اب سعی و عمل کی راہ میں آتا ہوں میں

خلق واقف ہے کہ جب آتا ہوں چھا جاتا ہوں میں

پھر اُٹھوں گا ابر کے مانند بل کھاتا ہوا

گھومتا گھرتا، گرجتا گونجتا گاتا ہوا ۔

تہٕ مہجورٕ چھہ اَمہٕ نوٚ آگہی ہُند عرفان یِمہٕ آیہٕ موٚلہٕ ناوان ۔

چھِنے ہوٚ چھمہٕ پوشہِ تھر باغس کٔمی آیس کمہٕ ناگس

کھسُن چھُم اوٚبرُ لاگِتھ آسمان باران تراوُن چھُم

یا

اگر وزناوہٕ بتی گلن ہُند تراو زیر و بم

بنیُل کر، واوکٕر گگرای کر طوٗفان پیدا کر

یتھ پاٹھی جوش نِس کلامس منز اَمہٕ نوٚ شعری آگہی ہنز شروعات "شعلہ و شبنم" ہتی سپدان چھِنے مہجور نِس کلامس منز چھُ یہٕ موضوعی نوٚ رتہٕ تبدیلی لیکہٕ پاٹھی پیام مہجورٕ سلسلہٕ ناوی کلامہٕ ہتی سپدان ۔

موضوٗعس ہتی ہتی چھُ زبانی ہندس بناوٹس ۔ بیٚنہٕ تہٕ اَمہٕ نوٚ تبدیلی ہند اثر پیوان ۔

نزاکت چھِنے تکرارک جامہٕ رٹان تہٕ سرگوشی چھِنے آہٕ گریز نیارک اظہار پراوان ۔

فطرت کین منظرن ہُند شعری اظہار چھُ پوٚر دوشوٚنی شاعرن منز میلان مگر مہجورٕ نہٕ شاعری منز ڈل تہٕ نسیم، تارسر تہٕ مارسر، درنگ تہٕ برنگ چھِنہٕ محض جمالیاتی آسودگی ہندی سامانہٕ بہم کران بلکہ چھ شاعر کٔشیر ہندین حُسنہٕ کین یمن ناگہ رادن ہندہ شاعرانہٕ اظہارٕ ہتی کأشرین منز قومی شناختُک تہٕ آثارن تہٕ تہذیبی عظمت کین آکارن کُن عام کأشرین ہُند ظوٗن پھرناوِنٕچ اکھ شعوری کوٗشش کران ۔

جوشن تہٕ چھُ یِتھےٚ پاٹھۍ پننین وارِہن نظمن منز ہندوستان کِس قُدرتی حسنہٕ کِس پۄت منظرس منز ہندوستانٕکِس قدیم تہذیبی عظمتیچ باوتھ کران۔

دوشوٕنی شاعرن منز چھُنہٕ فطرت نگاری ہُند مقصد تہٕ مُدعا محض LANDSCAPE ہُند نقشاو بلکہ چھُ اتھ پۄت ژھایہ اکہِ شدید قومیت کہٕ جذبک ووتلاو۔ BEAUTY قدرتکۍ حسین نظارن مثلاً شالہٕ مار، نشاط، اچھہ بل چھنہٕ فقط فرحتکۍ تہٕ فراغتکۍ سال گاہ کِس صورتس منز ووتلان بلکہ چھِ کاشرِن ہند احساسہٕ جمالکۍ تم آثار ییٚنتھ یرہ نہٕ کُن لوان، یِمن ہُند تصور یوت تہٕ کاشرِن بیٚنہٕ عظیم پیٚتھ کالک شدید احساس دِوان چھُ۔

یِمن دوشوٕنی شاعرن نِش چھُنہٕ فطرت محض خارجی منظرن ہُند بیان بلکہ چھُ یہ وطنس ہنبت جذباتی رِشتیچ دٔلیل تہٕ فراہم کران۔

روسی انقلابہٕ کِس پۄت منظرس منز یُس بوش موزورن تہٕ کاشتکار طبقس کھالہٕ آو تہٕ پتھ پاٹھۍ تم قدرت کِہن خزانن ہندی وارث آیہٕ مقرر کرنہٕ تیمِک پۄت کنز چھُ اُسہٕ کم کاہ ہوے مہجورس تہٕ جوشس منز میلان۔ وونی گو ییٚنہٕ جوش عقیدتاً اتھ تحریکہٕ ستۍ وابستہ سُد تیٚنہٕ گنگرو مہجورن صرف امہِ فلسفک سوزے یوت تہٕ ساز تھووُن یرٛوتے۔

جوش چھُ کاشتکارس یِہمہِ آیہٕ فطرت کِہن اسرارن ہُند وارث گنزرا ران تہٕ تہذیبک پروردگار تسلیم کران چھُ تیٚنہٕ چھُ مہجور موزورس تہٕ کاشتکارس تمام قدرتی وسیلن ہُند جایز وارث گنزرا ران۔

یہ سماں اور اک قومی انسان یعنی کاشتکار
ارتقا کا پیشوا تہذیب کا پروردگار

دُنیہچ دولت چھےٚ تہنزے کُل تہند تہنزے زمین
راج تہندے تاج تہنُدے باج دارگو تاجدار

مہجور تہٕ جوش دۆشوٕے اٲسۍ سماجہٕ کێن تمنٕ طبقن ستۍ وابستگی تھاوان یِہنٛد شمار بلاواسطہٕ یا
بلاواسطہٕ استحصالی طبقن منز شمار اوس گژھان تہٕ یم COLABORATORS OF THE
RAJ اٲسۍ یوان تسلیم کرنہٕ۔ مہجور اگر PIRZADA طبقس ستۍ واٹھ اوس تھاوان یمن
سرکارٕ ڈسۍ واریاہ مرعات حاصل اٲسۍ تہٕ اوس جوش جاگیر دارانہٕ خاندانُک
چشم و چراغ۔ مگر دۆشوٕنی منز یوسہٕ کتھ مشترک چھےٚ سو گیہ یہٕ زِ یہنٛدس کلاس منز چھےٚ
کُنہٕ جایہٕ ELITE ORIENTATION نظرِ گژھان۔ یم دۆشوٕے شاعر چھِ ELITE.
تہٕ تہندِس مخصوص وطیرس پیٹھ طنز کرتھ پننہ جذباتی وابستگی
سماجہٕ کێن یتھ کھورِ تہٕ مُشر آوی متین طبقن ستۍ ہاوان FEU DAL ELITE
NOBLITY چھُ مہجورس گرسیٚ کورِ سو رہنٛچ حور وتناونس پیٹھ مجبور کرناوان تہٕ جوش چھُ
رٔیس زادین ہندین وضعدار حُسنس مقابلہٕ اُکس سیزٕ سادٕ "مالنہٕ" PARAGON OF BEUTY
تسلیم کران۔

آرہی ہے باغ سے مالن وہ اٹھلاتی ہوئی
مسکرانے میں لبوں سے پھول برساتی ہوئی
بار بار آنکھیں اٹھاتی سانس لیتی تیز تیز
رس جوانی کا گھنی پلکوں سے ٹپکائی ہوئی

مہجورس تہٕ جوشس دۆشوٕنی پیٹھ چھُ یہ الزام یوان دِنہٕ زِ ہرگاہ یم عوامی آرزوین
تہٕ اُمنگن ہندی علمدار بنتھ شعری ہندس تہٕ ڈنٛدس پیٹھ برزلیبہٕ تیلہٕ کمی چیز ناکٔری یم
شخصی راجہٕ کێن مولادرن ہندی قصیدٕ گیونس پیٹھ مجبور۔ مہجور۔ اگر بلہ کاک در وزیرِ وزارت
تہٕ پرتاپ سنگھس پیٹھ قصیدٕ گیوان چھُ تہٕ چھُ جوش نظام حیدر آبادس پیٹھ قصیدن ہندی
قصیدٕ گیوان۔ بہ وٕنہٕ ہی زِ دۆشوٕتے گیوناوی وقتہٕ کێن تاجدارن ہندی ہاتھ روزگارکی
غمن تہٕ بتیہٕ نہٕ کُنہٕ چیزن۔

شخصی راجہ کس خانس پیٹھ ییلہِ تحریک آزادی ہنز توٚصفہ بندی سیکولر بنیادن پیٹھ وسوار کرنچ کوشش آیہ کرنہ سیاسی فلسفہ یہِ تبدیلی کھٔرنہ وارہہن حلقن ٹارکیتھ۔ یتھ کنی آیہ واریاہ تم سازشہ کرنہ ییمیک مطلب کشیرِ منز ساسہ بدن وٚرین پیٹھ محیط بھاے برادری ہند جذبس زکھ واتناوٚن اوس۔ مہجورنیس انسان دوستی، مذہبی بھاے چارگ رودار اوس کیتھ ہیکہِ اَچھ وٚٹھتھ یہِ سورے سٔرتھ۔ چنانچہ لٔج تمی ہندس شارہ مضرابس زیرہ نہ گیوٚون۔

ذات بٔتر اتھ کاشرن ہنز چھوکنی

خواہ مخواہ دوٗرہ مہ پاوِ و پانہ وانی

جوشَن ہتہ چھُ "وقت کی آواز" نظمہ منز تمثیلی طور اَتھی حقیقتس کُن اشارہ کران۔

مہجورس ہتہ جوشس یوٚد وے تمن کینژہن خوش اقبال شاعرن منز چھُ درج یمن پننہ زندگی منزے عوامی مقبولیت حاصل گیہ مگر تہ کرتھ ہتہ چھُ یمن اَمی احساس اَندری کوران زِ تہند کلامک روٗح آو نہ اصل پاٹھی سمجھنہ۔ مہجورس چھُ اَتھ احساسس یتھ پاٹھو زیو دِوان۔

مہجور کاشرِ کائنہ زِ زوٚنکھ نہ وٚنتام

یم زانہنے تم وُنہ چھہِ زینے بوز کانہ کانہ زاو

جوشَن چھُ یتھین لوکن اوٚن ذٔنتھ یتھ پاٹھی حتند کران

اندھوں سے جب پڑا ہو ملنے میں واسطہ

اے جوش آپ یوسفِ کنعان ہوئے تو کیا

۱۹۴۷ سنہ منز ییلہ برصغیرس منز زِ آزاد مملکتہ وجودس منز آیہ۔ نقلی جغرافیائی سرحدو تراوی جسمس پتہ جانس اندر ژھین۔ یوے گوو پانس نشہ جدا۔ رتچ ہولی آیہ وتن پیٹھ گندنہ۔ وائنہ وادن ہندی وٚچھس منز ژھتی خواب گیہ ییمہ برزی۔ جوشَن چھُ اَتھ قومی بحرانس منز ییمہ آیہ لوکن ملہ زار زرٔرھ اوٚنگ تلقین کران۔

روح بشر کی موت ہے خونخواری وفساد     اپنے غضب سے جنگ ہے سب سے بڑا جہاد

..... اے دوست سعی امن سے ہوشیار و بامُراد          انسان کے دماغ کا سرطان ہے عناد

تہٕ ہجوٗر چھُ توارِیخی کاشرِ کِردارن کُن کاشرِ ہِنٛد ظٔلمن پھِرناوِتھ تمن منٛز بٲے بنٛدت قایِم تھاوُنس پیٹھ اصرار کران۔

کوٗر بٹس پیٹھ زوٗ فدا قِدٕ گوجوٲری
ازتمےٚ کیٚتھ یاد پاوِو پانہٕ واٚنی
یوٚد تھوِو اتھ واس تہٕ پوشونہٕ کانہٕ
ژھین کرِتھ یِنہٕ پوشنہٕ ناوِو پانہٕ واٚنی
بٲے سُند بٲیس شوٗب یا تھاوُن ملال
گنٛڈ دِلن ہِنٛدی مُرٕ راوِو پانہٕ واٚنی

ہجوٗر تہٕ جوشن یِمہٕ آیہٕ انقلٲبی نغمہٕ گیوٚتھ قوٗمی بیدٲری ہُنٛد جذبہٕ ہوٚ فیتہٕ لُکن منٛز یادِ کوٗر تہٕ آزادی ہِنٛدِ یمن خوابہٕ جزیرن ہُنٛد تمو تخلیقی سارا وس کوٗرمُت آشن تہٕ وِہ میزن ہِنٛز یمہٕ خلاٲلی منٛدور تمو تعمیر آسہٕ کرِمرٕ، عواٚمی حکوٗمت بننہٕ پتہٕ باسیو زِ یمن منٛدورن ہیوٚتن وقتہٕ کیٛو سالٲبی گتو ہتی شگاف یِنیٛ۔ تہنٛدین حساس دِلن لیٚج گرٕ اے تہٕ انقلاب کیٛن نغمن بلسے ییٚکھ زن تہٕ لیٚ بگر یمٕ ہش۔ عواٚمی راجہ کیٛن یمن ادارن تہٕ فردن ستی یمو بننہٕ سماجکہ تعمیر نوٗک رِشتہٕ جوٗرمُت اوس، باسیو کھ زِ آزادی ہِنٛزنوٕ نوہ ستہ ویلوٗر تلُنہٕ پتہٕ دِتکھ تس زن جبر اطلاق۔ جوشن اگر ماتم آزادی نظمہٕ منٛز آزادی ہِنٛدیٚن یمن علمبرداران خبر ہیوان چھُ ہجوٗر چھُ پننہٕ نظمہٕ "آزادی" منٛز سماجہ کیٛن تہٕ آزادی ہِنٛدین یمن ٹھیکہٕ درن مرثیہٕ ورشن کران۔

بٕ بر شیخ زانہٕ کیٚتھ ہُنٛد معنہٕ تس ژٕلی خانہٕ دارین ہینتھ
ستہٕ گو د فری یادی تس یتی کٔر وہ پرگر بیاپہٕ آزادی

یہ آزٲدی پؠٹھٕ سورِتھ گَژھ ہمیشہ پتہٕ خانٕ
فقط کینٛژن نٲرن اندر پؠٹھٕ ماران گرایہ آزادی
یہ آزٲدی پؠٹھٕ تراوان مغربس کُن سٕمٕنگ باران
کران سانِس زمینس پیٹھ ژھرے گگرایہ آزادی

تہٕ تہٕ چھا زمیندارَن کاشتکارن انگار تہٕ چھا ئڈ دِچیکدار
تہٕ تہٕ چھا آلرٕ بن رنگہٕ رنگہٕ نعمتہٕ کمولبن گرٕ ٹھاں بتہٕ مار

خوابن ہُند شیشہٕ محل چھلہٕ چھلہٕ گرتھ ہنس پیٹھ، چھُ جوشس اکہٕ نوٕ بغاوتُک درس یمہٕ آیہ وِدان۔

فٹ پاتھ، کار خانے، ملیں، کھیت بھٹیاں
گرتے ہوئے درخت، سلگتے ہوئے مکان
بجھتے ہوئے یقین، بھڑکتے ہوئے گمان
ان سب سے اٹھ رہا ہے بغاوت کا پھر دھواں

## کأشرِس منٛز

# رامأین

رَتن تلاشی

ہندوستانٕچ خاصے کانہہ زبان آسہِ ترٛتھ یتھ منٛز نہ رامایٔن یا رام کتھا اکہِ نہ بیٛیہِ رنگہٕ لیکھنہٕ آمٕژ آسہِ۔ رامایٔن چھِ کأشرِ زبأنی منٛز تہِ مختلف شاعرو لیکھمٕتۍ۔ یمن منٛز ساری کھوتہٕ اہم پرکاش رام کُری گامی سُند "رام اوتار ژربت" چھُ۔ یہ رامایٔن چھُ یمہِ لحاظہٕ تہِ اہم زِ وُنِس تام چھُ یوہے اکھ رامایٔن چھأپی صوٗرتس منٛز دٕستیاب۔ اَمہِ علاوٕ چھُ بیٛیہِ تہِ کینژن رامایٔن ہُند ناو ہینہٕ یوان یِمن منٛز ۱۹۱۸ء منٛز لیکھنہٕ آمُت "وِشنو کولُن" "وِشنو پرتاپ رامایٔن"، ڈب گاندربل کِس نیل کنٹھ شرماہُند رامایٔن شرما نہ ترٛسلہٕ کِس آنندرام ترسلہ سُند "رام اوتار بزبان کشمیری" شأمِل چھِ۔ مگر یِم ترٛیشوٕے چھِ وُنہِ چھأپِس کھسنے۔

اَمہِ سبٕہ پٮ۪ٹھ تہِ کأشرِس منٛز رامایٔن موضوعس پیٛٹھ قلم تُلنہٕ بیٛیہِ تمہِ ساعتہٕ ہیٚکہ پرٛکاش رامنس رامایٔنس کُنے زٕۄر توجہ مرکوز پٮ۪ند تھٕ۔ یتھ مقالس منٛز تہِ چھُ مٕنے اوٕے یوہے رامایٔن زیادٕ پہن زیرِ غور اوٚنمُت۔

پرٛکاش رامنہِ "رامایٔنک سنہ تصنیف چھُ ۱۸۴۷ء تہِ یاتے ترٛیشوٕے اچھأپی رامایٔن چھِ اَمہِ پتم۔ یتھ باکھٕ چھُ پرٛکاش رامُن "رامہ اوتار ژریب" موجوٗدٕ تحقیقہٕ مطأبق کأشرِ زبأنی ہُند گوڈنیُک رامایٔن۔

بیشتر ہندوستأنی زبانن منٛز چھُ رامایٔن یا رام ادب سدا اَمہِ صدی برونٛہ لیکھنہٕ آمُت۔ اتھ مقابلہٕ چھُ کأشرِ زبأنی منٛز اَمۍ تصنیف سٮ۪ٹھاہ ژیری پتہٕ ترٛشتی کنٹھس پیٛٹھ کُری گامس تام چھنہٕ اُسہِ کأتسہِ تہِ رام بکھتہِ شاعرٕ سُند ناو کنِن گرشھان۔ یتھ دورس منٛز ہندوستأنٕچن مختلف زبانن منٛز رامایٔنہ

دِنہٕ پھانپھلاوُن تہٕ آمژ رام بھکتی ہنز رِوایتھ بام عوٗروٗجس واژمژ آس کٲشیرِ منز آسی تتھ دورس منز لل دید تہٕ روپہٕ بھوانی ہوی شاعر شو فلسفکس نِرٛاکار دِیس للہٕ کھوٗل کران۔ کٲشیرِ منز وقتیلیس گِٕن بھکتی ہنز یہ رِوایتھ تتھ دورس منز ییلہِ یہ ہندوستانی زبانن منز ہمیشہ آس۔

ووٚن گوو رام بھکتی ہنز رِوایژ ہنز عدم موجودگی ہند مطلب چھُنہٕ یہ زِ یژ کاشر رامس برونٛہ کیا چھنہٕ رام یا رامس سٟتۍ وابستہٕ ڈٟلہٕ کٲشیرِ منز متعارف آسمژ۔ بلکہ چھ تتھی کینہہ اشارٕ میلان یمو تِہ ظاہر سپدان چھُ زِ کٲشیرِ منز چھےٚ برونٛہہ کالہٕ تہٕ رامایچہ ڈٟلہٕ مروجہٕ آسمژ۔ مثلن شیخ العالمہٕ سُند یہ شرُک[1]

| | |
|---|---|
| تس ہِمت وتے ووتو | دُشہٕ راونس نیتو جشن |
| پاہٕ آشن تس کیا دِتو | رازٕ رامس وشل وشن |

چھُ یتھ کتھ کُن اشارٕ کران زِ تُہندِ وقتہٕ تہٕ چھ رامائنچ قصہٕ لکہ پاتھرن ہندی موضوع آسی متی یمن لوکہ بڈ چاوسان وُچھان آسی[2]

ہِنٛدۍ دورس منز چھُ کینژو سنسکرت شاعرو رام ادبس پننہٕ قلمہٕ بُرژ کوٚرمت۔ اتھ سِلسِلس منز چھُ کھیمندرسُند "دشم اوتار" ناٹک اہم۔ امہ پوٚتہٕ یُتھ ادب چھُ یوژِ تھےٚ۔

رام چھُ وِشنو سُند اوتار مانہٕ آمُت تہٕ وِشنو متک اثر چھُ نیل مت پرانس منز تہٕ۔ اتھ پرانس منز چھُ "مہی مانا" ناو کہ اکہ تیوہارُک ذکر یُس موجودِ دورک گو نِگُل ہیواو سُمت چھُ۔ کُملی چھاُمہٕ دوہ سیتا یہ ہنز پوزا کران آسی متی۔ وِشنو مت چھُ للتادیتہ تہٕ تِس پتہٕ تہٕ باقی متن لُرلوزِ کٲشیرِ رائج روٚدمُت۔ مگر یُژ چھُ یہ زامہٕ باوجود تہٕ سِپد تہٕ رام کلٹ CULT کٲشیرِ منز کینہٕ تہٕ تواریخی دورس تمہٕ انمانہٕ مقبول ییمہٕ انمانہٕ یہ ہندوستانکین مختلف علاقن منز۔ سپُد۔ چنانچہٕ نیل مت

---

[1] کُلیات شیخ العالمؒ۔ (دوٚیم ایڈیشن) ص۔ ۱۸۲
[2] مزید مطالعہ باپتھ۔ کمو۔ کاشر لکہٕ پاتھر (غارمطبوعہ)
[3] نیل مت پُران۔ ص۔ ۱۹۸

پُرانَس منز یمہ سیتا پوزا پہ ہُند ذکر چھُ تتھ پَسِ پردِ تہ چھُ سیتا لفظُک ویدی تصورکار فرما۔ ویدن منز چھُ لفظ "سیتا" زمینہ ہنز۔ وۄدپآوی قوۄژ ہنز۔ علامژ زنگہ ورتاونہ آمُت یمہ وق سورنس سِتۍ بھومی دیوی" ہنز صورتھ پرآوِ تہ نیل مت کِس کُمیلی سما جس منز زمینہ ہنز۔ وۄدپآوی قوۄژ ہنز پوزا چھِنہ تہ غارِ معمولی کتھ۔ یہ کتھ تہ چھےٚ توجہ طلب زِ نیل مت پُرانس منز چھُنہ تتھ کُنہ بڈوٚک حوالہ میلان یمیک واتھ رام سنز۔ زندگیہ یا کُنہ کارنامس سِتۍ آسہ ہے۔

پتھ کالہ کٲشرِ منز۔ رام کلٹ مقبول نہ آسنچ بیاکھ شہادت چھےٚ یتہِ زِ اسہ چھُنہ تواریخن منز تتھ کُنہ تہ ویشنو مندرک ذکر میلان یتھ منز۔ رام سنز مورتی اسمژ چھےٚ۔ حالانکہ للتادتیہ سِند اس پرہاسپورس منز چھُ "راماسوامن[2]" ناوُک اکھ مندر اوسمُت مگر بقولہِ کلہن چھےٚ اتھ ویشنو سنز رۄپہ مورتی آسمژ لوسہ بنگٲلی تخریب کارو کیشو سوامن زانتھ پھٕٹرآومژ آس۔

بہر حال یمو کتھو تلہٕ چھُ ٹاکارِ سپدان زِ رامایُنچ کتھ مُروجہ آسنہ باوجود تہ ہیچ نہ رام سنز اوتاری شخصیژ تہ تسنز بھکتی کٲشرِ منز۔ ہندوستانکین مختلف علاقن ہنز ہِش مقبولیت پرآوتھ۔ امی ہیوکنہ کٲشر سونچ تتھ پاٹھی پانس کُن متوجہ کرِتھ یتھ پاٹھی یہ کرشنہ سنز تعلیمہ تہ تسنز اوتاری شخصیژ کوٚر۔ شاید ہیکہِ امیُک وجہ پزانہ کٲشرِ ہنز سیاسی جغرافیہ تہ تہذیبی لین دین تہ آسِتھ۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یتہِ زِ شاید دِژ نہ کٲشرِ ہندی غالب رِوایتی فلسفن ویشنو متس پوٚر پاٹھی پننی الگ پرزنتھ قایم کرنس اتھ وتھ۔

کٲشرِ زبانی منز تِل ادبی سوٚتھرس پیٹھ رام بھکتی ہنز۔ رِوایژ ہُند دس پزِ کاش رامن پننۍ "رام اوتار ژریت" لیکھتھ۔ تس میوٚل امہِ قسمچ بیانیہ شاعری باپتھ ماحول تہ سازگار۔ تس برو ہنہِ

---

[1] رجان ڈاوسن۔ اے ڈکشنری آف ہندو میتھالوجی۔ ص ۲۶۱

[2] بقولہِ کلہن للتادتیہ ہن کرناوِ پرہاسپورِ کھُداے یتہِ مندرکہ آثار دِرایہ۔ اتھ اوس دروازِ کنہِ کھنتھ زِ یہ مندر بناونو رامن تہ لکھمنن۔ امہِ مندرچ ویشنو مورتی آیہ پادشاہ سِند ذی اکس نوٚس مندرس منز تھاونہ۔ اتھی مندرس آو راماسوامن ناو تھاونہ۔ راجترنگنی۔ ش ۲۷۴

دھارِمک شاعری ہنز۔ غالب صنفہ آسہ واکھ، وژن تہ پدیم نبراکار دیہ بکھتی باپتھ موزوٗن آسہ۔ مگر تسندٕ زمانہٕ اوس مثنوی صنفہ ہندٕ عوٗرٕ وجک دور۔ اکہ طرفہ اوس تمن کاشرین شاعرن ہند اکھ کاروان یمیٚن آمُت یم فارسی بیتر زبانن ہندی منظوٗم داستان کاشر اوس کرُن لگیمتی آسی تہ دوٚیمہ طرفہ آسی پرمانند ہوی شاعر ینٚن بکھتہ باو باوہ باپتھ ہندوستانی دیومالاہن ہنٛز باوٕژ وسیلہٕ بناونس درپے۔ چنانچہ تسندی زٕ ہمکال پرمانند تہ محموٗد گامی ہنز۔ ن طوٗیل نظمن تہ مثنوی ین ہُند شوہراوس دوٗر دوٗرتام۔ ممکن چھُ زٕ تس ماحولس منز آسہ ہے دیہ بکھتی تہ شاعرانہٕ ذوق تھاوُن وٲلس یژ کاشس رامس تہ پرژھہ شاعری باپتھ وتش لوگمُت۔

دوٚیم کتھ چھےٚ تہ زٕ افغان دور حکوٗمتہ پتہ ییلہٕ کشیر سکھ تہ ڈوگرٕ اقتدارس تل آیہ تہ چھُ اغلب زٕ اتھ دورس منز آسہ ہے شُمالی ہندوستانکین سادن سنتن ہُند کشیرِ کُن روزوٗہر یوٗمُت تہ یمن سنتی آسہ ہے کشیرِ ہندین دیہ بکھتین تہ وہ تھن بہنگ موقہ میلان۔ چنانچہ پرمانند تہ وٚشنہ رازدانس متعلق چھےٚ تذکرٕ نوٚیسو یژھن وہ تھ بیٹھن ہنز۔ ذکر کرمُت۔ ممکن چھُ زٕ کرِی گامس تہ آسہ یہنز ہی صحبتہ زیرِ اثر رام کتھا کاشرٕ اوتھ کل گمژ۔

یہ کتھ تہ چھےٚ دلچسپ زٕ کاشر زبانی ہندی ساری رامائن چھہ ڈوگرٕ دورس منز۔ لیکھنہٕ آمتہ تہ ولیشنہ کون چھُ پرتاپ سنگھی۔ خوشنوٗدی یژاونہ باپتھ ینٛ رامائن تس کُن منسوٗب کرتھ تتھ "وشنوٚپرتاپ رامائن" ناو تھوومُت سے[1] ڈوگرٕ دورس منز ہے چھُ کشیرِ منز تمن کینژن اہم مندرن ہُند تعمیر تہ سپدمُت یم رام یا رامائنکین باقے کردارن ستی وابستہ چھہ۔ بہرحال ڈوگرٕ راجن ہنز رام بکھتی ہنز۔ دلچسپی سنتہٕ ورٲے تہ ہیکو یہ اندازٕ لگٲوِتھ زٕ اتھ دورس دوران آسہ ہندوستانکیو مختلف علاقو پیٹھٕ رام بکھتس ہُندجان تعداد کشیرِ کُن آمُت یمن ہنز۔ وہ تھ بیٹھہٕ ستی کشیرِ ہندین گونان تہ اوٚم دلچسپی یاد ہسپدیمژ آسہ۔ یمہ کہ نتیجہ کاشر زبانی منز تہ مختلف گونماتو رامائن لیکھنس قلم آزمٲیی کرِ کاشر زبانی ہندی رامائن چھہ جدید ہندوستانی زبانن ہندین بیشتر رامائنن ہندی پاٹھی

---

[1] کشیری زبان اور شاعری۔ جلد دو

ادھیاتمہٕ رامائنکس طرزس پیٹھ۔ ادھیاتمہ رامایݨ چھُ اکھ لوکٹ پُران یمیُک تصنیفی زمانہٕ ۱۴ہم صدی مانہٕ یوان چھُ۔ اَتھ پیٹھ چھُ ویدانت فلسفُک اثر تہٕ۔ اَتھ رامائنس منز چھِ رام تہٕ سیتا وِشنوٗ تہٕ لکھمی ہِندی اوتار مانہٕ آمتی۔ اَمہِ رامائنُک اہم مقصد چھُ رام بجرُک تہٕ رام لکھمی ہِندِ پرچار تہٕ پھہلاو۔ کاشرِ رامائن منز تہٕ چھِ رام تہٕ سیتا وِشنوٗ تہٕ لکھمی ہِندی اوتار ہاوِنہٕ آمتی تہٕ یمَن منز تہٕ چھُ ادھیاتمہ رامائن تہٕ تُلسی سٕنز شہرہ آفاق تصنیفہ "رام چرت مانسکی" پاٹھی رام لکھمی بجر بخشنہٕ آمُت۔ رام کتھایہ ہنز اولین تصنیف چھےٚ والمیکی رامایݨ۔ مگر امیُک رام چھُ اکھ ہیرو نہٕ کانہہ اوتار۔ سُہ چھُ اکھ بُلند اخلاق تہٕ بااصول انسان یُس نٕتیس مٲلی سُند بول بجا انہٕ باپتھ راجُت ترٲوِتھ وَن رٹان چھُ۔ آشنہٕ ہنز راچھ راوچہٕ باپتھ سوٗدرو ترٲوِتھ راوݨس ستی جنگ کران چھُ تہٕ عوامہٕ خوشی باپتھ ذٲتی مسرتن ہُند ہوٚٹ چیران چھُ۔ بودھ تہٕ جین جاتکن منز تہٕ چھےٚ رامہٕ سُند اَمہِ آدرش اخلاقُک تصویر برونہہ کُن یوان۔ مگر ادھیاتمہ رامائنس تام واتان واتان چھےٚ سمیہ پھِرس ستی رام سٕنز شخصیتھ انسٲنی سوتہہ پیٹھ ہیوٚر کھسِتھ اوتاری رٕتبہٕ پرٲوان تہٕ اَمہِ پتہٕ یم تہٕ رامائن تصنیف سپدی تِمن منز چھےٚ بیشتر پاٹھی رام سٕنز یہے شخصیتھ ووتلاوِنہٕ آمٕژ۔ ادھیاتمہ رامائنکی پاٹھی چھُ کاشرِ رامائن منز تہٕ خاص پاٹھی پرٕکاش رامائنس منز تہٕ رام تہٕ سیتایہ ہُند زنم پاپھ تہٕ ادھرمُک علامتھ راوُن مارنہٕ سببہٕ سپُد مُت۔

پرٕکاش رامنہٕ رام اوتارچہ کتھ ہُندینٕی ووتن یودوٚے زیادٕ ہٕہن ادھیاتمہٕ رامائنس ستی رلان چھُ ووٚن گوو ادھیاتمہٕ رامایݨ ہیتھ پاٹھی راماننج نہٕ وِشنوی فلسفہٕ برٕتھ چھُ پرٕکاش رامنس رامائنس منز چھنہٕ تِمہٕ حسابہٕ فلسفی زاوی جار پُچکاوِنہٕ آمتی۔ دوٚیم کتھ چھےٚ یہ تہٕ زِ پرٕکاش رامن چھےٚ اَمچہٕ دٔلیلہٕ منز تہٕ کُنہٕ کُنہٕ الگ رنگ کھارنٕک کوٗشش کٔرمٕژ تہٕ کیہنہٕ تِم قصہ تہٕ دٔلیلہٕ تہٕ شامِل کٔرمٕژ یم نہٕ ادھیاتمہ رامائنس منز چھےٚ مثلن" لوکوٚش زٕربت "یُس اَتھ ستی ضمیمہٕ رنگی شامل چھُ، چھُنہٕ والمیکی یا ادھیاتمہ رامائنس یا بیٚیہ کُنہٕ قدیم رامائنس منز شامل۔ یمَن منز چھِ صرف ستھ کانڈ یا حِصہ مگر یم رامایݨ مختلف جدید ہندوستٲنی زبانن منز شُرٲہمہ سٕداہمہ صدی دوران لیکھنہٕ آیہ تِمن منز چھِ اکثر ستو بجایہ اَٹھ کانڈ تہٕ اَٹھِمس کانڈس منز چھِ لوکوٚش زٕربٕکی واقعات شامل کرنہٕ آمتی،

یمن منز خاص پاٹھ لو یہ کوشش سُندرام نہ تہندین باین ہِنز کرنہ آمژ جنگُک ذِکر اہم چھُ یِیلہِ زن یہ ذکر چھُنہ کُنہِ تہ قدیم رامائنس منز درینٹھ گژھان۔ اوٹھمہ صدی ہندی مشہور سنسکرتھ ناٹک نگار بھوبھوتی ین چھُ پننس "اُترام چرت" ناٹکس منز یہ جنگ ہووُمت۔ ممکن چھُ زِ ہندوستانکین مختلف علاقن منز مُروج لُکہ کتھن منز تہ آسہ ہے اَمہ جنگچ ذِکر یُس پتہ مِسو رامائن لیکھن والیو تہ پننین رامائنن منز شامل کوٗر۔ یہ ذِکر آسہ پرٛکاش رامن تہ کُنہِ بوٗزمُت یا پوٗرمُت تہ یہ پاٹھ کوٗرتمو تہ پننس رامائنس منز یہ الگ پاٹھ لوکوشس ژُربت عنوانس تحت شامل۔

پرٛکاش رامنس رامائنس منز چھِ رتھی بیٚیہ تہ کیہنہ قصہ تہ کتھ یم تہ والمیکی یا ادھیاتمہ رامائنس منز پتہ چھِنے۔ یمن منز چھِنے اکھ ڈلیل سیتایہ ہندِس زِنمس متعلق۔ اَتھ متعلق چھِنے بیاتے زبانَن ہندین مختلف رامائنن منز تہ وکھ وکھ ڈلیلہ نظر گژھان۔ مثلن تبتی تہ کھتانی رامائن تہ جاواکہ "سیرت کانڈ" مطابق چھِنے سیتا راون تہ مندودری ہنز کوٗر یوسہ جیوتشن ہنز یتھ پیشنگوئی مُطابق ژِ بالغ سپدِتھ یِنہ سو راون سنز معشوقہ تہ تہندِ خاندانچ تباہی مُندوجہ صوٗندقس برٛتھ سمندرس دٲرِتھ دِنہ آمٕژ اَس تہ چھیکرس اَس راژہ جنکس نش واتمژ یمیٚو سو پننہ کوٗر ہندی پاٹھ رٔچھ۔ ادبُت رامائن، آنند رامائن تہ کھمندرس دشم اوتارس منز تہ چھِنے سیتایہ ہُندراونس نش بچہ یتہ سنتان واتنچ ذِکر یوسہ یتہ پیشنگوئی ہندِ خوفہ کنہ مندودری ہندِ مشورِ راژہ جنک ہندس علاقس "میتھلایہ" منز زمینہ تل وٚوبراونہ یوان چھِنے تہ یتہ تس راژہ جنک حاصل کرانِ چھُ۔ "دشرتھ جاتک" میلشاچہ "رام سیری تہ انڈونیشاچہ "رام کیلنگ" کتھ مطابق چھِنے سیتا دشرتھ سنز کوٗر یوسہ راونس نش واتھ یتہ تہندِ ڈسی سوٗدرس دٲرِتھ دِنہ یوان چھِنے۔ پرٛکاش رامنہ رامائنہ مُطابق تہ چھِنے سیتا راون تہ مندودری ہنز کوٗر ووں گوو اتھ منز چھِنے کشیر ہندِ ماحولہ مُطابق سوٗدرہ بجایہ کولہ ہنز ذِکر اتھ منز تہ چھُ راژہ جنک سیتایہ زمین کھٔنتھ میٚژ تل کڈان۔

کاشرس رامائنس منز چھِنے مہراونہ ڈسی رام تہ لکھمن ترٛوٗرِتھ پاتال وانتاونچ ڈلیل یتہ

۵ یہ ہیکہ مقامی اثر آسِتھ تہ ممکن چھُ زِ یمن تہذیبن منز آسہ ہے تتھ دورس منز INCEST جایز۔

رتن ہنومان تہنس نیچوس ستی جنگ کرنہٕ پتہٕ موکلاوتھ انان چھُ۔ یہ دلیل تہٕ چھےٚ نہٕ ادھیاتمہ رامائنس منز۔ بلکہ چھےٚ یہ دلیل سنسکرت زبٲنی ہندِ ہے "آنند رامائنس" منز۔ ووں گوو اتہٕ چھ مہراونہٕ بدلہٕ اہراون یُس صرف لکھمنس ژۄر نِتھ پاتال واتناوان چھُ۔ اَتھ منز تہٕ چھ ہنومان ہندین شرین ہند ذکر۔

پرٛکاش رامنس رامائنس منز چھُ سیتایہ ہنز زام ہند قصہ تہٕ یمہ مطابق رام سیتایہ زام ہنز سازشہ کِنۍ اجودھیاہ منز کڈتھ ژھنان چھُ۔ "رام اوتار ژرِتک" ترتیب کار ڈاکٹر بھی ناتھ پنڈت چھُ اَتھ پرٛکاش رامنہ تخلیک پاداوار مانان یُس نہٕ صحیح چھُ۔ یہ قصہ یودوے والمیکی، ادھیاتمہ تُلسی یا بییہ تہٕ بیشتر رامائین منز چھُنہٕ اما پوز الیہ یتھے ہیو قصہ چھُ بنگالی زبٲنی ہندس مقبولہ عام رامائین "کرتی واس" رامائنس منز وکھناونہٕ آمُت۔

"رام اوتار ژرِت" چھُ سانِس مثنوی ادبس منز شامِل مگر یہ چھُ بیشتر مثنوی ادبہ نِشہ یمہ لحاظہ وکھرٕ زِ یہ چھُنہٕ کُنہ اکہ مخصوص داستانک ترجمہ۔ یعنے یمۍ رامائین تصنیف کرنہٕ ورژ چھُنہٕ پرٛکاش رام بییہ زبٲنی ہندس کُنہ مخصوص رامائنس پۄرٕ تابع رود مُت۔ بلکہ چھ تمۍ اَتھ منز تمہ مختلف کتھہ تہٕ شامِل کرمژ یمہ تمۍ مختلف وسیلو اوریورۍ پرمژٕ یا بوزمژٕ چھےٚ۔ ووں گوو کُلس پیٹھ چھُ امہ رامائنک مزاز یمہ حسابہ ادھیاتمہ رامائنس ستی ہشر تھاوان زامہ کین مختلف کردارن چھُ مذہبی تہٕ عقیدتی مُل مایہ کھارنہٕ آمُت۔

مختلف زبانن ہندین کینژن رامائین منز چھُ شاعرانہ فنک تہٕ کھتی ہند رنگ اکھ تیُتھ ماری موند سنگم زمین چھےٚ تہنس ادبس منز اکھ پوشہ ونی حیثیت حاصل۔ شاعرانہ فنس منز چھُنہٕ والمیکی رامائین تہٕ کم کینہہ۔ بلکہ چھُ اَتھ منز والمیکی سُند مقصدے ترِشہ شاعری پیش کرنی اوسمُت یوسہ لوکن دُنیاوی زندگی ہند پوو دولابو نِشہ ہنا موکجار دِتھ ٹھدِ پایچ مسرت تہٕ فرحت بخشن ہے۔ دھارمک نوعیتکی بییہ تہٕ کینہہ رامائین چھ پننو فنی خوصوصیژو موجب پننہٕ زبٲنی

---

[۱] آشا بھارتی، رامائن کے ناری پاتر (ہندی) ص ۲۵

ہندی نمایندہ فنپارٕ بیمہٕ ۔ ہندی یُک "تُلسی رامائن" بنگالی "کرتِ واس رامائن" مراٹھی "سیتا سوئمبر"
آسامی "مادھوکندلی رامائن" تامِل کمب (KUMB) "رامائن تہٕ تیلگو "دیو پد رامائن" چھےٚ یِتھ کینہہ
مثالہٕ ییٚمن سۭتۍ تہٕ کأشری رامائن ییٚمن منٛز ۔ پرکاش رامُن رامائن تہِ شامل چھُ مقابلہٕ کرِتھ ہیکو تکیازِ ییٚمن
منٛز چھےٚ کینہہ فنی لغزِشہٕ ۔ مثلن نی تو "وِشنو پرتاپ رامائن" اَمِ رواُنی چھےٚ اُردو، پنجابی، ڈوگری تہٕ
کأشر زبأنی ہندٕ سۭتۍ سأنۍ ورتاوٕ سۭتۍ متأثر سپدمٕژ تہٕ باسان چھُ قأری تہٕ یہ سوچان سوچان راوان
زِ یہ کمہِ زبأنی ہنٛز تخلیق ماہُنُن ۔ چنانچہ وِشنہ کول چھُ رامائن کأشرِ ن شعرن منٛز وکھناوہٕ بجایہ پرتاپ
سِنگھ خوش کرنُک مقصد لوٚٹھ اوسمُت ۔ اَمہِ سبب چھُ تمۍ پننہِ فن اَتھ مقصدس پیٹھ قوربان
کوٚرمُت ۔ ووٚں گو واَتھ مقابلہٕ چھُ پرکاش رامُن رامائن سرس ہیٚچھ زبان شوٚزتہٕ سہل پہٕ چھےٚ ۔ کُنہ
کُنہ یوٚدوے سنسکرت تہٕ فارسی زبأنی ہند لفظُت تہِ ورتاوہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ عام فہم تہٕ عام
ورتاوُک ۔ اَتھ منٛز چھُ محاوراتی زبأنی ہند ورتاو تہِ ۔ پرکاش رامنۍ خوٚبی چھےٚ یہے زِ اَمۍ چھےٚ
وٕہر زبأنی ہند بوٚر زورٕ پأنس کھوٚرمُت ۔

سہل زبأنی ہندس ورتاوس سۭتۍ چھےٚ پرکاش رامن تہٕ وٕہرٕ ڈلیل کأشر ماحولہ تہٕ
فضا سۭتۍ رنگنیچ کوشش تہٕ کرمٕژ ۔ کأشری تیرتھ، یوسہٕ ذأژ، باغ، بال تہٕ ون ہندیسہ ورتاو
کرِتھ چھُ اَمۍ نہ صرف اجودھیا تہٕ ڈنڈک وَنس منٛز کأشر ہوا نوا تہٕ فضایاد کوٚرمُت بلکہ چھُن رامائن
کِین کردارن تہٕ کأشر سکونت دِنٕچ کوشش کرمٕژ ۔ مثلن سیتایہٕ ہُند زمینس تل غأب گژھنُک
قصہ شنکر پورکس تنکرناگس سۭتۍ وابستہ کرِتھ چھُن اَتھ کأشر رنگ کھوٚرمُت ۔ شاید چھُ شوٚزتہٕ
سہل زبأنی بییہ مقأمی ماحول وۄتلاوٕ نہ موجوٗبے اوہند رامائن کأشر مثنوی ادبکہ برٚڑ امبار منٛز الگ
سپدتھ تمن کینژن مثنوی ین منٛز شأمل سپدمُت ییٚمو عوامی سوٗتھرس پیٹھ مقبولیتھ پرٛاو ۔

ووٚں گو وضٲوری چھُنہ زِ کانہہ مقبول فنپارٕ کیا آسہ فنی لحاظہٕ بُلند ۔ یِتہ چھُ پرزرتہٕ
پرکاش رامُن رامہٕ اوتار چھُ شعری خصوصیژ وبجایہ پننہٕ عقیدتی تہٕ بھکتی نزاہٕ موجب مقبول
سپدمُت تہٕ پرکاش رامُن مقصد تہِ چھُ نہٕ شأعری تخلیق کرنہٕ کھوتہٕ پننہِ بھکتی جذبہٕ باوُن اوسمت ۔

کِنہٕ کنہٕ چھُ تس یُہئے مقصد نپنین فنی صلاحیژن ہُند یُہ پوٗرٕ اظہار کرنس حایٕل سپدمُت ۔ رامائنُک پلاٹ چھُ پننہٕ بڈ و ہو موجب تیُتھ زٕ اتھ منز چھہ رزمیہ کیٖ گون تہٕ تہٕ رام تہٕ سیتایہ ہندس ہجر وصلُکس داستانُکس صوٗرتس منز بزمیہ گون تہٕ ۔ وونٕ اگر اَمہٕ ڈٲلیہ ہنز باونھ کٲری باپتھ چھہ ابزمیہ انداز ورتاوُ و اَمیُک مجموعی توثر سپد متأثر تہٕ ہرگاہ چھہ ارزمیہ انداز ورتاوُ و تمہٕ ستیٖ تہٕ سپد شاعرانہٕ فنس منز خلل ۔ پرٛکاش رام تہٕ چھُ چھہ ابزمیہ اندازس پور رٔوِ دمُت یمہٕ سیٖہ اَمہٕ ڈٲلیہ ہنز تاثراتی توژھ پوٗر پاٹھی برونہہ کُن چھنہٕ آمژ ۔ ہرگاہ تمیٚ کانہہ درمیانی وَتھ ژٔھنڈٕ آسہہ ہے ممکن چھُ زٕ تسنز شاعری آسہے زیادٕ جاذب نظر ۔

پرٛکاش رامن چھُ کنہٕ کنہٕ قصہٕ غارضوٗری طور ژھوٗٹرِو ومُت تہٕ کنہٕ کنہٕ زیٹھ وومُت ۔ مثلن دوٚبی ہنز غابتھ تہٕ کھرِ دیو ستہ جنگ چھُ اشارتاً باونہٕ آمُت ۔ اَملیا یہ ہنز ڈٲلیل چھنے بلا وجہ دوٚہ یہ لیٚژ دِنہٕ آمژ ۔ کینژن کتھن منز چھُن ڈلُل تہٕ تھوومُت مثلن تارا آسا سگریو ہنز آشنیہ رٔکنہٕ وٲلی ہنز ۔ یہِ چھُنہٕ واضح سپدان ۔ باناگن ہنز ۔ ماجہ سوٗرسایہ ہُند ذکر چھُن مُذکرس منز کوٚرمُت کینژن مکالماتی شعرن منز چھنے اَکی سے خیالس ٹانٛھ کھارنہٕ آمژ یوسہٕ غارضوٗری طوالتُک باس دِوان چھنے ۔ یہِ طوالتھ چھنے کینژن لیلاین منز تہٕ ۔ اَکھ منز موجوٗد لیلاین ہُند گنجار چھُ یہ کتھ برونہہ کُن انان زٕ پرٛکاش رامُن مقصد چھُ رامائنچ ڈٲلیل وَننہٕ کھوتہٕ پننہٕ بھگتی لولُک اظہار کرُن اوسمُت ۔

وون گوو اَمہٕ ساری باوجوٗد تہٕ چھنہٕ اتھ منز تِتھین شعرن ہنز کمی یم دلکش واقعہ نگٲری تہٕ جذباتھ نگٲری ہندی رٕتی نموٗنہٕ چھہِ ۔ راونہٕ ہندِ ڈسی سیتا ژوٗر رٕنگ واقعہ، سیتایہ ہنز اگنی پریکھشا تہٕ رامہٕ سُند لوٚنہٕ کوشُ گوڈنچہ لیٚژ وُچھنگ منظر چھہ جان شاعری ہندی نموٗنہٕ تہٕ پرٛکاش رامنہٕ فنی صلاحیژ ہُند انداز چھُ یتھی وِے شعرٕ وتہٕ سپدان ۔ یتھی ہوی شعر نموٗنہٕ نظر تل تھاوِتھ ہیکون "رامہٕ اوتار ژریت" کاشر مثنوی ادبُک اکھ موٗلی فن پارٕ مانِتھ تہٕ ہرگاہ کُنہٕ فن پارُک موٗل بیتھ کتھ پیٹھ آسہٕ زٕ یہ کتھ حدس تام چھُ فاری ین ہُند دل رٕٹنس تا وتھ ہیکان نیٖلہ چھُ " رام اوتار" کاشرِس

ادبس اکھ بیش بہا ہرزر تکیازِ یہ چھُ کاشِر مثنوی ادبُک سُہ فن پارٕ یُس پٔتمیو ترٛیو ژورو ہیر یو پیٹھٕ
کیہہ وری بروٚ نہہ تام وندچین ترنین راژن منز الہ پلہ پٔرتھ بٔڑ گرس منز پرنہٕ یوان اوس یمہ ستۍ
کأشرِن ہندِس رام کتھا یہ ہندِس موٚنڈیمتِس یادِ وُترِس نوٚیین لُج ییمہ کہ نتیجہٕ رامایٔن کین اساطیرن
واقعاتن، حادثن تہٕ منظرن ہُند دُنیا سانہِ دوہہ دِشکہِ بول چالک تہٕ ووندہ باوژ ہُند اُتھ ہین
انگ بنیو۔ چنانچہ پرکاش رامس بروٚنہہ کأشرِ شأعری پیٹھ اگر نظر ترٛاوو شاید گژھنہٕ اُسہ شیخ العالمس
ورأے کُنہِ تہٕ رامایٔن کین کردارن تہٕ قصن ہُند تخلیقی ورتاو نظرِ۔ مگر پرٛکاش رامس پتہٕ کُنہٕ
یوٚدوے اُسی ییٚنِس ادبس چاہے شأعری آسہ یا نثر، ژھانڈ دِموا اُسہ گژھن رامایٔن ماخذ چین
علامژن، تلمیحن تہٕ تمثیلن بیترِ ہنز مثالہ ہا نظرِ یم یہ کتھ ہاوان چھِ زِ کأشرِس منز چھُنہٕ رامایٔن
چھُرا اکھ مثنوی بلکہ چھےٚ ووٚنی اَیِہ اُڈرن سأنِس سوٚنچِس تہٕ فکرِس ستۍ ترِ۔

# اقبالؔ تہٕ آزادؔ

## اکھ مختصر تقابلی جایزٕہ

ڈاکٹر رُخسانہ تبسّمُ

کُنوہمہٕ صدی ہُند دور اوس تمام عالمہٕ خاطرٕ سٹھاہے اہمیت تھاوان۔ یہٕ دور اوس انتشارُک، بغاوتُک تہٕ انقلابُک دور۔ دٔرس جہان اوس نَوِن خاین تعبیر ژھارنس منز محو۔ رٔوسکہِ اشترٲکی انقلابن اوس سورُے دُنیا پانس سِتۍ آوُرمُت۔ باقے ملکن ہنٛدی پأٹھۍ اوس ہندوستانس پیٹھ تہٕ اَمیُک اثر پیومُت۔ سیٲسی، سماجی، تہذیبی تہٕ علمی تحریکہٕ آیہٕ بارسس۔ ہندوستان اوس انگریزن ہندِس قبضس تَل۔ لُوکَن ہندِن جذباتن سِتۍ اوس گِندنہٕ یِوان مختلف نوعیتکۍ ٹھکس دی دی آسی لُوکھ یتھرس لاریمتۍ۔ رٔوسی انقلابس تحت ییٚنہٕ واجِنہِ اتھ اشترٲکی یا ترقی پسند تحریکہِ منز باسے یہٕ لُوکن کٔشش تہٕ پریتھ فرقس سِتۍ تعلق تھاوَن وٲلۍ لُوکھ گییہٕ متفق پأٹھۍ اتھ تحریکہِ سِتۍ وابستہٕ۔ اَتھی منز۔ ؤتھی کیہنہ نفر یموٚ زِن سیٲسی تہٕ سماجی شعبن منز رہنماہٕ رول ادا کوٚر۔ یموے منز اوس اقبالؔ تہٕ اکھ۔ لُوکن بتر بدحالی، استحصال، انسانیت سوز تہٕ اخلاق سوز واقعہٕ وُچھتھ آس اقبالس خوٗنس گرٛیھ لگان۔ تمہٕ حالات و واقعاتن ہُند جایزٕہ رُودُس بڈ سنجیدگی سان ہوان — ابتداہس منز رٗو اقبال لولہٕ شاعری

کران، مگر وقتُک تقاضہ تہٕ موقعٕ نزاکت وُچھتھ پھیرٕ تِمو پننہٕ شاعری ہُند روخ تحریکہٕ آزادی کن تہٕ لوگ ملی نغمہٕ تہٕ آزادی ہندی باتھ گیوںہٕ۔ تِمی پیچھ تمہٕ نظمہٕ یِموٕ منزٕ حب الوطنی ہُند جوش تہٕ ہمت بأدٕ آس گژھان۔

اقبالن کرٕ زنگارنگ موضوعات پیش۔ نٔوی نٔوی استعارہ، تشبیہات، تلمیحات وغارٕ پیش کرٕتھ کورُن زبانہٕ تہٕ برُزر تہٕ پننہٕ شاعرانہٕ تخیلہٕ ستی کرِن لُوکھ اکس نٔوِس ماحولس ستی واقف۔

چونکہ اقبال اوس بذأتی کأشر۔ کٔشیرٕ ہندین حالات و واقعاتن نِشہ باخبر روزتھ رُود اقبال اکہٕ نٔہ بٔیہٕ زنگی کأشرین ہندِس حقس منزٕ آواز بلند کران۔ کأشرین ہنزٕ بدحالی، محکومی، افلاس تہٕ ظُلم زیادتی ین ہند اوس اقبالس مشاہدہ۔ یہ سورُے وُچھتھ اوس سُہ دل برداشتہٕ گژھان۔ کٔشیرٕ ہنزٕ کتھ دُنیہکین تمام ایوانن منزٕ واتناونہٕ خاطرٕ چھُ یِمہٕ آیہٕ پننین جذباتن ہُند اظہار کران۔

باد صبا اگر بہ جینوا گزر کنی      حرفے زما مجلس اقوام باز گوے

دہقان وکشت وجوے خیابان فروختند

قومے فروختند وچہ ارزاں فروختند

نہٕ صرف یُتے یوت بلکہ آیہٕ لاہورس منزٕ اکھ کمیٹی تشکیل دِنہٕ یتھ "انجمن کشمیری مسلمانان" ناو تھاونہٕ آو۔ اتھ منزٕ پوٗر اقبالن کٔشیرٕ پیٹھ پنُن کلام۔ امہٕ علاوٕ سپد اقبالنہٕ سربراہی منزٕ اکھ ہیلہ پایُک جلسہ منعقد یتھ منزٕ کأفی تعدادس منزٕ لُوکو شرکت کرٕ۔ سُہ اوس عملی طورنہٕ تحریک آزادی کشمیرس ستی وابستہ۔

ع[1] "لاہور میں کشمیریوں کی فلاح وبہبود کے لئے جو انجمن سرگرم عمل تھی۔ اس کے جنرل سیکریٹری علامہ ہی تھے"۔

---

[1] شیرازہ، اقبال نمبر جلد ۱۲ شمارہ ۳، ۱۹۷۳ء جموں وکشمیر کلچرل اکادمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز صفحہ ۱۸۳

تسٕ اوس وِزِ وِزِ کٲشِرٕ ہُند خیال یِوان ۔ غولامانہٕ زندگی ، انتشارُک ماحول ، مایوسی ہٕنہٕ غُربت ، ظلم ، جبر ہوٚی حالات اَسی تسٕ وَچھ کوٚران تٔوے تہٕ چھُ خُدایہ ہندِس بارگاہس منز دست بدعا سپدِتھ منگان :

تو ڑ اس دستِ جفاکش کو یارب
جس نے روحِ آزادیٔ کشمیر کو پامال کیا۔

افبا تسٕ اوس کٲشِرِ ستی سخ محبت تہٕ کاشُر آسنس پیٹھ اوس فخر کران تہٕ تمیک اظہارٕ تہٕ اوس سیٹھاہ والہانہٕ اندازس منز کران ۔

تمٕ زِ گلے خیابانِ جنتِ کشمیر

گویا یہ دور اوس سُہ دور یێلہٕ زن ساری ہے ہندوستانس منز اقبالنہٕ شاعری ہُند شوٗہر چھُ آسان ۔ جدوجہد آزادی ہنز تحریک چھِ اَکس نٔوس مرحلس منز اژنی ہوان آسنہٕ ۔ ( انگریزن خلاف ) یِموے چیز وکوٗر آزادُن ذہن مُتاثر ۔ مہجورس تہٕ آزادس برونہہ اَسی کاشُر شاعری منز صوفی تہٕ سری نظریات تہٕ فلسفہ بیان یِوان کرنہٕ مگر آزادن تہٕ مہجورن دیُت کاشُر شاعری نوٚو رنگ تہٕ عام مسائل ، زندگی ہندی مختلف موضوعات تہٕ زِندٕ زُو کردار آیہٕ پیش کرنہٕ ہیت ، موادتہٕ اوسلوٗبس منز آو نوٚیر تہٕ وُسعت ۔ آزادس برونہہ یوٚدوے مہجور لوٗکن ہندِ بیدار گژھنچ بشارت چھُ دِوان یہ وَنِتھ زِ ۔

ہتہ گٕنڈ گوس بیدار کُنن کنتِہ بولُن گوم

مگر مہجور روٗد زیادٕ تر رِواجی شاعری نٔوس پیرایس منز کران تہٕ یتھ پاٹھی چھُ سُہ کُلس پیٹھ رومانی شاعرن منزے گنزرادنہٕ یِوان ۔ آزاد تہٕ روٗد گوڈٕ گوڈٕ مہجورنس نقشِ قدمس پیٹھے پکان مگر جلدے کوٚر تمی اَمہِ نِہجہِ نِسبتہٕ انحراف بلکہ دٔنو بغاوت کٔرن تہٕ لوٗکن منز سماجی شعور پاٗدٕ کرنہٕ تہٕ لوٗکن بیدار کرنُک ذریعہ بناوٕ تمی پننی شاعری ۔

وٕدتھ پانہٕ پننہِ سنز کرٕ ن پانہٕ پنن رہبر        اوتارتے پیغمبر تمٕ اَسی یِوان پتھ کالے

تُل میانی پانٕ سارِ سمیک بور کلس پیٹھ
ملکن تہٕ فلکن لرزٕ وۄتھ ڈیشتھ یہٕ جگر میون

پھیرمہٕ پوٚت تُل قدم نیر ژٹھتھ یم حجاب
یی ونان انقلاب اُکھۍ چھ دپان انقلاب

پتھ پاٹھۍ کوٚرن لوکن ہندین کنن اکھ نوٚو آلو۔ ١٩٣١ ءس منز اَس کشیر منز مہاراجس خلاف تحریک وۄتھمژ۔ اتھ تحریکہِ ستۍ آسۍ شیخ محمد عبداللہ، غلام رسول کامگار، غلام محمد عشائی چودھری غلام عباس تہٕ مولانا مسعودی ہوی کینہہ بٔڈی منہنۍ لیکھی منۍ نوجوان وابستہ گمژۍ۔ ١٩٣٦ ءس منز آیہٕ "انجمن ترقی پسند مصنفین" وجودس۔ تمام ادیب کیو شاعر سمے یہٕ تہٕ ہیوٚتکھ زٕلتھ پیلتھ بروہہ پکن۔ یہٕ اوس سُہ وق ییلہِ لوکن پیٹھ ظلم و جبر حد رٕوس اوس بیدان تہٕ لوکن ہندین دِلن منز اوس شدید نفرتُک جذبہٕ وۄتلیومُت۔ صرف اَس تھ زیردۄخ ضرورتھ تہٕ یہٕ کام پھٹے ترقی پسند تحریکہِ ذریعہِ انجام دِنہٕ یِوان یوسہٕ لوکن پھیکہ پھیکہ برا آمہٕ۔ یہٕ زن گوڈ وۄنہٕ آو تہٕ آزاد اوس گوڈٕ گوڈٕ لولہٕ شاعری کران مگر پینہٕ وطنُک، ثقافتی، سماجی تمدنی تہٕ سیاسی استحصال وُچھتھ اوس تس وونی زُلف تہٕ خال مشیومُت۔ نوجوانن ہُند بے دردانہٕ قتل، ہسکیئن تہٕ مظلوٚمن ہنز آہ و زاری ستۍ اوس آزادُن دل مجروح گوٚمُت۔ تمِس اَس اکھ عجیب بےٚ قرأری تہٕ آخرس بنیہ یہٕ پُہے بےٚ قرأری آزادنہٕ انقلابی شاعری ہُند سبب۔

آزاد رٕوٚد سنجیدگی سان اقبالُن مطالعہ کران۔ تمۍ سمجھ اقبال پوٚر پاٹھۍ۔ تمۍ سُند کلامہٕ باسیوس دٕیہٕ وُن تہٕ تٔہندی اثرات رٕوٚد قبوٗل کران۔ آزادن زٕون بےٚ کسی تہٕ بے بسی پیٹھ واویلا کرنہٕ بجایہٕ مُناسب لوکن منز۔ غارت تہٕ جوش پادہٕ کرُن۔ ہرگاہ یہٕ سیٹھاہ مشکل اوس مگر آزادن دیت جرأت تہٕ سان انقلابُک نعرٕ۔

پان پنن پرزِنا وچھاوِ پنن لولہِ باغ
داغِ غولامی مٹاوِ ہاوِ پنن دل دماغ

پننہِ وطنہٕ کِین لوکن اوس آزاد بیدار تہٕ ہشیار گژھنہٕ باپتھ وَنان۔ خاص پاٹھۍ نوجوانن ہمیٚن ہندِ من اُتھن منز پننہٕ وول وتھ چھُ آسان زِ یہ چھُنہٕ موقعہٕ لرتزاونکھ یا شوقنگھ بلکہ پننین کوٹھین پیٹھ وۄتھنکھ۔ یمو جوانوٚ پننہِ وطنہٕ خاطرٕ زُو دِتی تِمن ہُند خواب پورٕ کرنُک۔ اقبالنی پاٹھۍ اوس آزاد تہٕ یمن جوانن پننہِ عظمتُک تہٕ پننہِ اہمیتُک احساس دِوان وَنان۔

اقبال ؎

عقابی روح جب بیدار ہوتی ہے جوانوں میں
نظر آتی ہے اُنکو اپنی منزل آسمانوں میں
نہیں تیرا نشیمن قصرِ سلطانی کے گنبد پر
تو شاہین ہے بسیرا کر پہاڑوں کی چٹانوں میں

آزاد ؎ گُلن منز چھکھ تہٕ ترأوِتھ لرِ بچھاوِتھ مخملُک بستر
گُلن تہٕ گلشنس اندر گژھاں چھا شیرِ نر پیدا

دوہہ نوے چھِ مسلسل عمل تہٕ جد وجہد کی قایل نہ زِ جموٗدکی، آرام طلبی تہٕ سستی ہندی۔

اقبال ؎

میر و سلطان نرد بازند کعبتین شان دغل
جانِ محکوماں زتن بردند و محکوماں بخواب

آزاد ؎ برونہہ پکُن زندگی پردِ ژٔہتھ دم بدم
شان خدائی تہٕ یودٕ پرِدہٕ بنی برمہ غم

پھیر مہ پوٗت تلِ قدم نیر ژھُو ٹھ یم حجاب -
یِی وَنان انقلاب اَتھی دپان انقلاب

اقبالؔ ؎

ہند کے شاعر و صورت گر و افسانہ نویس
آہ بے چاروں کے اعصاب پہ عورت ہے سوار

آزادؔ ؎

صد حیف ہزار افسوس تس دردِ غزل خانس
یس خام خیالن پیٹھ آرام دِلگ راوے

اقبالؔ ؎

سرما کی ہواؤں میں عریاں ہے بدن اُس کا
دیتا ہے ہُنر جس کا امیروں کو دوشالہ

آزادؔ ؎

اُسی چھوِ کہ لد جگر ہیتھ وَدی وَدی چھ خون ہاران
تمہِ خونہ سون قاتل رنگی رنگی دوشال آسیا

پروفیسر شفیع شوق چھُ اقبالُن تہٕ مارکسی فلسفُک اثر آزادس پیٹھ ہاوان لیکھان

ز " اکہِ طرفہ اوس آزاد کارل مارکس ہندِ فلسفہٕ نِشہِ
زبردست متاثر۔ مگر بیٚیہِ طرفہ اقبال سُندِ
جوش آفرین شاعری ہُند مداح - یم زٕ اثر چھِ
رٕلِتھ تمی ہِنزِ شاعری انقلابی بناوان"

لہ کاشر ادبُک پوٗت منظر، کشمیری ڈیپارٹمنٹ ۱۹۷۹ء صفحہ ۱۲۴۔

آزاد ؎

کُنے پرواز طوطس بُلبُلس کاوس تہٕ شہبازس
ولیکن وچھ تفاوتھ کِتھ پروازس تہٕ پروازس

اقبال ؎

پرواز ہے دونوں کی اسی ایک فضا میں
شاہین کا جہاں اور ہے کرگس کا جہاں اور

اقبال ؎

وہ جوئے کہستاں اچکتی ہوئی
اٹکتی مچلتی سرکتی ہوئی
رُکے جب تو سل چیر دیتی ہے
پہاڑوں کے دل چیر دیتی ہے

آزاد ؎

بٹھن، بیرن سنبن ووگنبن ژٹھ والاں چھُس بوشہٕ
درین تکرین ٹھرین سِری ٹیٹھی گرٕ ھتھ ڈالان چھُس ہوشہٕ

"رٕ ہیچو رس مقابلہٕ چھُ آزادن یُسلہ پاٹھی اقبال کاشرس اندر ورتوومُت۔
اُمی سندِس شیطان ہندِس تصورس تہٕ علامژ، اُمی سندین علم تہٕ عشق کین
خیالاتن، اُمی سنز حرکت وانقلاب واجبہٕ زندگی ہندین نظمن بلکہ اُہندِس
شاہر اسلوبس تہٕ ورزن نام چھِنے یِدِس بیٹھ پوٚد ترٛاوِتھ کوشش تہٕ گوڈنی
اُمی کرمژ۔ ظہرا اوٚکنی زِ آزاد اوس باشعور تہٕ باگنی ذہن ہیتھ آمُت تہٕ
تمہِ سندی ذہنن لوٚب اقبالس نش سگ تہٕ رنگاہ۔"

---